# سۄنٛبرن تہٕ سام

کشمیری بھاشا سنٛسکرٛتی پرٛتِشٹھان (سمپرٛتی) جموں

# سۆنٛبرن تہٕ سام

(بے وطن شاعرن ہٕنٛز نمتہٕ پَتٕج

نُمایندٕ شاعری تہٕ سام)

## سٔتی سر جلد 8

ترتیب کار:

رتن لال شانؔت

مکھن لال کنٛولؔ

رتن لال جوہؔر

کشمیری بھاشا سنٛسکرٛتی پرٕتشٹھان (سمپرٛتی) جموں

# فہرِس

سۄنبرن تہٕ سام : ستی سر کتٲبی سِلسلچ اٹھم کتاب

گوڈنیک ایڈیشن : 2007

مول : ترٛے ہتھ روپیہ



ڈی.ٹی.پی : IILS D.T.P Centre

رِنکو کول # 9419136369

سرورق : سَن پھلوٗر (گُلِ آفتاب) وان گوٗاگ

کتاب میلنگ پتہٕ :

۱۔ 904۔ سُبھاش نگر، جموں 180005۔

۲۔ 425۔ توماں کالونی، بوڑی جموں 180002۔

۳۔ کتاب گھر کنال روڈ جموں۔

۴۔ کتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر، کشمیر۔

**SONBRAN TE SAAM** : Anthology of post-1990 and representative poems of displaced Kashmiri poets-(SATISAR, Vol-VIII), Price : Rs.300/- Editors : R.L.Shant, M.L.Kanwal, R.L. Jowhar. Publishers : SAMPRATI, © SAMPRATI JAMMU.

Avilable at : 904, Subash Nagar, Jammu 180005
425, Tomal Colony, Borhi 180002
Kitab Ghar, Jammu/Srinagar.

# کینٛہہ لفظ

کشمیٖری بھاشا ایوم سَنسکرٛتی پرٛتِشٹھان یعنے سمپرٛتی چھےٚ بڑٕ شوقٕ تہٕ لولہٕ سان سُتی سر کِتابی سِلسِلُک اَتھِم بوگ "سوٚنبرن تہٕ سام" توہہِ برٛونٛہہ کنہِ تھاوان تہٕ ووٚمید کران زِ جلاوطنی منٛز پننہِ زبان تہٕ ادب رٕژھراونچہِ وتہِ منٛز بنہِ یہِ پننہِ نبٕن پیٚش رو کِتابن ہنٛدی پاٹھی بیا کھ میلہٕ گنٛز۔

سمپرٛتی آیہِ جلاوطنی منٛز کاشُر زبان کیٛو ادب رٕژھراونہٕ، پھاپھلاونہٕ تہٕ برٛونٛہہ پکہٕ ناونچہِ تحریکہِ رٕنٛگی از برٛونٛہہ داہ کاہ وری بارسس۔ سُتی سر کِتابی سِلسِلہٕ تہِ چھُ یوٚہے مُداتہٕ مقصد پرٛاونچہِ کوٚششہِ ہُنٛد حِصہٕ۔ سُتی سرُک گوڈنیُک تہٕ دوٚیُم جِلدٕ آسی سمپرٛتی تحریکہِ وُتھبوٚگنس تام لیکھنہٕ آمتہِ ادبس وِحاط کران۔ چنانچہ

تحریکِہ ہُنٛد دوٚیُم پھل دژاو زِ زبانٕ گٔیہ نہٕ صرف رأچھ ہٕلۍ کِہ لوٗگُس پوٚچھر۔ قسمہٕ قسمہٕ ادب گوٚو تخلیق۔ مگر اَمِہ کھوتہٕ بٔڈ کتھ چھِ زِ ماجہِ زبوِ ہُنٛد حِس تہٕ لول گٔنیو۔ کُنہِ تہِ زبانٕ ہِنٛدِ زِنٛدٕ روٗزنہٕ خأطرٕ چھُ یہِ احساس ضروٗری۔ ییٚتی چھِ یہِ کتھ مانٛنۍ زِ أزی کِس دورس منٛز چھےٚ سارے زبانٕ أکِس بوٚحرانس منٛز۔ کمپیوٹری کرن تہٕ مارکیٹ اِکانمی چھُ انگریزی زبانٕ خطرناک چلے جاو دِتمُت۔ روٗسی تہٕ چینی ہِشہِ بجہِ زبانٕ وألۍ علاقہٕ چھِ جلد از جلد انگریزی پھنٛسن ہنٛچھ دوران۔ لِسانٕی تشخصکۍ مانٛنے چھِ معاشی ترقی ہِنٛدِس پیمانس منٛز زن تہٕ ییر گأمِتۍ۔ سرینگرس تہٕ جوٚمس منٛز۔ کلکتہٕ ہَس تہٕ احمدآبادس منٛز۔ سارِنٕے جایَن چھُ مُقامی زبانٕن یہِ ڈٕلۍ زِ تہِ دول لوٚگمُت۔ اتھ تنوظرس منٛز کوٗت بوٚڈ (Challenge) چیلنج چھُ جلاوطن کأشرٕن ہِنٛدِ خأطرٕ پنٛنۍ زبان رٔژھراوٕنۍ تہٕ پھأنٛپھلاوٕنۍ تہِ ہیٚکِہ سُے سمجِتھ یُس۔ اتھ آوٕلِنس منٛز ہیٚنہِ آسہِ آمُت۔ مگر امیُک انٛدازٕ کرُن چھُنہٕ مُشکِل۔ یہِ ٕکرِ عمل تہٕ توجہہ چھُ منگان تہِ وُنہ تہِ چھُنہٕ مُشکِل۔ نہٕ چھُ یہِ سرُن مُشکِل زِ اَمہِ غرضہٕ باپتھ ٕکرِ کأم چھِ سَپدان۔ یہِ حلِ مُشکل تہِ گوٚو ادبی تحریکِہ ہِنٛدِ زورٕ۔

تاہم چھِ اتھ وِشیس منٛز پیہم کأم کرنٕچ ضروٗرتھ۔ سمپٕرتی چھےٚ سارِنٕے ادب نوازن کیٚہو ہموطنن بھروسہٕ دِوان زِ یہِ کأم پیٚیہِ نہٕ پٕتھر۔ کأشُر ییٚہِ ییٚنہٕ واجنہِ پُیہِ تام واتہٕ ناوٕنہٕ۔ اتھ ضِمنس منٛز آس اکھ بٔڈ کأم کأشرٕیک ناگری رُسم الخط ترتیب دِیُن تہٕ معیار بنٛد کرُن تِکیٛازِ سانہِ نٔوِ پُیہِ روٗزنہٕ جلاوطنی ہِنٛدِس ماحولس منٛز اُردوٗ فارسیس ییٚتۍ زان یُس کأشرِ نستعلیق رسم الخطس بُنیاد چھےٚ۔ نتیجہ دژاو یم روٗدی

چھِ یِم ترتیب وار 1990 ہس پٮ۪ٹھ 1996 لس تام تخلیق سپدیمٕتس نثرس تہٕ شاعری ہندٕن نمونن پٮ۪ٹھ مُشتمل۔ تمہِ پتہٕ سپدی آمہٕ کتابی سِلسِلکی پانژہ جلد شائع۔ یمو منز آسی ژور سمیزتی ذریعہ کرنہٕ آمتِن قومی سطحکین سیمنارن منز مبحث تحقیقی مسلن دٔل دِوان یم نادِم صابس کاشرِ زبانی تہٕ ادبس تہٕ جلاوطنی ہُند ادب بیٚترِ موضوعن ستی تولُق آسی تھاوان۔ اکھ برپوٗر کتاب آیہٕ بُزرگ اُدیبن ستی مُلاقاتن پٮ۪ٹھ تشکیل دِنہٕ یتھ منز برگزیدٕ شاعر تہٕ نثر نگار پننین تخلیقی سفرن ہُند ٹُچھر تہٕ پیچھر اَسہِ ستی باوان چھِ۔

سمیزتی تحریکہِ ہندی یِم ژہ ؤری چھِ کاشرِ جلاوطنی ہندِس ادبس منز سبٹھاہ اہم۔ اکھ یِمہ کتھِ کنی زِ امہِ تحریکہِ ہُند رُت پھل دژاو جلاوطن ادیبن ادبی سرگرمین منز وتھ دِنہٕ کُس صورتس منز۔ ژھیٚنتھ پھٹتھ دوہ دِش زندگی ہندٕن آوٕلنین منز گیر آسنہٕ باوجوٗد روٗدی اُدیب ادبس پوچھر دِوان۔ یہِ آس یِہنز پٔنز Committment۔ توژہ تہٕ تھزر۔ تحریکن کٔرکھ وتھ ہنا سہل۔ ادب روٗد تخلیق گژھان۔ بِسیار ادب، یوٗت زِ صاحبِ نظرو وؤن زِ جلاوطن کاشرو ادیبو کوٚر وادی منز اُدیبن ہندِ نسبتہٕ ژوٗر ادب تخلیق۔ اَمہِ کتھِ ہنز تاز ترٕن باوتھ کٔر محمد یوسف ٹینگ صابن تہٕ فاروق نازکی صابن جومہٕ ادبی محفلن منز۔ اتھ ہیکن زٕ تٔژ کارن ونہٕ یتھ۔ اکھ زِ حالاتو ترٔ آوی یِم ادیب زِندگی ہندٕن تلخ تجربن منز یٮ۪تہٕ نٔبن پیٖزرن ہُند باس اوس تہٕ صحتمند ادبی تحریک روٗز کھٔڈ کھِ۔ پتہٕ ہیکہِ ونہٕ یتھ زِ رأوِتھ لوٗب یمو پٔنن پان تہٕ یہِ آسہِ نہٕ کانہہ استعاری شبدٕ بازی۔

جلاوطنی ہنٛز کتھ کران ٲسی کہِ حقیقی گر راوٕنۍ۔

جلاوطن أدیب تہٕ چھِ تخلیقی عملہِ دوران پانس پیٹھ مجازی جلاوطنی ہنٛز کیفیت طاری کران۔ تِتھے کٔنۍ یتھٕ کٔنی کانٛہہ بیا کھ ادیب چھُ کران۔ سُہ تہٕ چھُ پننہِ ماحولہِ أنٛدۍ پٔکھۍ ڈیرٕ تہٕ ٹیٹنہٕ منٛز نبر نیران زن تہٕ دۆگُن جلایہِ وطن گژھان۔ أمۍ ہِنٛدِس لاشعوٗرس منٛز چھِ اتھ استعاری یا تخلیقی جلاوطنی علاوٕ سۆ حقیقی جلاوطنی ہیمیٚک سُہ شِکار چھُ۔ یہِ چھےٚ أہنٛدِس ذیہنس اکھ الگ وُتش دِوان۔ شعوٗرس منٛز بدلہِ تنظیم تہٕ تنوظر وۆتلاوان۔ احساس نۆہن تجربٕن ستۍ دوچار گرِتھ نۆ توجہی کرناوان۔ ییمیٚک پرتو لازمی طور أمۍ ہِنٛدِس تخلیقس پیٹھ چھُ پیوان۔ أمہِ آگہی ہُنٛد پیمانہٕ کیٚہو پاغام چھُ بیٚون۔ یہِ چھِ جلاوطنی ہنٛز شاعری۔

یتھ سۆنٛبرنہِ منٛز چھےٚ اَسہِ سۆ کام 2006 ہَس تام پوٗر کرنٕچ کوٗشش کرمژ ییمیٚک دس ستی سرکس جلد نمبر 2 ہَس منٛز تُلنہٕ اوس آمُت۔ کوٗشش روٗز زِ جلاوطن ادیبن (شاعرن) ہنٛز اکھ نماینٛدٕ تہٕ رہنما سۆنٛبرن پیہِ قارِیس برٛونٛہہ کُن تہٕ اتھ ادبس پرٛچ پرٛزناونٕچ پرٛکھاوٕنٕچ سبیل بنہِ۔ تخلیقچہِ بٹھِ منٛز نیرِتھ چھُ ادب أتھۍ کتھِ روٹہٕ آسان زِ یہِ واتہٕ ژینن وأرِلس برٛونٛہہ کُن تہٕ پیہِ ژینہٕ مینہٕ۔

یتھ سۆمبرنہِ منٛز چھِ پنٛژاہ کھوتہٕ زیادٕ شاعر شامِل۔ یہِ موٗاد ژھارنس ژھنڈنس منٛز ءکرٕ محنت لٔج تہٕ چھےٚ سمپرٛتی تہٕ ایڈیٹر صابن ہُنٛد زن تہٕ پرائیوٹ معاملہِ۔ تحریک تُلتھ چھُ مطلب محنت کرٕنۍ آسان۔ سۆ گرِتمو پٔنُن فرض زانِتھ۔ ادبی کامہن منٛز چھنہٕ یہِ محنت کم قلیل ٲسی کہِ ژٔرِ ے لگان۔ ادارٕ چھُ تمن سارِنے

نستعلیقس منٛز کٲشُر پرٛنس تہٕ لیکھنس نااہل۔ ناگری ہیٚک کٲشُر رسم الخط ترتیب دِنٛچ کٲم آیہِ مُخلِص ادیبن ہنٛزِ محنتہٕ تہٕ Central Institute of Indian Languages میسوٗر تہٕ این۔آر۔ایل سی پٹیالہٕ کہِ مددتہٕ سٟتؠ بامل تہٕ 2001 ہس منٛز کوٚر سمپرٛتی "ڈٕلوِ کٲشُر ہیچھو" ناوی پرائمر تہٕ ریڈر شائع۔ (یِم دوشوٚے کِتابہٕ چھےٚ سمپرٛتی دفترس پٮ۪ٹھ دستیاب)۔ سٟتؠ سر کِتابی سِلسلُچ ییٚہ کِتاب **"سوٚنبرن تہٕ سام"** چھےٚ دوشوٕنی رسم الخطن منٛز شائع کرنٕک سٕنٛز سٕپدان یُتھ زن سارؠ کٲشرِ خاصکرِتھ غریب الوطن کٲشرٕ ہنٛز نوجوان پُے ہیٚکہِ ییٚہ پٔرِتھ تہٕ امہِ مستفید تُلتھ۔

کٲشرِ شٲیری ہنٛز ییٚہ سوٚنبرن چھےٚ جلاوطن شٲیرن ہنٛز شٲیری۔ اماپوٚز تِمن جلاوطن شٲیرن ہنٛز تہٕ یِم صرف استعٲری طور جلاوطن آسن نٔلی کہِ تِمن ہنٛز یِمن حقیقتن ماجہِ میٚژ یعنی پٔنُن کشمیر چھُ رووُمت۔ پرٛتھ کانٛہہ ادیب چھُ مجٲزی طور خاصکر تخلیق کرنہٕ وِزِ الگے دُنیاہس منٛز بسان۔ گرس منٛز روٗزِتھ تہٕ چھُ شعوٗری طور لوٚب کُن آسان۔ شُرٕبن باژن منٛز تہٕ چھُ نبرٕ ے آسان۔ بعضے چھُ أدیب دیدٕ دانٛستہٕ "گریباں پھاڑتا ہے تنگ جب دیوانہ آتا ہے" کہِ مصداق پٔنُن مسکین ترٛاوِتھ وٲرانن ہنٛز وَتھ رٹان۔ کُنہِ چھُ سُہ ژلان ژلان بیرٕوٗن مُلک واتان پٔنُن اتہٕ پتہٕ تام رٲوِس ترٛاوان۔ ہرگاہ ژُلن چھُنہٕ تخلیقی عملس سٟتؠ لٲزِم تہٕ مُلزوٗم تہٕ امہِ بغٲر تہٕ چھُ ادب ہرٕکان تخلیق کرنہٕ یِتھ تاہم چھُنہٕ ادبی گوشن منٛز ییٚہ جلاوطنی کانٛہہ عجٲیبات۔ مجٲزی جلاوطنی چھےٚ زن تہٕ ڈاکٹری نوسخہٕ۔ یٮ۪تھن چھِنہٕ أسؠ اکہِ استعٲری

ترجمس مَنٛز کأشرِ ن قارین تام واتُن ۔ امہِ باپتھ چھِ کینٛہہ ابتدأی قدم تہِ ٹلنہٕ آمتی ولیکن وُنہِ وأ ژ تہٕ یہِ کأوِش مَنٛز لس ۔ وومید چھِ آینٛدٕ واتہِ یہِ کأم تہِ انٛد ۔ سمپرٛتی ہنٛز چھےٚ یہے تحریک زِ ادبس لگِن پوچھر ۔ لُکھ لَگِن زیوٚ تہٕ وُنٛن وأتن کنن تام ۔

ڈاکٹر آر ۔ ایل ۔ بھٹ
صدر
کشمیری بھاشا ایوم سنٛسکرٛتی پرتِشٹھان
(سمپرٛتی)

جوٚم ۔
13 ردسمبر 2006

☆☆☆

شاعرن تہٕ مُتلقہٕ فردن ہُند مشکوٗر ریمو پٔنٛن کلامہٕ تہٕ بیٚین ہُند کلامہٕ اَسہِ تام واتہٕ نوو۔

اڈیٹوریل بورڈ ڈاکٹر شانت صاب، جوٗہر صاب تہٕ کنٛول صابن یوسہٕ محنت یتھ دِژ تمِکی چھِ اَسی مشکوٗر یہٕ زانتھ زِ اتھ محنتس ہیٚکو نہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ شُکرانہٕ کٔرِتھ۔ اڈیٹوریل کامہِ علاوٕ کٔر ریمو ژھانٛڈ تہٕ ادٕب تہٕ ادب پارٕ کٔرِکھ یکجا۔ کِتابن تہٕ رِسالن دِتکھ زوٗل یُتھ زن کانٛہہ مُشتھ گژھِ نہٕ۔ تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُ اَسہِ سیٹھاہ افسوٗس زِ اَسہِ ہیٚوٗک نہٕ سرٕ شرٛی رادے ناتھ مسرت، رگھوٗ ناتھ کوٗ ستوٗر، ملکھن لال بیکس، چمن لال چمن تہٕ پتامبر ناتھ در فانی ہیوٕن گونماتھن ہُند کلامہٕ حاصل کٔرِتھ۔ ییٚہٕ تہٕ چھُ مُمکن کانٛسہِ ہُند کلام ما آسہِ پتھ روٗدمُت۔ اَمہِ رُس روزِ یہٕ سوٗنٛبرن اتھ حدس تام اڈلیچ۔ وومید چھےٚ زِ آینٛدٕ ییٚہٕ کُنہٕ وتہِ یہٕ کمی پُرونہٕ۔

از چھُ اَسہِ یہٕ تسلا زِ کاشُر جلاوطنی ہٕنٛدِ شعری ادبُک اکھ نمایندٕ تہٕ مُفصل نموٗنہٕ چھِ اَسی توٗہہِ برٛوٗنٛہہ کنہِ تھاوان۔ کاشرٕن جلاوطن شاعرن ہُند اکھ تھکُن لایق طبقہٕ چھُ اُردوٗ، ہندی تہٕ انگریزیس منٛز تہِ لیکھان تہٕ زبر لیکھان۔ مثلن شانت صاب، مُدپ، ڈاکٹر ششی شیکھر، اگنی شیکھر، کھما کول، چندر کانتا، مہاراج کرشن سنتوشی، سنجنا کول، مہاراج کرشن بھرت، ڈاکٹر ایما، ڈاکٹر رتنا، ڈاکٹر ایس۔ کے۔ کول بیٚترِ تہٕ انگریزیس منٛز موہن کِشن تِلکوٗ، آر۔ کے۔ بھارتی، ٹی۔ این۔ کُندن، ڈاکٹر کے۔ ایل۔ چوٗہدری ، اروِند گِگوٗ، سِدارتھ گِگوٗ، ایم۔ کے۔ رینہ رتنا کر بیٚترِ۔ سمپرٛتی ہٕنٛز کوٗشِش چھِ زِ یِہُند کلامہٕ تہٕ گوٗژھ کاشرِس

یتھ ضمنس منٛز چھُ سون توجہ بار بار گژھُن لازمی یتھ کتھِ کُن زِ أمۍ ہیجانی صوٗرتحالن کھور یہِ وطنہٕ دوٗر ریومُت شاعر کھہرِ نہٕ تہٕ پاسہٕ کوٗڈنس نوٚن تہٕ کینٛژھا نئیوٗنس مضوعی مُلہٕ مایہِ چھٔلتھ تہٕ۔ یہٕ چھُ اکھ عالمی پزر زِ زِندگیہٕ ہنٛز کشمکش تہٕ وولہرِش چھےٚ بعضے اپزیار کھوچر تہٕ اباوتک شکس ژٔلہٕ راوان تہٕ امہِ مقابلہٕ پزر شوزر تہٕ مایہِ گی نٔژ راوان۔ زیرِ ذِکر شاعرن آسن اتھ کشمکشس دوران تتھۍ بِسیار تجربہٕ گامتۍ تہٕ واقعاتھ بُتھِ پیمتۍ یموتس بہتر دُنیاوی عقل أنۍ مژ آسہِ۔ مگر تخلیقی قووتھ تہِ کیاہ آسہِ تس أتھۍ تناسُبس منٛز بڈے مژ تہٕ ہکو نہٕ ؤنتھ۔ بہرحال مادی زِندگیہِ روٗف کُرِتھ تمۍ پھہر یار دوٗر کرِ نکۍ نوٚی نوٚی طریقہٕ ہیچھ نَس دوران ہیکہِ تُنٛد شعر ونہٕ نٛک فن مُتاثر سپدِتھ تِکیازِ شعر گوٚیی چھےٚ موافق ماحول منگان یُس انفرادی تخلیق کار پیہم ادبی رِشتہٕ لگاتار مُطالعہٕ تہٕ مسلن ہنٛزِ وبژھنیہِ ستۍ تہٕ بناوان چھُ۔ شعرِ ربوایتھ ذیہنس تہٕ رُحس منٛز آسنی یاژ چھنہٕ کافی۔ امہِ خاطرِ چھُ عمل ردِ عمل تہٕ پرنٛک بوزنٛک تقریبن اجتماعی ماحول تہِ ضروری آسان یُس کشیرِ دوٗرے ہتِس أمِس شاعرس یتہٕ دستیاب اوس نہٕ تہِ کیازِ سُہ تہٕ اوسُکھ أمِس کھورو تلہٕ زمینکۍ پاٹھۍ زن تہٕ نیوٗمُت۔

بطورفن کار اوس أمِس یہِ ہیجان دون سوٚتھرن پیٹھ وترا وُن۔ اکھ یزِ زبانۍ تہٕ باوژ ہنٛدی سرچشمہٕ أسۍ تہٕ أمِس نزدیک دوٚیِم یزِ لیکھن والین ہُنٛد بوٚڈ کاروان اوس أمِس نِش ژھہنہٕ گومُت۔ یمن دوشونی حالاتن پیٹھ اوس نہٕ تس کانہہ عوٚبوٗر تِکیازِ یم دوشوے أسۍ تسنٛدِ نہٕ یژھنہٕ باوجوٗد تہٕ تسنٛزِ بے خبری منٛز پادٕ گامتۍ۔

# مُقدمہٕ

-ڈاکٹر رتن لال شانت

1990ہٕ پتہٕ منٛز یُس کأشُر شأعر کشیرِ ژٲلِتھ جوٗم دِلہِ تہٕ بیٚین لوکٹین بڈین شہرن آو سہٕ اوس أکِس بدلےٚ تہٕ ہیجأنی سوچن آوٕلنس منٛز ہینہٕ آمُت۔ یہِ وُنتھ کرو نہٕ أسۍ از شُراہہِ وہری کینٛہہ انکشاف۔ اَمہِ آوٕلنچ نٲوۍ تِتھے أس زِیلی سَپدِ ہے۔ اتھ صوٗرتحالس پتھ تہٕ امہِ کِنۍ نتیجن پتھ چھُ واریاہو کأشرو کیٚو غأر کأشرو لِکھارو نقادو تہٕ صحأفی یو لیٚوکھمُت تہٕ مسلہٕ کِنۍ مختلف پہلوہن چھکھ وِتھِ پھٔرمٕژ تہٕ سأنۍ کوٗشِش آسہِ یِی زِ یِمہِ شعرِ سوٚمبرنہِ بہانہٕ یِہ کینٛژہا سوچ سَروتہٕ لیکھو تتھ منٛز ہمہٕ مسلسل بیٚیٚو کینٛژ ونو قطے نظر و سام۔

(سیاستھ چھِ اتھ ستۍ مُسلک اِنسانی مسلن گرا سہل تہٕ گرا مُشکل رنٛگس منٛز پیش کران۔ گرا یمن لُکن ہنٛدِ باپتھ جوٗمہِ تہٕ دہلی بسنٕکۍ پاے کرِتھ تہٕ گرا یمن واپس کٔشیرِ ینٕکۍ اعلان کرِتھ پٔتن کچُل باہ ترٛکھ کران)۔ زیرِ بحث شاعری متلق تِتھۍ ہوی بیان چھِ اَکِس لوکٕٹس دٲیرس منٛز قآد باسان۔

سائنس زیرِ ذِکر شاعرس چھنہٕ کٔشیرِ ہُنٛد ذِکر شعر ونہٕ نٕک بہانہٕ زِ امہِ کِنۍ ہیٚکہِ سُہ لفظ تہٕ جُملہٕ سۆنٛبرآوِتھ۔ اگر یہِ تسنٛدس کلامس منٛز بلواسطہٕ تہٕ بلا واسطہٕ یوان چھُ تمیُک وجہہ چھُ زِ کٔشیرِ چھےٚ اسنٛز کلُہم شخصیژ ہُنٛد اکھ اژھیٚون حِصہٕ تِکیازِ کٔشیرِ چھےٚ تسنٛدِ کٔشیرِ نبر زِنٛدٕ روزنٕچ اکھ اہم دلیل۔ یِیلہِ زن اَکِس عام مہاجرس کٔشیرِ ہنٛز سردی گرمی یا شین تا پِک موسم ژھنہٕ گژھنہٕ ستۍ زِنٛدگیہِ ہُنٛد توازُن راوان باسان چھُ، ذیٚہنی زِنٛدگیہِ منٛز وۄتلن بوڈن وول شاعر چھُ بیرونی تجربات دٲخلاوٕنٛک عمل زُوان۔ سردی گرمی یا شیٚہجار تہٕ صحراو چھنہٕ تس باپتھ چھرا خارجی حقیقتھ روزان حالانکہِ سُہ تہِ چھُ یِہنٛد ترٛزِنان۔ دۄیمین لفظن اندر چھِ یِم تسنٛدِ خاطرِ ثقافتی تصورن ہنٛز شکل اختیار کران تہٕ تسنٛدین محسوساتن ہنٛدی اژھیٚنۍ انگ بنان۔ اَمِس چھےٚ یہِ پۆت کل اَکِس لگاتار تقوبلی موازنہٕ کِس ذیٚہنس منٛز تراوان تہٕ پۆت کل ییٚژ گنان روزِ نیٚوت چھس یہِ پٔتن کُس تام ژھربر پورٕ کرنٕک وسیلہٕ بنان:

یاد چھیہٕ لوکہِ چار پھۆل تتھ بونہِ تَل
میٚون سۆرۍ سۆرۍ آسہِ ماگٲمژ غوطن

(سُنیتا رینہ)

ترٕ یُم سبٕھاہ اہم وجہ یُیمہِ کٔنز سُہ پننہٕ نِسبے ژھوٗٹس تہٕ راوی ہٕتس دُنیاہَس تام محدوٗد روٗداوس یِزٕ تُمۍ یہِ لیُکھ وۄن تہٕ ژٕبرٕ تتھ بنیوس تہٕ صحی ناقِد، یُس عدم تحفظ کِس نفسیاتس منٛز ہیٚنہٕ آمٕتس اُمس شاعرس خاطر خواہ مُطالعہ کرِہے یُتھ برٛونٛٹھ کالکی طالِب علم اُمی ہنٛدِ اضطرابُک کانٛہہ تسلی بخش گژاف بناوِتھ ہیٚکن۔

ژھیٚنہٕ گومُت تناظُر ذِہنی طور دُبارٕ زِنٛدٕ کرُن چھُ بے شک اکھ عام اِنسانی عمل تہٕ بحیثیت اکھ عام اِنسان چھُ سون یہِ زیرِ بحث شاعر تہٕ اَمہِ عملہٕ منٛزی گُذران۔ ووں گو صرف گُزرنس چھنہٕ کانٛہہ انفرادی (تہٕ اوٚ کٔنز شعری) وُقتھ آسان یوتانۍ نہٕ یہِ زیرِ اظہار یِیہِ۔ اِظہارس تہٕ چھِ کیٛنٛہہ خاص تہٕ نٔوی معنے دِنۍ ضروری آسان تہٕ صِرف حالتھ بیان کرٕنۍ چھنہٕ کافی۔ گژلس لوٚگمُت اِنسان کرِ نہٕ واویلا اوٚ کیاہ کرِ؟ تسٛنٛدِ شاعر شخصیتہٕ نِش گژھِ پرٕن بوزن واٛلِس تیُتھ کیٛنٛہہ حاصِل گژھُن یُس صرف تس ژینن گُذرن واٛلِس فردٕ سُنٛد خاصہٕ آسِہ۔ تسٛنٛدِ دوٚکھ دادِکۍ وجوٗہات یا نتیجہٕ بدٕ کڈنس تانۍ محدوٗد تنقید ہیٚکہِ نامُکمل تہٕ بے اثر آسِتھ۔ یہِ کتھ چھےٚ اوٚ کٔنز اہمیتھ پژاوان تِکیازِ ووٚنۍ چھےٚ عام رائے یہِ بنے ہٕژ باسان زِ وطن بدر کاشُر شاعر چھُ صرف کٔشیرِ ہٕنزِ پوٚت کلہٕ منٛز گیر یُتھ زِ سُہ چھُ ووٚنۍ صرف وٕنۍ ہٕتس سن سن کران تہٕ اتھ مسلس یا امہِ صوٗرتحالُک نٔو تخلیقی اظہار چھنہٕ کران۔ یعنے پتمین قریبن دون دٔہلین ہٕنٛدِس کٔشیرِ وژاہِتس شاعرٕ سٕنٛز شخصیتھ چھےٚ ووٚنۍ ہموار تہٕ یک رنٛگ گامٕژ۔

وُچھوے تہٕ یہِ ناقدانہٕ رائے تہٕ چھنہٕ حتمی یتھ کٔنز یہِ مسلہٕ سہل چھنہٕ۔

بے قرار کران چھُ۔

یِمن شاعرن اگرے کٔشیرِ ہنٛز پۄت کل سوچُس تہٕ کلامس پیٹھ حاوی چھے تمیُک وجہہ چھُ یہوے مسلسل تہٕ اژھیوٗن رِشتہٕ یُس یہنٛدِ شخصیتُک ترکیبی عنصر چھُ۔ تہٕ چھُنہٕ وطن سارِنے ذیٚہنس سرپہٕ آر کٔرِتھ بیٚہان۔ بیٚیاکھ کتھ چھےٚ یِزٕ یم چھِ یہٕ رِشتہٕ زِنٛدٕ تھونکۍ زبردس خاہش تھاوان۔ کٔشیرِ ہُنٛد عام حۄسن یُس شاعر صرف بیان کٔرِتھ پٔتٕ بوس لوژراوٕہن چھُ یِمن اندر پننہٕ پتھ کالُک پرٛزناون نشانہٕ زٕنگٔو ووتلان۔ ڈل ناگ یا پاں ژادر چھےٚ بوتہٕ ہِندی پاٹھی یہنٛدِس کلامس مَنٛز شخصاونہٕ یِوان۔ کاشرٕ ہن مۄسمن ہُنٛد پھیرِ ہاو رۄپ چھُ بالن ونن تہٕ گُلبن کٹبن اندر پھولان تہٕ امہِ سِتۍ وولسنس پنہٕ واجینۍ بۄنٕی چھےٚ شاعرس شعرِ رِوایتہٕ نبر کڈان تہٕ اظہارٕچ موقٔولیتھ باقٕے شعرِ صِنفن اندر ژھاران۔ ہندوستانۍ شعرِ پرمپرایہِ مَنٛز چھُ بارہ ماسا یِژھے اکھ صِنف یتھ اندر شاعر وٕری کِبن باہن رتبن ہُنٛد سوندریر باونہٕ خاطرِ مختلف بہانہٕ رٹان چھُ۔ سارِوے کھوتہٕ عام بہانہٕ چھُ جوان زنانہٕ ہُنٛد فراق یُس تس محبوب جُدا گژھنہٕ کِنۍ ژالُن پیوان چھُ۔ کاشُر شاعرن کوٚر بارہ ماسا بوتہِ ہُنٛد حُسن بیان کرنہٕ خاطرِ اِستمال۔ دراصل ییٚتہٕ صحرآوی أندی پکِس اندر پانس شیٚہجار واتہٕ ناونہٕ خاطرِ:

ہارِ تاوس مخملُک سبزار چون
شرٛاونہِ رہتہٕ یاوٕنُک مِلہٕ ژار چون
موکھتہٕ ڈیچ ۂری چھی کنن دُردآنٕی یے

یہٕ چھُنہٕ صرف بونہٕ شێہجارٕچ اۆک طرفہٕ کَل بلکہ بونہٕ ہٕتی وآبسطہٕ شاعرٕ ہنٛزِ ذیٚہنی زِندگیہٕ ہُندکس تام ژھربر باوٕنٛچ کَل۔ بونہٕ چھےٚ شاعرٕ ہنٛدبن محسوساتن ہُند حِصہٕ تہٕ انٛچ کل چھےٚ تس آورِتھ بامے سولوکچارچہٕ زِندگیہٕ ہُند گنٛڈن یادپاوٕتن بامے جوانی ہنٛز سرمستی۔ سو چھےٚ تسنٛدبن لاوبن تہٕ ساوبن جذباتن ہنٛز مُترادف بنے ہنٛز۔ بۆنی چھےٚ زیرِ ذِکر شاعرن ہنٛد خاطرٕ بےٚ زۆٚ علامتہٕ کھوتہٕ سبٕٹھاہ بۆرُت تہٕ زِندٕ جاوید تصوٗر۔ یٚیتھن چھےٚ یہٕ شاعرٕ ہنٛدِس عملس تہٕ ردِعملس دۆشوٕنی منٛز شامل۔ تیتھے کٔنی چھےٚ بێین شاعرن اندرتہٕ زن تہٕ نزدیکی رِشتہٕ داریاہٕتی بوج۔ بلکہ چھےٚ یِہنٛدِس احساساتی دُنیاہَس ہٕو تشکیل دِتھ یمن زِندٕ روزنٛچ دلیل فراہم کران۔ بۆنی خاصکر تہٕ بال پاں ژادر وغارٕ عام پاٹھی یِہنٛدِس کلامس منٛز دُبارٕ زِندٕ گژھان تہٕ ذیٚہنی عملس منٛز شریک گژھان:

یتھ نارٕ بدن وارِ منٛز چھُم مے ٚ شِہُل کُل
پزتھ ساتہٕ دِوان زیرٕ دیان تازٕ کتھاہ ٹُل

(تیج راول)

شِہُل کُل چھُ اکھ مُکمل ثقافتی تصویرِ تیچ شہادتھ شعرس اندر مۆجۆد چھےٚ تِکیازِ کُلیک شێہجار چھُ شاعرس اندر تہٕ مۆجۆد، تسنٛدِس نارٕ بدنس اندر۔ شاعر چھُ کتیتھ تام اکھ وآرٕ ژھرِتھ۔ یعنے کہٕ یہٕ کُل چھُنہٕ صرف شاعر ہنٛدِ خاطرٕ اکھ بیرونی حقیقتھ بلکہ تسُنٛد باطنی پزرتہٕ یُس تس لگاتار زیرٕ دِوان چھُ زِ کتھاہ ٹُل، کتھ باتھ کر۔ یہٕ گفتگو چھُ ساسہٕ بدبن ؤریٚین چلان رۆدمُت مگراتھ چھُ وۆنی ژھبن آمُت یُس تس

چیزن سٟتؠ سانٛین ثقافتی رِشتن پوشنےٚ کران چھُ۔ یِمے رِشتہٕ وبژھناوان چھُ شاعر ونان:

فقیرن ہٕندی ڈٕرِتؠ لیکھتھ چھِ گوشن

تِمے آسن کران آلو منوشن

تہٕ یِمن شعرن اندر وُچھو شاعر سُند باطنی دُنیاہ کاژاہ کمی چھُ محسوس کران تہٕ یہِ کمی پُرونہٕ خاطرِ چھُ کیٛنہہ ناو کیٛنہہ اِضافیتہٕ کیٛنہہ ڈیفی نِشنہِ تھُران یُتھ پٔتن ووندٕ ژھر بر پۆرٕ کرِ:

وٕنن ہُند نۆر أندرِمہِ کایہِ مٔلی زے

أندرِم کاے چھِ تٕنٛد باطنی دُنیایُس تسنٛزِ شخصیژ ہُند حقیقی پۆکھ چھُ تہٕ دۆرِکس انہِ گٔتس مَنٛز لِتہٕ چھِتہٕ گومُت چھُ۔

وطنہٕ دۆرِکس فِکری اباوتس مَنٛز چھِ شاعرس لل دید تہٕ نُنٛدٕ ریوٚش زٕ گاشہِ مُنارلبنہٕ یِوان تہٕ یِہٕندی ٚکتؠ اِشارٕ چھِ اتھ شاعری مَنٛز استعارٕ بنان تہٕ پتہٕ ہم کال معنے ہو سٟتؠ لبریز کرنہٕ یِوان۔ پٔتؠمین پنداہن ؤریَن آسن درجن واد نظمہٕ خاصکر نُنٛد ریٛشس کُن ونۍہٕ آمژٕ تہٕ درجن وادو شاعرو آسہِ للہِ پُرژھمُت زِ ژےٚ کُس جِگر کرِۆتھ زِ آمہِ پتہٕ ناوِ لمان ژھانجوتھ سٕدرس تار۔ نُنٛد ریٛشس چھِ شاعر ونان ژٕے پتہٕ بییہِ زمس۔ مجبور امر مالموہی حلیم پُشپ تہٕ ساقی ہوی زِٹھی شاعر چھِ أمِس زِٹھس بُزرگس سٟتؠ زیادے ہم کلامہٕ سپدان۔ مالموہی چھُ ''آسیا کانٛہہ علمدار'' نظمہٕ مَنٛز اکھ فنتاسی گران۔ سٕڑکہِ پیٹھ چھُ شاعرس اکھ ''پتہٕ نُے ووپرا''

## ژُمبرِ کرٕہے بندگی نُندٕ باأنٛزٕ یے

(سوم ناتھ ویٖر)

حالانکہ یتھ نظمہِ منٛز چھنہٕ شاعر بونہِ ژِش ژھبنہٕ گوٗھنٛگ یا وطنہٕ ژِش دوٗرِرُک کانٛہہ اشارٕ دِوان مگر چھےٚ تہٕ یہِ نظم شاعر ہندِ فراخچ پاداوار۔

یتھ کُنٛز ہیٚرِ کنہٕ ذِکر کرنہٕ آو قودرتی حۆسنہٕ کٕہن یِمن نِشانن ستی چھُ شاعر نجی سۆتھرِس پیٹھ وابستگی تھاوان تِکیازِ یِم چھِ تسنٛزِ انفرادی کیٚو اجتماعی زِندگیہِ تہٕ کلچرٕکی حِصہٕ۔

واوٕ رِنٛگ اکھ بابہِ سوزکھ ناڑٕلچ
سُدرٕ کھونہِ ہُنٛد سےٚ ترٛن شیٖہجار ہیتھ......
میانہِ آنٛگنہٕ بونہِ آسہ تھوومُت رٕژھرتھ شِہُل
میٚون ؤنٛزبس پھُٹجِہ منٛزٕ پلوی ضروٗر......

(پریم ناتھ شادؔ)

کٲشرِ ہنٛدی سیاستن کھور یہِ شاعر بۆٹھ مگر کٲشرِ ہُنٛد رُح ماترٛاوِ أمِس پتھر بلکہ تھوبس پانہٕ نیارٕ کہِ وُشنیرٕ ستی زِنٛدٕ۔ بۆنٛی چھےٚ بہرحال اسٕندٕ خاطرٕ پرٛانی کاشر دبد ہِش یوسہٕ نظرو دوٗرگأمِتس شُری ہندِ خاطرٕ نیأمژ پھُٹج للہٕ وتھ تھاوان چھےٚ۔ ارجن دیوٗ مجبورنٛ یُتھے پننہِ اہم نظمہِ "ستیۆل" ہَس منٛز رازٕ ہونز پیغام ہیتھ کٲشرِ سۆزلس تہِ اوس کٲشرِ ہُنٛد مأری مٔنٛدٕ یُت بیان کرِتھ یُتھے ہیٚو وُشنیر ذیہنس منٛز۔ وُچھُن چھُ یہِ زِ شاعرس چھُ منظرُک عکس ذیہنی فرحتھ واتناونہٕ خاطرٕ کأفی۔ عکس یعنے تصوٗریُس

یُتھے ہیوٗ اکھ گفتگو چھُ جواہر لال سرؤر ''مَتی آب'' نظمہِ منٛز تہٕ کران ''پتھ وننہٕ کس سادِ منوشس'' ستی تہٕ تس نصیحتھ کران زِ ''یآ گی شہر'' مہٕ گژھ۔ تتہٕ چھکھ سُہ ناگ کرتام پرومُت ''ییٚتہٕ نَس ژ تپیا اوسکھ کران''۔ ستم ظریفی چھےٚ یہِ زِ شاعر چھُ توتہٕ أمِس ونان زِ ''گژھ تتھی ونس منٛز، دِوٕ تور واتہٕ نہٕ یہِ ژھٹھ۔'' مگر نظمہِ ہُنٛد مرکزی خیال چھُ یہِ ثابت کرُن زِ ییٚلہِ تہِ یُتھ مَتی آب وسہِ اتھ چھُ یلاج نُنٛد ریٚشس نِشی:

تیٚلہِ گژھی زِہلم دآرِتھ علم دارس......

یژھ نظمہٕ چھنہٕ منقبتھ یا وٕنتی قسمچ بلکہِ یمن اندر چھُ تیٚلیک ریوٚش تہٕ أزیُک منوش أکِسے ہم کال فریمس اندر برنہٕ یِوان یُتھ مفہوم تہٕ مقصدُک اکوے سِمت سرِ کھر گژھِ۔ یتہٕ ہسکو وٕنتھ زِ پتھ کال تہٕ از کال، علمدار تہٕ شاعر چھِ اتہٕ دراصل اکی ذاتکی زٕ متبادل اظہار بنان۔ توآریخ چھُ شاعرِ سُنٛد آلٕر اکیو بٔنتھ معاصر وو کھنیہ تابع بنان۔

سون توآریخ چھُ سون رووُمت پوٚت کال آسان یُس وقتہٕ کہِ دوٗرِ رکنی اپُز باسان چھُ مگر یُس وقتہٕ کہِ لوکٹہٕ فآصلہٕ کنی اسہِ نزدیکے چھُ تمیُک راوُن چھُ دگہِ ہنٛدی پآٹھی حقیقی باسان تہٕ آسان۔ پوٚت کالُچ کل چھےٚ اوے پوٚت کالکہِ راونچ دگ بٔنتھ ذیٚہنس وارِیاہ کالس کوٚران روزان۔

سآنِس شاعر ہنٛدِ ذیٚہنی کیفیتُک اکھ انٛد چھُ توآریخس اندر رتتھ مقامس پتھ ییٚتہٕ تس پننہِ أنٛدی پکھیُک رِشتہٕ ٹاکارٕ بوزنہٕ یِوان چھُ۔ یہِ رِشتہٕ چھنہٕ مستحکم

سمکھان یَس سُہ پڑژھان چھُ زِ یتھ تاپرِ سینگستانس مَنز کوٚت چھکھ ژٕ لوٚگمُت تہٕ امی بہانہٕ تمہِ حالٕژ ہنٛدی بداد ونان چھس ییٚمہِ کَنہٕ شأعر ہنٛدٕ بن ہم نفسن کٔشیرِ ژٕلن پیوٚ تہٕ یوٚت یُن پیوٚ ییٚتہِ ''طہارت کرنٕک طور بدل لبکھ لول لبکھ آداب آہی، لبکھ لبکھ سَپدِتھ ییٚتہِ لبکھ سپدان''۔ مگر سُہ شخص دژاو کیٚنٛہہ ونہ نےٚ واپس۔ شأعر دوژیوس پتہٕ ''ہے بابا وڈن مےٚ کیٛاہ مےٚ'' ییٚمہِ سٟتۍ ژےٚ سوٗسن پھیوٚرُرے؟ تورٕ وٕتھس زِ ستہِ چھےٚ ''دبد صأبنٕ آہی تہِ دم پھٕٹ'' تہٕ ''حبہٕ خوتونہِ گیہِ وژن یتیم'' ووٕنی کُس شنکر ووتھِ تہٕ یہِ زہر چییٚہِ؟ تہٕ

آسیا کأنٛہہ علمدار گژھِ بیدار......

شأعر سُنٛد تس نفرس سٟتۍ یہِ گفتگو چھُ واریاہ معنہِ سوو واریاہن کتھن کُن اِشارٕ کران مگر تم سأری معنہِ چھِ اسہِ ویٚدی، تمہٕ سارنیٚے کتھٕ چھےٚ اسہِ پتاہ۔ صِرف چھُ استعارٕ بدل موضوٗ چھُ سوے بےٚ آہنگی یوسہٕ أزی کہن مسلن ہُنٛد وجہ چھےٚ تہٕ یتھ کُن مختلف شأعرٕ و مختلف محاورن تہٕ اندازن اندر اشارٕ کوٚر مُت چھُ۔ امہِ نظمہٕ ہنٛز خصوصیتھ چھےٚ یہِ زِ اتہِ چھنہٕ راہ کأنٛسہِ لدنہٕ آمُت۔ وٕنن وأٹِس نفرس یوسہٕ یرٕ وٕنی ناو گأمٕژ چھےٚ سوے چھےٚ بوزن وأٹِس تہٕ گأمٕژ مگر دوٕشوٕنی چھےٚ پرٕژھ أکِس پرٛأنِس طرز فِکرس تہٕ قدرِ زِنٛدگیہِ پٹھ ییٚمیٚک بہترٟن علامتھ علمدار چھُ۔ شأعرِ سُنٛد پتھ کالس کُن رجوٗع کرُن چھُنہٕ عجیب باسان تِکیٛازِ پتھ کالُک یہِ لینڈمارک چھُ اِتفاق رایہِ سٟتۍ مُشترکہٕ تہٕ بےٚ لاگ زوتہٕ وُن گاشہِ مُنار۔ امِٕنٛز اہمیتھ ہاوِتھ چھُ شأعر بے ہنگم از کالس سٟتۍ امیُک تضاد ووتلاوان۔

واریاہن شاعرن اندر ییودوٗے اسہِ یہوے رِوایتی لہجہِ بوزنہٕ یِوان چھُ تتھ چھُ بوٗڈ وجہ سوے ذٔہنی کیفیتھ یوسہٕ مُتضاد صوٗرتن ہنٛز باوتھ کرنٕچ کوٗشش کران چھےٚ۔

دوہ اسنکی گنٛدنٕکی رآوی تہٕ وتہٕ پٔدی رآسی سپدی

میٚنے زون زِ میٚنے لٔج ماتھ تہٕ وَن ووٚنی کیٚاہ سآ کرو

(جواہر لال سروٗر)

راوَن دگہِ ستی یُتھ مویوٗس گوٗمُن زِ حالاتن نِش ہار مانٛنی یہِ تہٕ چھِ یِمن شاعرن منٛز واریاہن ہنٛز رٔوِش۔

سونتہٕ واوٕچ اکھ زھٹھا ییہِ چھاوٕ ہا

بونہِ شیٚہجارس ڈوٗکھا ییہِ ترٛاوِہا

(منوج جد)

پرٛاونٕچ کل تہٕ سہٕ راونہٕ ستی پآدٕ گوٚمُت زہر بر چھُ تمہِ وِزِ ہُران ییٚلہِ از کالٕچ حالتھ زیرِنظر انان چھِ۔ امہِ وِزِ چھُ شاعرس زہر بر ٹاکارٕ لبنہِ یِوان۔

چھِ شُری تام قآد سیمٹہٕ چِن لبن منٛز

گنٛدُن روُم شُر بن لوکہِ چار روُم

چھِ ییٚتہِ پاں پھیٚری تہٕ کامنٛی ترٛیشہِ ہوٚت چھِس

پٔژن ناگہِ راد پٔژن آبشار روُم

(کاشی ناتھ ناغوان)

یہِ ہیکہِ راونٕک فوری اظہار آستھ ییٚلہِ یہِ ایٚحساسچ سنجید کمپلکسٹی ہُند حصہٕ

رٕ دمُت اِوٚ کٔنی چھُ تس امکہِ اباوتُک اۍحساس گنان۔ امہِ کفیتُک بیا کھ اند چھُ تہٕ نس پیٚتہِ تس پٔتن سوچ تہٕ زٕوری یہِ خود کفیل بوزنہِ یوان چھُ۔ پتھ کال سۆرِتھ چھٕنہِ باسان تس ووٚنی کیاہ نیرامہِ مَنٛز کیٛنہہ۔ کشیر ستی تٔسند تولُق چھُ یمن مُتضاد صورتن ستی برابر ہٕوٚے تہٕ امہِ کٔنی چھُ سُہ أندری کشمکش مَنٛز گرفتار۔ سُہ چھُ گرا رِوایتی محاورس کأم ہیوان تہٕ تسنٛزِ شأعری چھےٚ باسان صرف از مۆدِ تہٕ مستعمل زبأنی پیٚٹھ پٔژھ۔

لتس چھُ باسان چانہِ رٔوس سوٚنتس بہارس نار لوٚگ
کوٚنگہِ وٚتنس اہربل کٔس آبشارس نار لوٚگ
چانہِ رٔوس بادم پھٔلی گیہِ ہامہِ ژٕدی کم پوشہِ ون

(جگن ناتھ ساگر)

چانہِ رٔوس مطلب شأعر ہٕندِ ورٲے، شأعر کشیرِ مَنٛز تہٕ آسنہِ کٔنی۔ یہِ چھُ ونان تس واوِ رِنگہِ یوسہِ ماجہِ (کٔشیر) تس یور (جۆم) سۆزمٕژ چھےٚ۔ مأج چھےٚ فکر مند زِ نیچُو کرٕوٚچھن تس کرِ ہا "میٛٹھی تہٕ مٔتی" یِتھ

عالمس تھکہِ ناوِ ہا اکہِ لٹہِ یہِ ییٛہِ پنہِ نٕے ریٚشت......
أتھی ضمنس مَنٛز چھُ یُتھ ہیٚو شعر تہِ وننہِ یوان۔

تہٕ گوسمیا سرٕ یَس لۆستھ
گاشُک چھُنہٕ تہٕ کانٛہہ پرتَو
رتہٕ چھپیہِ گلہِ ٹۆری لگی مہکالس

(بدری ناتھ ابھلاشؔ)

پۆت کلہٕ پٔٹھ مٔنی۔ تیٚنٛز شاعری چھےٚ وونی زبان زدِ عام گامژ۔ اتھ اندر چھِ امہٕ شاعری ہندی تقریبن تمام پکھی ووتلان۔ لۄکہ کیاز ژلی کُس ذیٚہنی وُتشاد اوس تم بِکتھ کٔنی ژلی تہٕ تِہنٛد یہِ سفر کوتاہ کٔھٹُن اوس، پنہٕ توارٟخہٕ تہٕ ثقافتی اوٗند پکھِ نشہِ ژھنہٕ گژھتھ کیاہ ذیٚہنی تہٕ جِسمانی اضطراب گوتمن، امہٕ ساری کیفیتکی تمام مُمکن رنگ چھِ ساقی سٕنزِ 90 پتہِ شاعریہِ مَنٛز درٕنٛٹھ یِوان۔ ساقی سُند محاورٕ تہٕ زبان چھےٚ بیک وقت مصاصر معنے ہَن تازٕ تہٕ واتان تہٕ رِوایتی تصوٗرن تہٕ اظہار دِوان۔

گٔری یارو پنہٕ مٔری یار تہٕ پتھ ون ڈیٖر دِتھ

لگی لارٕکی دردل دار تہٕ وونی کتھ جایہِ سمو

خود کشمکشہِ ہُند اِشارٕ چھُ اسہِ تِہنٛزِ بژُٹھمہٕ شاعریہِ مَنٛز تہٕ میلان مگر فرق چھےٚ زِ وونی چھےٚ سمن جاے رٲوٕمژ۔ اِنسانی زِندگیہِ ہُند یہِ بُنیادی شرط زِ سُہ پھاپھلاوِ ہے پنٕنی اجتماعی شخصیتھ چھُ وونی پۆرٕ گژھُن مُشکل بنیومُت یٔیلہِ زن بژُٹھ اجتماعس مُقابلہٕ انفرادی زُون فِکر و فنُک مسلہٕ اوس:

چِھی نہٕ شٔتریم ہُتہٕ یٚتہٕ چھکرِتھ

ماری پنٕنی ژھاے گژھکھ کۆت

امی گاچُک یہِ شعر تہٕ چھُ ییٚمی تنوظرک:

سٕیلہِ شۆرُم ٹٔلی دیو پان پٔنُن بخشم تہٕ توے

أڈی بآدِم أڈی سر ژھوپہ رٲوِم

(واسدیو ریٚہہ)

بنیوٗمت آسہِ نہٕ۔ بعضے چھنہٕ امہِ اێحساسچ ظاہری تحریک تیژ دٔرے ہژ یژھ مسلن فِلسطیٖنن تہٕ ازرآیلی ین آس یِہنز بے وطنی ہنز دگ شاعری ہنٛدِس معنہِ ساوِرِس استعارس منٛز ووتلے یہِ تہٕ عالمی ادبچ موٗلِج دولتھ بنے یہِ۔ وون گو فرِق چھےٚ۔ گوڈنکین پانژن ستن ؤری ین آس یہِ شاعری عام پاٹھی ناوگردآنی أندی أندی ووتلان تہٕ اێحساسہٕ کٲمن سٔرن تام کہے پہان واتان۔ سو کتھ چھنہٕ از۔ یہِ شاعری چھےٚ سنجیدٕ سوٗچس اندر آوراوان:

تہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ وچھس دہٕ بار لوتہِ ہے  
چھُ ژھوپہٕ ہُنٛد ہارِ پرٕبتھ بارِ کھوٗتمت  
شُنٛبس منٛز تھامہِ باشِل کُن تہٕ کیول  
أندرٕ ژٔرِس گسو کوٗژھ دِکھ تہٕ موکلکھ  
بژشان ہن ہن چھُ آکٹوپس پنٛجو ستی  
مگر چھنہٕ ژھوپہٕ ہنٛدِس وٲناکھ جنٛگلس  
پہوان کانٛہہ چھانگ دہٕ ژھوپہٕ شاپھ ژلہِ ہے......

(مکھن لال کنٛول)

یتھ منٛز چھُ راون تێلیُک شدید احساس قبول کرنہٕ آمُت تہٕ شاعر چھُ خود ازمالیشہِ ہنٛز کیفیتھ ورتاوان۔ اکہِ وقتُک کرٕکہٕ ناد چھُ وُنی کٔس ژھوپہٕ ہنٛدِس پرٕبتس تل گومُت تہٕ شاعرس چھےٚ یہِ بار وہرِتھ مصنوعی زِندگی زُونس ستی نفرتھ گامٕژ باسان۔ موتی لال ساقی سنٛزِ شاعری ہُنٛد اکھ بوٚڈ حِصہٕ چھُ کٲشرِ راونِکہِ تہٕ تمچہِ



وُچھوَ یہِ راتھ ڈٲلِن گوڈٕ تہٕ گاش یتھ سوٗنچو
چلو سُہ گاش ہیٚنس تام یِی بہانا روٗد

(تیج راول)



اِسہٕ وُنس رٕتھ بڑیٚڈی کڈان وُتھ پِنٛز
اوٗش نہٕ بہران راوُرن یاوُن مٔژر
ژھتھ مزارس چِل گنٛڈِتھ نیٚچر لسوان

(چمن لال کانٹرو)

وق تہٕ وقتُک بہاو روٹہٕ گژھنُک حِسُس چھُ شاعرس زبردس ذیٚہنی انتشار پاڑہٕ کران۔ تس چھُ ژھتھ زن تہٕ مزار باسان مگر وونی چھُنہٕ سُہ واویلا کران۔ سُہ چھُ پانہٕ ہیے ستی سوال جوابس مَنٛز ہینہٕ یِوان تِکیٚاز تس چھُنہٕ اتھ تذبُذبس مَنٛز پانس علاوٕ کٲنٛہہ باسان آورنہٕ آمُت۔

میٚۓ چھا پڑتھ وِزِ رٲژھرِنی تارٕیخ
میٚۓ چھا سوٗنتہٕ جربن حِسُس تھاوُن
میٚۓ چھا شینہٕ تھوسبن گرنٛد تھاوٕنی
میٚۓ چھا تاپہٕ لیٚین وتھ ہاوٕنی
بہٕ تہٕ گِسو پنہٕ نی وژن ووٚن

مگر یہ نظم چھےٚ اکہِ انفرآدی سوٗچن رٕوپَچ شدید باوتھ کران:

أش پھیٚرِ روٗٹمکھ

ون باأش پھیٚرِ

تُلہِ تھابُتھِ پٹھ

زیوِٕ ستِن اُسس مَنٛز تھاوتھ

نیوٗٹھ یِتہٕ ژٕہہٕ ون ٕکِتس کالس......

ٕکِتس کالس کُمٕ سُنٛدمس لنگ

اتھ سےمَنٛز بند تھاون ون با......

(بال کرشن سنیاسی)

ٕکِتس کالس؟ یہوے چھُ سوال یُس شاعرس تھامہِ کُرِتھ چھُ۔ کشیرِ ژٕلِتھ یِنہٕ پتہٕ رُوٗد کشیرِ راوٕنٛک دود گوڈٕ گوڈٕ شاعرن ساری ہے کلامس پیٹھ حاوی۔ اتھ اند راوس پھیرنُک احساس اکہِ صدمہٕ رٕنٛگی موٗجوٗد۔ یہِ صدمہٕ گو وارٕ وارٕ تہٕنٛدِس تل شعورس مَنٛز بےٚ ناو ژھرِرُک احساس بنِتھ۔ یوٗت وق گٔذران گو تیوٗت گو نہٕ یہِ پتہٕ ختم گژھان بلکہ أہنٛدِ کُل شعوٗرُک اکھ ژھوٚپ حصہٕ بنِتھ تہٕ وقتن فوقتن کلہٕ کڈان۔ سأنس شاعرس چھےٚ وُنی ٕکس تذبذبچ حالتھ۔

آوارٕ أچھن ٕکتہٕ کالُک رووُمت کیٛاہتام

نظرن مےٚ اوٕ ٕکنہٕ پتہٕ کالُک وُٛن مےٚ ووہمان چھُم

(موتی لال ناز)

تمن چھےٚ کٲشیرِ ے آلو دِوان یتھ جواب دِنس تمن زبوٚ کلان چھےٚ تہٕ لفظٕے سمان چھاھ نہٕ۔ کینٛہہ چھِ یورے تس آلو دِوان تہٕ پٔنٕنۍ دآدی باوان۔ کینٛہہ تہٕ آسۍ تن دوشوٕنۍ صورتن منٛز چھُ یہِ گفتگو خود بینی تہٕ خود ازمایِشہِ ہُنٛد اظہار۔ کٲشیرِ چھےٚ ماج تہٕ کاشُرِ شعرِ رِوایتہٕ موٗجب چھےٚ ماج دیوی یا بھگوتی آسان۔ سانٛی شاعر ییٚلہِ ماجہِ دیوی ہنٛز استوتی کران چھِ یہِ استوتی چھنہٕ ہمیشہِ رِوایتی لیلا آسان حالانکہ رِوایتی لیلایہِ تہٕ آیہِ وارِیاہ لیکھنہٕ یمہِ آسی بڑوٚنہہ کُن وَہرِ شناووکھ۔ بہرحال وُنۍ کُس وُچھو اَسی زِ کٲشیرِ باربار ماج وُنۍ وُنۍ کتھ کٔنۍ چھُ کاشُرِس شاعرِ سُنٛد محاجر نفسیات کام کران:

ئژ کاکٕ مےٚ ڈیٛنٛٹھ مکھ ماج

ژ پییہِ از
سنٛد یا سمیٖس
دوٗ رِ اپھروٗڈ کوہِ دامنٛز
رٕژ وارا ژآرِتھ ترٛ نگہِ گنڈان......

(شبن کرشن تِلکوٗ)

امہِ پتہٕ چھِ ترنگس ستۍ وابستہٕ عمل شاعر سنٛدِ ثقافتی تل شعورُکین ورقن ہنٛدی پاٹھۍ اکہِ اکہِ سٕپدان تہٕ سُہ چھُ پننہِ از کالچ ژ دون لد زِنٛدگیہِ ہنٛدی وبدا کھ دِوان تہٕ منہِ کامن باوان "دہوٕ ویٛہہ لد واوس پھیرِ ہے شیٖہجار"۔ شاعرس چھُ سورُ ے دوکھ تہٕ وہرٕ ہے پوٗرٕ گوٚھنہِ خاطرِ صرف ماجہِ ہنٛز سرپرستی ضروٗرتھ تیٚمیٚک راوُن تس

وبتھ بتھ ژھبدٕنس تل
کتھ کتھ منز کتھ رآو تہ رآوِن

(رتن لال جوہر)

راونس سام ہنٛنگ یہِ رُوی یہِ چھُنہٕ منفی بلکہ یہِ چھُ بیک وق انتشار تہٕ عزمُک اظہار۔ یتہِ چھُ پانے پانس امتحان ہنٛنگ رُوی یہِ ییمنٛک اظہار ہیٚر کنہِ کرنہٕ آو۔

کانٛہہ نہٕ کتھ کرنس ژٕہج کتھ آش ژھوٚژ
اَتھی وُ جارس منٛز یہِ لُمی لُمی چھس زُوان

(موتی لال ساقی)



رٕکتھ براٚنٛژِ تھرِ تل عالماہ بدلیو وتتھے گئی
شے ڈُج توٚے آکار پدٕبن روو تتھے گئی

(روشن لال روشن)



یوٚ گام پٔژن گام دِوان اوس خبر نٕکتی
وونی شہر ژھاران نام پٔژن نٕکتی سِمتھ از

(رویندر روی)

یہِ چھُنہٕ محض اتفاق زِ راونٛک ایکساس چھُ شاعرن اَکس بےٚ ہنگم گفتگوہس منٛز شامِل کران۔ کیٚژن ہنٛدِ خاطرِ چھُ یہِ گفتگو اوٚک پاسل تکیاہ زِ

اَنٛدر رارد آہمہِ تہٕ گُن وُہمہِ صٔدیہِ اَنٛدر رپۆر پاٚٹھی پھۆجمٕژ، سو رٕوٗز وُہمہِ صدیہِ اَنٛدر رتہٕ گُنہِ نتہٕ کنہِ شکلہِ منٛز چلان، بامے تخلیقہٕ کِنہٕ پتھ وَنن منٛزٕ ے۔ وُہمہِ صٔدیہِ اَنٛدر ییٚلہِ کاشرۍ شاعرن اسلأمی صوٗفی نہجہ ہنٛز منظوٗط بُنیاد یکدم پھُٹہٕ راٚوِتھ ہیٚچ نہٕ (یِزن اسہِ احد زرگر، صمد میر تہٕ باگہِ وان دیٚد ہِنٛدِ کلامُک سنٛبر وُچِھتھ نَنان چھُ) بکھتی شاعری ہُنٛد اثر تہٕ کتہِ ہیٚکہِ ہے نکاٚرِتھ یا مُشراٚوِتھ۔ اگرے صوفی شاعری نمایاں کاشرِ گتہِ مُتوازی جوے اَس بکھتی تہِ اَس لوکٹبن دجن ڈوربن سگہِ وِنی پان رٕکھ۔ مگر سنہٕ 90 چہِ زمانہٕ تہٕ تنوظُر بدلیہِ باوجوٗد بلکہِ شاید تمہِ کِنٛز تہٕ گیہِ یہِ زنتہٕ دُبارٕ مُتحرک تہٕ سُے رول کوٚرُن ادا یُس یہِ وادی منٛز اقلیتی پٕژ زنٛژ بچاوٕنس خاطرٕ ادا کران اَس۔ 90 تہٕ پتہٕ رٕوٗز بکھتی ہنٛز بیٚنہِ بارسس آمٕژ شاعری بژٕوٗنٛٹھمہِ مقابلہٕ عام اِنسانہٕ ہنٛزِ سماجی زِندگیہِ منٛز کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ رہبرانہٕ رول پانے پننہِ خاطرٕ پاٚدٕ کران، سماجی تہٕ سیاسی شعورٕ کہِ بدلنہٕ منتشر گژھنہٕ یا متباٚدِل اظہارٕ باوجوٗد۔

کٔشیرِ اَنٛدر اوس یہِ شاعر پرمپرایہِ ہِنٛدِ برژرٕ ستی یوٗت مطمعین زِتس اوس نہٕ لگ بگ پانس تامے محدوٗد روزنُک کانٛہہ دوکھ تُسنٛد لبکھُت تہٕ وُنت اوس دراصل پژ ایوٹ سرکویشنس منٛزٕ ے پرنہٕ بوزنہٕ یِوان۔ جوٚم واٚتِتھ دژاو سُہ نبر تہٕ شاعریہِ ہنٛزِ نُمایاں کولہِ کوٚر نہٕ سُہ تِتھ شُبہاتی رٔدیہِ سان منظوٗر یُتھ اوتانی کران اوسُس۔ بلکہ ییٚتہِ کُر کینٛژو تِتھو شاعرو تہِ بکھتی صِنفہِ منٛز قلم ازمایی یم نہٕ فِطرتن اَمہِ ستی اوتانی مُتأثر گژھِ ہَن۔ وجہ اوس مؤلہِ تلہٕ پٕژ زنٛتُک ہیجان، کٔشیرِ ستی کاشرِ رِوایژ ستی ہم کلام گژھنُک حوس تہٕ منہِ کامن۔ نُمایاں شاعرس باسو بکھتی چھےٚ تسنٛزِ منہِ کامنہِ ہنٛز

ستم ٹلان چھُ۔ بعضے چھُ شاعرس باضابطہٕ باسان زِ ماج آیم پرٛوٗ کھُٹ بڑوٚنٹھ کنہِ یا سوٚپنس منٛز۔ وارِیاہ لیٖلایہِ چھےٚ تس ماجہِ درشنچہِ وٕنتی یا پرارتھنایہِ ہٕتی متحرک گاہےٚ یا چھےٚ کیٚنژن لیٖلاین منٛز ماجہِ ہٕتی روٗبروٗ سپدنُک تجربہ تہٕ باوتہٕ آمُت۔ بہرحال یِژھ لیٖلایہِ ہیکن بیٚیہِ باقیو وجوہاتو کِنۍ تہِ زٕنمس آمٕژ آسِتھ مگر ماجہِ کٔشیٖرِ ہُنٛد ساتھ تہٕ اٚشیر واد کانٛچھنہٕ کِنۍ تہِ چھےٚ وارِیاہ لیٖلایہِ لیکھنہٕ آمٕژ۔ یِژھ لیٖلایہِ یا عام نظمہٕ چھےٚ دراصل شاعرِ سُنٛد ذیہنی رُجحان ہاوان زِ تس چھےٚ اُمِس ماجہِ ہُنٛد ذِکر کرنہٕ ہٕتی نفسیاتی تہٕ روٗحانی فرحتھ میلان۔ فرحتھ تہٕ شیٚہجار چھُ یِمن شاعرن بعضے تمام دادٕ ن دوا باسان تہٕ پرٛن وول چھُ یِہنٛزِ دلیلہِ ہٕتی مُتمعین گژھان۔

وۄنٛدِ ژھرِ رٕچ تہٕ شیٚہجار کِہِ بازیاچ شہج باوتھ ہیٚپز پٔتِمِس ڈوڈس دٔہلس منٛز کاتھن رنٛگن اندر۔ کیٚنہہ رنٛگ یِم اوتانۍ یِہ ڈیٛلہِ زِ تہٕ پتھ وٕنن اندر زوتان آسہ آیہِ نِسر ژھٹنہٕ تکیاز پتھ وٕنچ یا بڑوٚنہہ شہرچ فرقے نیٖہ وٕتکی طُفانن مِٹاوِتھ۔ یِتھہٕ زِ اوتانۍ کیاہ آس یِہ نُمایاں شاعری نشہِ بےٚ خبر تہٕ کُنہِ الگ تخلیقی دُنیاہس منٛز زُوان۔ وۄں گو اِمِکۍ تخلیقی سرچشمہٕ آسہ اتہاسس منٛز دوٗر تہٕ اِ کِنۍ اوس امیُک بہاو یا تہٕ نُمایاں شاعری ہِنٛدِس محاورس نامنظور کران یا تہٕ پتھ کالہِ کِس ثقافتی بٔرژرس اندر اندر روٗزِتھ خود کفیل مگر برابر حرکتس منٛز۔ بکھتی ہِنٛدۍ تم ساری اظہار یِمو ژوداہمہِ صدیہِ پتھے دُرس مُلکس وِحاظ کوٚر رُمُت اوس تہٕ یِمو ادبس کبیر نانک فرید سوٗر تُلسی تکارام رحیم میرا کمبن تہٕ جے دیو ہِوۍ شاعر دِتۍ ہٕتی آسہ، اوس سون شاعر تہِ پننہِ رٔنگۍ پانہٕ ناوان روٗدمُت۔ گوکہِ کٔشیٖرِ اندر آس بھکتی اکہِ شعری تحریکچہ شکلہ

مےٚ تہٕ ژٕل قلم تہٕ لیٚوٗکھم، ہجرُک فسانہٕ چوٗنے
مےٚ تہٕ خونہٕ دِل رلوٗوٗم اشہِ دارِ میل گٔری گٔری

(تیج کرشن ساگر)

پتمین دون دٔہلین ہنٛز بکھتی شاعری چھنہٕ کانٛہہ نۆو شعری تحریک یوسہٕ کشیرِ نبر زمنس آیہِ نہٕ چھُ یہِ گُنہِ پرٛانہِ تحریکہِ ہُنٛد ےنۆو زنم بلکہِ یہِ چھُ بربگہٕ آمُت سُہ اظہٲری سِلسلہٕ (محسوساتن ہُنٛد سِلسلہٕ نہٕ) یُس دٔپتھ اوس۔ کینٛژن بِلکُل نوبن شاعرن تہٕ پرٛانین گُم نام شاعرن (یمن منٛز زنانہٕ شاعرن ہُنٛد جان تیداد چھُ) ہنٛز لیلا سوثبرنہٕ نیرنس تہٕ یہنٛدبن پُر جوش تہٕ مبالغہٕ آمیز جلسن چھُ متوازی عمل برپوٗر وہڑنے کران۔ سُہ چھُ زِ وطنہٕ دوٗر گٔیہِ ییٚتہِ وطنکو استھاپن تہٕ آشرم یسلہٕ قایم تہٕ یمن ستی واَبستہٕ ربوایتہٕ تہٕ ریٖژ آیہِ بیٚیہِ زِنٛدٕ کرنہٕ یتھ عام اِنسان سنٛز کاشر ہانٛکل پھُٹہِ نہٕ۔ گُنہِ جماژ ییٚلہِ پرٛزنٛژ ہنٛدی قومی attributes نہٕ چھِ یوان سو جماتھ چھےٚ کلچرچہِ کنجہِ اندر رٲژتھ پان بچاوان تہٕ پنٛنی حاضری ثابت کرنہٕ خاطرِ گُنہِ دماکس پرٛاران۔ جلاوطن شاعری اندر زنانہٕ شاعرن ہنٛزِ بکھتی ہُنٛد یکدم نۆن نیرُن اوس زنتہٕ دماکہٕ تِکیٚازِ امیُک کمزوٗرتہٕ سۆت رفتار اوس عام پأٹھی نظر انداز کرنہٕ یوان۔ امہِ شاعریہِ ہنٛز زمانس تہٕ وقتی حیثیتس ستی لا آہنگی آس اپّہ کمزوٗری مگر سوے بے آہنگی گٔیہِ وُچھان وُچھان زِنٛدگیہِ ہنٛز اکھ قدر بٔنتھ تہٕ زِنٛدگیہِ ہُنٛد کاشُر انہار باسیوٚ امہِ کےٚ مُتبادِل۔

اکھ سہل وتھ تہٕ تیٚمی اتھ رِوایتس سٟتۍ بڑونٛٹھ پٔتھے اقرار کوٚرمُت اوس تس کھوٚت بوٚش۔ یِم محدُود استمالہٕ یا یتھ وَنو ''پننہٕ آتماکہٕ سنتوش تہٕ سوکھ خاطرٕ'' وٕنتی لیکھا یا سِریِتی کلامہٕ کران یا لیکھان آسۍ تِمو کرٕ اتھ ''نوٕ'' تڑایہ پننہٕ پننہٕ رنٛگۍ وۄکھنیہٕ۔ یوتانۍ زِ بکھتی شاعری آیہٕ دوکھٕ لدوطن ویلاّ ے شاعرس زٕمن مہلامہٕ قرار دِنہٕ۔ اتھ وۄن کینٛژو نقادو فرار یا ردِعمل تہٕ۔ مگر یِہ آو مُشراونہٕ زِ بذاتِ بکھتی شاعر چھِ تِمے یِم بکھتی یا ژ زِندگیہ ہندِ بن دادِ بن اکھ علاج مانان آسۍ تہٕ مانان چھِ۔ نُمایاں پاں کولہٕ ہُند شاعر چھُ صرف تتھ ژہس منٛز اورٕکن رجو کران ییٚلہٕ سُہ پڑزنتہٕ کہٕ ہیجانہٕ سٟتۍ پریشان گژھان چھُ یا عام قبولیتہٕ کہٕ مارٕمتہٕ صرف اَکۍ سُند بیٚیہٕ سُند رِوایت زدٕ محاورٕ پانہٕ ناوان چھُ۔ سُہ محاورٕ چھُنہٕ بہرحال تٔسند نُمایندٕ روٗپ ہاوان:



کروکس فریاد کُس چھُ بوزان
ژٕ ے سوا چھُنہٕ کانٛہہ ڈکھِ روزان

شاپھ آیہٕ وۄتلتھ گوٚب گو بار
بُونے ژٕ ے ماتا جے جے کار

(پی۔ ایل۔ سُدیتی)



سِلہٕ گوم سینٛس ہشہٕ وسوسہٕ گوم
دِلہٕ کٔنۍ کوٚرمس گوٗتے گوٗ

نِلہٕ وٕٹسے للہِ کلہِ تنزرس گوم
گنٹایہ ٹھُس گوم سوہم سو اللہ ہو

(مکتوم جے کرشن)



پیٹھ پڑھ باوان۔ 19 /ہمہِ صدیہ ہِنٛدِس شاعرس نِش اوس امیُک وجہہ یِزِ سُہ اوس نہٕ ملک گیر تحریکہِ ہُنٛد ہم کال شاعر بلکہِ ییٚلہِ یِمہِ ساریے شاعرانہٕ لنجہِ بے معنے گاٹھ آسہٕ تیٚلہِ ووتلوٚ سُہ۔ سون وطن ویلاّ ے شاعر اوس یِمن سارِنے شاعرانہٕ کیٚو فِکری لنجن تجربہٕ کھوتہٕ زیادٕ بطور قومیتہٕ کہِ جاے پناہ استمال کران۔ یہِ شاعری آس تس یہِ ڈیٖزِ تہٕ کاشریتُک پٔنُن مخصوص رنٛگ رٔژھرِتھ تھونُک وعدٕ کران۔ یعنے یہِ بکھتی شاعری چھےٚ پرٛزنتھ قومیتھ تہٕ کاشریتہٕ ستی بنے ہِتس ترٛکوٚنجل دُنیاہَس اندرتس پناہ دِنٛچ گارنٹی ویٚشواس تہٕ شرٛن۔ نتہٕ چھُنہٕ اتھ بیٚیہِ کانٛہہ خاطر خواہ جواز۔ یودزن اتھ اندر پٔنُن پان پرزناونٛچ ہیٚتھ کُنی عام شاعر ہِنٛدِ خاطرِ زاتُک پرٛزر معاصر پرٛزرس مقابلہِ تھٔوِتھ مولہِ ناوٕنٛچ کتھ کرنہٕ یِوان چھےٚ۔ یہِ کتھ چھےٚ صرف زبانٛی ہِنٛدِس سوٚتھرس پیٹھ کانٛہہ وُقتھ تھاوان کُنہِ موثر تہٕ مُستند تجربہٕ کِس سوٚتھرِس پیٹھ نہٕ۔ توٚے چھِ اسی وُچھان ہیٚتھ بکھتی شعرس اندر زبانٛی ہُنٛد وطیرٕ رژھا تخلیقی سوٚتھرِس واتان چھُ سُہ چھُ سون توجہہ پانس کُن زوان۔

ہتو جو گیو قسم چھےٚ میٚانہٕ لولُک  
منٛکی پاپھ میٚانٛی تارٕژِ موژٕ تولُکھ  
بہٕ اگ چھُس کیٚاہ کرن مکوٚ ے تہٕ تبرَ ے  
ہتو جوگیو مےٚ زالُم پٔنہٕ نارَ ے

(پرٛان ناتھ بٹ غریب)



انتہٕ رژٕس ویشہِ یوٗ کوتاہ وژٕلہکھ      دژٕلہکھ دانہِ زن کنزٕ ہے مَنز
تِلہٕ واَنی دانٕہِ ہنٛدی پرٛیدِ کھٔنِن دیوٗ وہکھ      موٗ ژرووہکھ سہٕ شالہٕ سُنٛد کرنز

(چنٛدرا ڈاسی)



ژھوپہ کر پانوینہٕ ژٕ ے تمبلکھ      پانہِ مَنٛزٕ پرٛزلان نار ڈیشکھ
نالہٕ ژٕ ے رٹہٕ ہن کرٕ ہاَس موٗ نے      سُے میٚے منے کھٔنٛز تھے گول

(موہنی کولؔ)



گبوان گبوان گژھ ہوان تُسٛند ناو      مہٕ کھوژ اوٚ برس کری ژٕ ے کیاہ واو
ستچہِ لنجے پٹھ تُسٛند چھُ ٹھہراو      پرٛ ژٕ ہتھ ژٕ کانٛسے تمٕس شرن گژھِ

(سنتوش شاہ نادانؔ)



سر پھٕ پرٛ کرتھ ژٕ ے ترٛاو      امر بتھ داماہ ژٕ چاو
دِل پھٔٹمُت چھُ درپن      غاَرس سیرٕ موٗ وَن

(گرِجا کولؔ)



پتھ ژٕ ئنز ہیٚرِ کنہِ ونہٕ آوٕ لمحی بکھتی شاعری چھنہٕ عقیدتی پھیرن اہمیتھ
دِوان۔ کاشرِس مَنٛزٕ رژٕ دا کوٚ ے شاعٕ ب وقت شیوٚ ویشنوٚ شاکت تنتر یا سرِیتس

ژٕے اے اٹہٕ تےَ ژٕے مَنٛز گارس
ژٕہتہٕ ووٛنٛدٕ یارس مٹہٕ اِدٕ کنٛاہ
ژٕیٚ مَنٛز پھاٹوِتھ ژٕے پیٹھ تارس
ژٕہتہٕ باآزی گارس یِکہٕ وٹہٕ کنٛاہ

(بِملا رینہٕ)



لِیہٕ تہٕ لوسم لِیوم نہٕ پانٛس
لِینہٕ لِینہٕ لگِم تاآری
بڑمے سرِ کس ییتھ واآنی وانٛس
آنہٕ خانٛس وژوٗگ باپاآری

(بِملا رینہٕ)



بٔھکتی ہُنٛد سری رۄُپ یا وَنَو زِ انفراآدی سری تجربہٕ ییٚلہِ بٔھکتی ہٕنٛزِ باوژ ہُنٛد وۄُلت گرِتھ اظہار سَپدان چھُ (سری تجربہٕ ہیٚکہِ غاآرعقیدت یا بٔھکتی وراآے تہِ آسِتھ) زبان مُبہم ہٕنٛزِ چھےٚ گُنہِ حدس تانی قو درتی۔ زیرِ بحث شاعری مَنٛز آو مُبہم زباآنی ہُنٛد صحی تہٕ غلط استمال تہِ کرنہٕ۔ صحی استمال چھُ صحی تجربُک نیب دِوان تہٕ ییٚتہِ تجربُک ژھربر آسہِ تتہٕ آسہِ زبان خاآلی رِوایتی لفظہِ راش۔ ووٛنی گو تجربہٕ تہِ آسہِ گوٚن تہٕ زبان تہِ آسہِ شفاف سو چھِ عظیم شاعریہِ ہٕنٛز پچھان۔ بھاگہِ وان دیٚدِ

گۄنھان مے چانٛہ برأنٛتہٕ چھم نمان بہٕ چھُس کنبن
ژٕ وُچھتہٕ چھُم یہِ کیٚتھ سبزریزٕ ونےٚ پزٕر
(پیارے بھان)



ساٗلا چھِ ماٗلکہ یٚیمہِ بۄ سرٕ ے
یٚیتہِ چھُنہٕ گرٕ ے چھُ گرٕ واتُن
زان کر برجہٕ ہالہِ من منٛدرٕ ے
تمہِ تور تتہِ ناو پرٕ ے کیٚنٛہہ
(برجہ ہاکٕی)



أزِچ بکھتی یاپتھ حرفِ عامس منٛز لیلا شاعری وۄنُکھ چھِ ژکہِ زبانٕۍ پٮ۪ٹھ شاعرٕ ہِنٛدِ قوبۄ تہٕ تسنٛدِ بحرورتاونس پٮ۪ٹھ قودرتھ واجیٚنٛز شاعری۔ یہِ چھُنہٕ زُونک مرنک کانٛہہ نبرل تہٕ نۆو تجربہٕ پیش کرن واجیٚنٛز شاعری۔ یٚیتِہن زبانٕۍ نوبرٕ درٕیٚنٛٹھمان گۄنھان چھُ تتہِ چھُ پرن وأرِس پٮ۪ٹھ گوڈٕ گوڈٕ تیٚتھ تاثُر ضرٗر پیوان زِ شاعر ہِنٛدی تجربن چھےٚ زبان لُب ہیۄ۔ مگر یُتھےٚ نظمہِ انٛدر رِوایتی کتھن (یِم بہتر محاورس منٛز کرتانٕی ونہٕ آمٕژ چھےٚ) ہُنٛدے اوپ ژوپ وُچھان چھِ تجربک سون انٛدازٕ چھُ مبالغہٕ باسان۔

یِمن واکھن منٛز باوتھ آمُت تجربہٕ چھُنہٕ ژکہِ کھٹُین یا کٔڈر تہٕ زبان تہِ چھےٚ ویٚدٕ ن لفظن اندٕر وبٕز تصویرٕ وۄتلاوان یُتھ زِ خیالُک واتہٕ ناوبٕر شاعر پننِس سری سوٗنچس أٹزِ منٛزِ گرٛہان چھُ۔ ووٚں گوٚیہِ کتھ روزِ بحث طلبی زِ صرف واکھس منٛز یوت ہیٚکو اِسری تجربُس بہترٕین باوتھ کٔرِتھ۔

واکھ صنفِ نوٚو زۄ زنہٕ بخشنچہِ واراہ کوٗشش چھےٚ ترٛٹھ تہٕ سَپز مژ یِموٚ ستی کیٚنٛہہ بُنیٲدی ادبی سوال ووٚتھی۔ غزل چھِ از زِندٕ صرف تٔمی نوٚو تجرُبو (معنے کیو تہٕ زبٲنی ہِنٛدٕ بو تجربو) کٔنی یِم اردوٗ کیو کاشرِس منٛز سَپدے یہِ۔ مثنوی تہٕ منظوم ڈراما ژھوکے یہِ تِکیازِ زِندگی ہُنٛد تسلسُل تہٕ موٗسیقیتھ بنے یہِ پانےٚ سوال یِمن کانٛہہ قٲیدٕ بنٛد جواب چھُنہٕ۔ واکھ چھُ موٚلِہ تلہٕ ''ادیاتم'' یا عرفٲنی سِریتچہٕ کفیژ ہُنٛد مظہر۔ یِتہِ زِ ادیاتم یا سرِیت ما چھُنہٕ حقیقتھ یا حقیقتکہِ تجرُبٕچ کانٛہہ وتھ ہاوان بلکہ یِمن ہُنٛد تجربہٕ چھُ ووٚنی صرف عملی سوٗتھرس پیٹھ باوتھ لبان۔ یِہُنٛد گیان یا امہِ گیانہٕ منٛزِ گذرُن چھُنہٕ جدید زِندگی خاطرِ اپُز مگر تٔمہِ گیانٕچ باوتھ چھےٚ علمی یا شاستری حدن تانی شاعرانہٕ ووٚلُت پزاوان۔ بالفاظ دیگر تٔمہِ گیانُک تجرُبہٕ اگرے شاعرس گوٚمُت چھُ سُہ چھُنہٕ تتھ تجربس شوٚدِس تخلیقی تہٕ ازکل کِس وبٕژِنِس محاورس منٛز باوتھ کٔرِتھ ہیٚوٚک مُت۔ اگرے از شےٚ ہتھ ؤری بڈٕونٛتھ یِیلِہ شیو فلسفہٕ لُکن وُرُن تہٕ وتھرُن اوس، للہِ گیان ووکھناوتہٕ خاطرِ موزوٗں ترٕین زبان تہٕ محاورِ گرِتھ ہیٚوٚک یُتھ واکھ خالِص شعری تجربہٕ بٔنتھ ووتلوٕ از کونہٕ چھُ تہِ سَپدِتھ ہیٚکان۔ شُبہ چھُ اوٗنٛگ تجرُبہٕ کِس حقیقتس کُن ووٗنی چھےٚ لٲزمی۔

ہُنٛد تجربہٕ چھُ نبرل اُستھ تہٕ تیٚوٚتے سہل باسان تِکیازِ تمہٕ زبانٛنی چھُ شیشہٕ پٹکی پاٹھی گاش اوٚرِ یورِ تران۔

نظمہٕ ہُنٛد انہار چھُ لُکہٕ باتگ ہیٚو رُسیل تہٕ تجربس اندر چھنہٕ ہاوَن گری بلکہ شوزر۔

ژٕ چھُکھ عقلہٕ ہُنٛدے دٟیپ — حُکم مێون چھُ شیشکلہٕ رپ

چراغانس بن سوار — مجلوٗنہٕ زار وناٚیو



روٗژھوٚ رُے پژٕ ہرن — شِولوٗبُم پانٛنِ یے

کرٛشنہٕ ورنے ویشن لوٗبُم — نِشہِ تہٕ زانٛہہ یِژ دانٛنِ یے

یَم زانٛتھ بڑم ژٕوٚلُم — خم کوٚرُم گوٚرِ دیانٛنِ یے



اٚتھی ضمنس مَنٛز وُچھوٚ بملا رینہٕ ہنٛدی یِم واکھ:

منے دوٗرُم منے وہژوٗرُم — کلہٕ مل ژٕلہٕ اِدِ پوٗنِ وُزِ ناگس

منہٕ نِے ہاٚوِم مٟنٛچ وتھ — ژٕ ژمہٕ بہٕ ہمہٕ توٚ ونوِ جوش

مٟنٛکی منٛگے مالے توٗرُم — گوشہٕ گوشہٕ پلژن آتم آغس

منہٕ نِے دِژنم مٟنٛچ ستھ — اِدلل ترٛاگس پھولہٕ ہوشہٕ پوش



یُس پوٗحتہٕ کوٗنڈِ مَنٛزٕ دزاو
سُے موکھتہٕ ہار ہبتھ آو
روٗزِتھ نبر اندر ژاو
گژھ وڈٕن دِوان جگرو

(پران ناتھ بٹ غرٖیب)



بکھتی شاعری ہنٛدِ ہیٚرِ کنہٕ کہِ موازنُک مقصد چھُ امہِ نِہجِہ ہنٛدِ دُبارٕ نوٗن نیرنہٕ کِنِہ وجوٗہاتن تہٕ امہِ سٟتی سانہِ زیرِ بحث شاعرن ہنٛدِس ذٕہنیتس دوٗرٕ گژھ دِنی تہٕ یہِ نوٗن نیرنُک عمل شاعری ہنٛزِ نُمایاں مولانکونہِ دوران وچھناوُن۔ یہِ عمل اوس نہٕ منصوٗبہٕ بنٛد تہٕ نہٕ کُنہِ نام نہاد شاعرانہٕ پالسی ہُنٛد نتیجہ۔ اتھ اَسی پنٛنۍ کینٛہہ عارضی تہٕ کینٛہہ مُستقل وجوٗہات۔ یہِ چھنہٕ مُشراوُن زِ بکھتی شاعری ہُنٛد تیمی وقتہٕ پنہٕ نو امکاناتو نبر نیرُن تہٕ پھاُلُن اوس 90 تہٕ پتہِ گلہوٗمُ شاعری ہُنٛد اکھ منطقی عمل۔ سماجِچ اجتماعی بے چینی ہُنٛد اوس یہِ اکھ از موٗدِ انفرادی ردِعمل تہٕ یُس نار تہٕ مارکس ماحولس پنٛنۍ پاٹھۍ لول سمرپن تہٕ شیٖہجارُک تسلا دِوان اوس تہٕ سٟتی یم گون کاشرِ یتکی موٗلہٕ ترکیبی عناصر شکلہِ پیش کران اوس۔

نتہٕ اوس نار تہٕ مارُک ماحول وُنہٕ زِنٛدے تہٕ امہِ کہِ ہمنکی یا گلنکی آثار چھنہٕ باسان جل کیاہ گژھن نموٗدار۔ نارُک خیال چھُ سانٛس شاعرس وِزِ وِزِ کانٛہہ ناوان آمُت۔ امیُک اظہار کرنہٕ وِزِ چھُ بعضے شاعر رِوایتی بیانس زیادٕ لولہٕ کھوٗل کران:

زبان اگر مبہم آسہِ تمۍ٘ک عصری وجہہ ہکو أسۍ٘ سانہِ سمۍ٘ک گٹہٕ زۆل مانٛتھ۔ مگر یہِ گٹہٕ زۆل ماہیکہِ اِنسانس تمو تجربو منٛزی بیٚیہِ گنڈأ رِتھ یمو منٛزی سُہ ہتہٕ بٔدی ؤری بڑ وٚنٛتھ گنڈ رِتھے أزی کس سمیٚس اندر روتمت چھُ۔ گٹہٕ زۆل گژھِ ترسیل گرٛھُن سہل تہٕ سیٚدس لفظس کیٚو لفظہٕ ورتاوس منٛز۔ یہِ لفظ تہٕ محاورٕ یٚیلی سانہِ پننہِ زمانٕک آسہِ تیٚلی ہیکہِ صاف تہٕ شفاف بٔنتھ تہٕ والہٕ ناوبر سہل بنأوِتھ۔ کیٚنٛہہ رِژ مِثالہٕ چھےٚ یمہٕ:

نۆٹا تجوم ناگچہٕ رایے
مدٕچے مایے پاتأکی پیٚوم
ووڈھ مےٚ لأیم ترٛیٚٹہِ ہٕنٛدِ آیے
گوٗرٕ کرٛپایے اتھٕ رۆٹ گوم

(ہِملا رینہ)



ست زن کھٔسۍ تھے ست سنگ وٕیِکس
ستِ دیوٗس ماران ژھال
گیٚری رنٛگہٕ دستار النکار جوٗرِکس
زِنٛدٕ مۆرژن ستۍ نألی نال

(بھوشن ملا)



کُنہٕ دَرِ بُنِلی دِیُت سنہر پیو ژٕنس مَنز
پھرِتھ کاکدن پھیُر ذہانتھ ژھٹو کیٚاہ

(اشوک صراف گھائلؔ)



بُتلہِ بووان یِیتہِ نارِ ے نار
کتہِ انہٕ شین تہٕ کھیٚاوَن تاپھ

(برج ناتھ بےتابؔ)



افسوٗس مگر
مےٚ چھِ کھتےٚمتی پانس نارِ پھٕکتی
روٗدنہٕ زن آس نارِ بُسر
سُہ چھُ چون پزر
یہِ چھُ میٚون پزر

(کلہن کولؔ)



ساَنی شاعرن یُس نار وہتر ووتھ چھےٚ تس وونی باسان صِرف تیٚہہ بدلیمٕژ۔ تس بزونٹھ کنہِ چھُ سوال تمچہِ حقیقژ ہُند تکیٚازِ سُہ چھُ صرف شاعر وکیل سیاست دان یا جج چھنہٕ۔ 90 تہٕ پتے یوسہٕ شاعری جلاوطنی اندر یا وطنس اندرٕ ے سَپدٕ ے یہِ

شیٖنہٕ یِکھا ژٕ سون زانٛہہ
نار تیوٗنگل الأَندی چھِم
ہےٚ چھس پکان ہتایہِ روٗس
پھیٚکبن الأَنزٕ لاش چھم

(موہن لال آتش)

ناٹُک اتھ آغاز تہٕ انجام کیٛاہ ہیکہِ امہِ کھوتہٕ زیادٕ اَستھ زِ شاعرس چھُ پان ہتایہِ روٗس زِندٕ۔ ٹرجڈی چھےٚ یہِ زِ شاعر چھُ ضمیرُک راَچھدر اَستھ تہٕ امہِ ٹرجڈی ہُنٛد شِکار بنیومُت تہٕ راہ چھُ پانہٕ ہے کھاران۔ پٔنٕز لاش چھس پانہٕ ہے تُلنیٖ:



وُچھ سوٗنتھ تہٕ ییٚتہِ تتہِ آے اماپوٗز یاد چھِیا
تمہِ ہرُدُک دزٕوُن ویٚہہ تہٕ زہر چھُم نٲلی اَچھن

(وجے ساقیؔ)



انہِ گوٚٹ روٗتل
کُس ونہِ کیٛاہ ونہِ ......

أَندری أَندری لاوٕ سرس ما پھیران گژھ
سرِ شامےَ لوٚگ ژٕکھ بو روٗدس
اسمانس تام کھوٚت ووزجار

(پریم ناتھ شادؔ)

سوُرے چھُ سوٚپُن یِی چھِ وُچھان تی چھُ سراٰبا
ہا پانہٕ ژٔرے چھےٚ پے تہٕ گوٚھان کیاہ زِ ژٔرے چھےٚ بُل

(تیج راوٕل)

یہِ چھےٚ أمِس اِنسانہٕ ہنٛز تژاسدی زِ شعور چھُس ہُشیار۔ سُہ چھُ حالاتن وبژھنے کٔرِتھ ہربکان مگر لون چھُس یِی زِ عانہِ وقتہٕ چھُس نہٕ صحی فاصلہٕ نٔین تگان۔

وُچھو یہِ راتھ ڈٔلِن گوڈٕ تہٕ گاش ہیتھ سوٚنٛچو

چلو سُہ گاش ہِنٛس تام یِی بہانا رٕود

(تیج راوٕل)

یہِ نہٕ زِ راتھ ڈٔلِتھ ما چھُ سِرِ یَس ضرٗور کھسُن۔ تتھ پٔتھ تہٕ چھنہٕ کانٛہہ پژھ رٕوزِمژ۔ یہِ بہانہٕ ہیٚکِہ أمِس کینٛژس کالس گانٛگل کٔرِتھ تہٕ تہِ چھُس پے مگر متبادِل تہِ چھُس نہٕ کہیں۔

أچھ پھورِ ہے ما واونے ترِ ہے بدل

پوٚشن اندر رڈٕول موٚت پھراتھ کیاہ کرٕکھ

(موتی لال مصرٕوف)



تپلہٕ سڈکن مپلہٕ وادن ژھوپہٕ ژھوپےٚ

یوٚت گدُرن ونتہٕ نتہٕ باوِیا شہر

(سُنیتا رینہ)

تمێک شاعر اوس خشمہٕ ہۆت تہٕ حالاتن ہنٛزِ گنہِ نتہٕ گنہِ ووکھنیہِ پأٹھ پأٹھ کران۔ وجہہ اوس زِ امہِ اِنسان کُش صوٗرتحالُک اثر اوس وُنہِ سطحس پێٹھے یہِ اوس نہٕ وُنہِ تسندِس ژیٖنن عملس ہرِ بوٗن ووٗتھمُت۔ حالاتھ اُسی جذباتن وُتُش دِوان تہٕ جذباتے اُسی باسان اُخری پَزر۔ جذبن اندرٕ رٕوٗں کأری دِنُک عمل اوس نہٕ پزنہٕ پأٹھی شوٗرٕ گومُت۔ ووٗنی ییٚلہِ زٕ دٔہلی گوٚڈنی ہێتِن سوٗنٛچس تہٕ اظہارس چھےٚ پوٗختہٕ گی آمٕژ۔ اتھ چھُ معنے ہُک گوبر آمُت تہٕ زبان چھےٚ صحی تہٕ مناسب محاورٕ ژھاران۔ یہِ وُچھِتھ چھُ سون شاعر از راون تیٖول یا پۆت کل ہوٚبن حقیقتن بدلٕ آیہِ ژرژان تہٕ تسنٛز باوتھ چھےٚ مختلف انہار رٹان۔ سُہ انہار چھُ ازلی بے قرأری ہُنٛد ییمێک وجہہ بے بسی چھےٚ۔ بطورِ فرد پنہٕ نیبے تھٔری مِتس نظامس تہٕ بطورِ بُلحوس اِنسان پانٕے دِتی مِتس نارس برٛونٛٹھ کنہِ بے بسی۔ امێک وجہہ چھُ تسندِ زخمی ژبتُک مُستقل حِصہٕ بنیومُت اوٚکنی چھُنہٕ سُہ وبٕژھناوُنُک ضرورتھ۔ امێک انجام وُچھِتھ چھُنہٕ لتس خودکشی کرنُک شوق بڈان۔ بس اکھ سوٚت سوٚت دگ چھےٚ تَسُنٛد رُح بےٚ سوکھ بناوان۔ یہِ دگ چھےٚ گرا مویوٗسی تہٕ گرا انتشارس زبو دِوان۔ بہرحال چھُ یہِ سأنس شاعر سُنٛد مُستند تجربہٕ باسان یتھ ریاکأری ہُنٛد چھُہہ چھُنہٕ۔

شوزر روو زیٚہنس زہر پھوٚر دِہُل

نہٕ کانٛہہ شِکو رٕوٗ ڈُے پلن چھاوٚکتھ

(موتی لال مصروٗف)

وُنگان ہوٗنۍ چھِ ازٕ ژوپآرۍ
دیان کولن سُہ تار روو
خودلیہٕ ووٕنۍ رحم ژٕ کر

(موہن لال آتشؔ)

وُچھُن چھُ یہِ زِ اتھ ہولناکھ منظرس منٛز چھِ شنیاہ موغل تہٕ ہوٗنۍ سارِۍ کھوتہٕ زیادٕ باحرکت تہٕ فعال تہٕ اتھ پس منظرس منٛز چھُ شاعرس باسان زِ تس چھےٚ ہتا گژھنہٕ۔ یاتہٕ استمالک موقہٕ محل نہٕ آسنہٕ کنۍ یاتہٕ ضرورتھے نہٕ پیٚنہٕ کنۍ۔ اتہٕ ہیٚکہِ سُہ زُوِتھ تہٕ پھوٚلِتھ یُس پٔنُن اہم یا ضمیر طاقس پیٹھ تھٲوِتھ تھوِ۔ اوے چھُ یہِ ہم کال شاعر تِتھَین شاعرن تہِ نٔکھ یوان یِہنٛدۍ مسلہٕ بدل چھِ یم نہٕ گرٕ نِشہِ یا پدٕ تلہٕ کہِ زمینہٕ نِشہِ مُچھ گرِ متۍ چھِکھ ییٚلہِ زَن سائنٛس شاعرٕ ہنٛدۍ سارۍ مسلہٕ امی وجہہ کنۍ پادٕ گامتۍ چھِ۔ یہِ چھُ دراصل سونٛچن رٔوی یک ہشر۔ نتہٕ چھےٚ وطن ویلاٗ ے شاعرٕ ہنٛز اُڈرن بدل تہٕ موٗلہِ اِنسانی یا آفاقی مسلن چھےٚ تس نِش دۆیمہِ درجٕ فوقیتھ۔ سون یہِ شاعر چھُ نہٕ صرف زمینہٕ تہٕ زمینی تولقو نِشہِ بلکہ فِکری وراثژ ہنٛدِ اژھین رِشتہٕ نِشہِ تہٕ ژھیونُمت ییٚلہِ زن عام شاعر آسنس منٛز بے آسُن ژینان چھُ۔ سُہ چھُ بےٚ وطنیہِ منہٕ موافق ووکھنیہِ کران تہٕ وطن بدری اکھ عالمی سونٛچن کٔرِتھ مانان یوسہٕ بہرحال بلکُل بدل قسمٕچ ووکھنےٚ چھےٚ تہٕ کاشرِس بےٚ وطن شاعرٕ ہنٛزٕ کٔرِتھ ہیٚکہِ نہٕ تمو پیمانو کنۍ اُنکہٕ ونہٕ یتھ۔

بےٚ وطن شاعر چھُ تِتھو تضادو منٛزۍ گذران یم صرف سُہ سمجھِتھ تہٕ

ٗنتہٕ' یعنے اَسہِ چھےٚ خبرٕے تہِ سَپد نہٕ۔ کتھ کرِ نہٕ کانٛہہ۔ پزٕ روزِ دم پھٔٹٕرٕ گژھی تھےٚ۔

بے عار کلنٛڈر تہِ مُدے گنٛڈِتھ خشمہٕ ہوٚت
انٛدری طلاطُمن تہِ بُزٕنژی تہٕ پئہر گرٕی قضا

(رتن لال جوہرؔ)

یٔیلہِ وقتٕے بے عار گژھِ شاعرٕس نِش باوِ دود پُٔن؟ زِنٛدگی باسہِ موچھِ مَنٛز سیٚکہِ ہنٛدی پأٹھی نیرِتھ ژلان۔

وُدناہ کرِ ہا
گنہِ تہِ خلوت شایہِ
بس فرصتھ ہَنا
ووٚہی مے گرٕنم مرٕژ ہیٚپنٕز
محورٕس پیٹھ چھُس نژان
اٹھ بارٕ دوہ چھُم زِنٛدگی ہُنٛد
گوٚب سبٹھاہ

(مکھن لال کنولؔ)

زِنٛدگیہِ ہُنٛد بار چھُنہٕ موٚدُر یا ٹیوٚٹھ بلکہ کیٛاہ تام دُلمُل یُس صرف وبوٚ دُر ٹُلان چھُ۔ شاعر سُنٛد المیہ چھُ یہِ وونُس تہِ چھُس نہٕ فرٕصتھ۔ یُتھ صوٗرتحال چھُ ذی حِس اَنسانس عجیب انتشأری ذیہینٛس مَنٛز دأرِتھ دِوان۔ اکھ ہا بتھ ناک تصویر چھےٚ وۄتلان۔

بتا ٔگُم تہٕ سوٗر پھوٗل
شٕنیٛاہ موغُل چھُ ڈوٗلی ہیتھ
وچھس خبر چھُ کیٛاہ شبس

کوسہٕ وکھنَے کرٕ
سِر ساٗونی کتھن

(ارجن دیو مجبوٗر)

ووٚمید ہیکہِ کینژس کالس دود مٔشرٲوِتھ مگر قودرتکی اِشارے ییٚلہِ تہٕ غاَر مُبہم آسن۔ یِمن اشارن روٗد اِنسان ازلہٕ پیٹھے معنے دِوان تہٕ علامتھ گٔنزران۔ چوٗنکہِ یہِ معنے اوس عمومی، امہِ ستی باسیوٚ انفرٲدی دود زن تہٕ وننَے روٗد۔ انفرٲدی دود چھُ زیادٕ بوٚڈ پزرتہٕ سأنس شأعرس چھُنہٕ یہِ زانیہ مشان۔

غم میٲنی
یِمن دفناوِم کُس
چھا کأنسہِ ہمتھ
ژھر کتھ کتھ کرنس حاصِل کیاہ

(پریمی روماٲنی)

یہِ کتھ چھُنہٕ مدید وہژھناوِنچ ضروٗرتھ زِ مختلف سماٰجی کیو سیأسی نظری یو کٔرکشیرِ پیٹھ ساسہٕ بدہن لُکن ہنٛدِ ژلنہِ کِس واقہٕ ہَس صرف امہِ کِنی نظر انداز کرنٕچ کوٗشِش تِکیٛازِ یہِ واقع آو موٗلہٕ تنگ نظری ہنٛزن بُنیادن پیٹھ تشکیل دِنہٕ تہٕ اتھ مَنز آورنہٕ آمٕتی لُکھ اٰسی نہٕ عالمی بُنیاد پرستی ستی مُنسلک۔ یہِ چھِ اکھ آیرنی مگر حقیقتھ چھے یِی زِ یِتھوٚ نام نہاد ترقی پسند تہٕ آزادانہٕ سیأسی نظریوٗ کر امہِ واقع ہٕچ شِدت کم بیان کرنٕچ کوٗشِش۔ یِتیٚ مہِ ژٔلکہِ ووٚنہِ مژرُک ذِکر کرنس ستی چھُ امہِ

سمجاوِتھ ہیٚکہِ۔ تم سمجنکی پیمانہٕ ہکھو کھ نہٕ اَسی جدید مشرقی یا مغربی تنقید منٛز ووزِ ی اَنتھ۔ یتھٕ کُنی ہیٚر کنہِ ونہٕ آو اَمِس چھُ پَتُن پتھ کال پتہٕ کلچرل وراثتک تہٕ پرٛزنتک آگُر آسنہٕ کِنی ووٚنی زیادٕ ٹوٹھیومُت باسان۔ یہِ چھُ تیٚنٛزٕ پچھانہِ ہُند سوال تہٕ اِہ کِنی چھُ امیُک جوازتس نِش موٚجوٗد۔ مگر تیٚنٛزٕ بدقسمتی چھےٚ یتہٕ زِ ازکال وہٕژھناونہٕ وِزِ چھےٚ بعضے پتھ کاپچ نظرتس مصنوعی تسلا دِوان باسان زِ لنہِ گٹہِ پتہٕ ییہِ گاش۔ سُہ چھُ گرا ودان تہٕ بے دردلکہِ ارساتس اندر کانٛہہ ہمدرد بوزن وول ژھاران گرا چھُ پانٛس پیٹھ اسان زِ بے معنے اَندی پکھس معنے دِنٛک تگ دَو کیاز چھُ کران۔ اوے چھےٚ تیٚنٛزٕ زِندگی وولساوکیو المیہ کٕہن کھٔنڈی پھُٹہٕ ژِہن ہُند اکھ سِلسِلہِ بنے مٕژ۔ سُہ چھُ یسلہِ پانٛس کیو زمانس طنز کران۔ کانٛسہِ فردس نہٕ بلکہ تتھ صوٗرتحالس ییمیُک کانٛہہ شبقہٕ خدوخال چھُنہٕ۔ وولساوِ وِزِ تہٕ چھُس نہٕ بُمہٕ گوبر ژلان۔

تارکھ کیاہ تام مُدیہِ وُچھان

اَچھ ٹٹہٕ وارس کتہِ فُرصتھ

(شمبھوٗ ناتھ بٹ حلیمؔ)

یہِ کیا ہتامے چھُ تیٚنٛدِ المیہ ہُک وجہہ تکیازِتس اوس ارادٕ تارکن ہٕنٛدِس ابدی حقیقتس پَتُن کانٛہہ معنے دِیُن۔ گویا خوشی ہُنٛد وجہہ چھُ برقرار اگر زن سو خوشی شرطن گنٛڈِتھ چھےٚ۔

راتچ وٕاَنا کی گُیہِ پانٕے صُبحچ بزانتھ

سر چھُ سرٕ ہے



کم تاگی یپاری دزاے نۍ اُس زان تہٕ پچھان
لڑِ بارِ تمِن اُس شاید لاش گُلس منز

(جواہر لال سروٗر)



یہِ چھا محض اِتفاق زِ اُخرالذِکر شعرُک تہٕ رحمان راہی سٕندِ یمہِ شعرُک اِستعارٕ چھُ ہوٗے باسان حالانکہِ احساس تہٕ تجربہٕ چھُ دوشوٕنی بیوٚن:

نہٕ اورٕ کانسہِ مبے پزٕ ژھنم تہٕ یورٕ کینژھہ وۄنمکھ
رۄیوٕدِ ہم نفسن ہُند سفر تہٕ خاموشی



المیہِ چھُ زِ وبتراونک عمل چھُ ہمیشہِ ذی ہوش اِنسانن خاموش کران تہٕ ذی حبس شاعری چھےٚ شورس منز تہٕ خاموٗشی باسان۔ ژکہِ چھُ پزر یہِ زِ خاموشی چھےٚ بے قرار شاعر سُند لوٗگ لون تِکیاز دگہِ ہُند انتہا چھُ کلٕہ راوان تہٕ اند رونس کھولو دِوان۔ دِل چھا کُل زِ کژاپ گوٚھبس؟ شاعر چھُ پژن رٕوی یہِ بدِ کڈنس منز مشغوٗل۔ سُہ چھُ پنہٕ نِس تواٗرِیخس تہٕ ذات نامس باربار سام ہیوان زِلس یہِ گدران چھُ سُہ چھا لس لون کِنہٕ تسنٕدِ زُون انداز ک ژمرِ۔ تسنٕز حقیقتھ کیاہ چھےٚ؟ سُہ اوس نامُکمل کاشُر زِ کشیرِ منز تسنٕدی سٕنی موٗل تہٕ ہیکی نہٕ تس کھڈا روزنچ توژھ دِتھ۔ 16 ہَن وٕری یَن ہنٕدِس یاداشس پھیٖر پھیُر دِتھ تہٕ تس دزاو کیاہ؟

واقعہ ہُک ذِکر لاٗزِم بنان حالانکہِ امہِ وِزِ آیہ سانہِ داٗنش ورطبقچ ریاکار صوٗرتھ اَسہِ بزوٗنٹھ کُن۔ اتھ رِیاکاٗرِیہِ اوس چونکہِ نام نہاد عواٗمی زباٗنی اندر اظہار دِنہٕ آمُت اِو بِکنی پہو کاٗشرِس زیرِ ذِکر شاٗعرس تہٕ تمی عواٗمی زباٗنی ہُند استمال کرُن حالانکہِ یژھ زبان چھنہٕ تخلیقی تہٕ ووپزاو بُنتھ ہبکان۔ اچھ چھےٚ اُمس شاٗعرس پےٚ

سرساٗمی شامن ہٕنز چھم وزِ پے
روٗپہٕ ٹٔبن بُتھی نےٚ پیٚمو ہام
نیٚبرِم میچھر سپدبو پھکھ
اٚندریُم وِنیہہ اُخر نوٗن وزام

(پی۔ابن۔کول سایِل)



ہٕی ہٕی پیٚتہٕ اُسی گاٗمتی ڈاٗسی
اَسہِ چھنہٕ مرِنس سوٗنُب فرصتھ

(اومکارناتھ شبنم)



مےٚ تہٕ میٚون گُری گُری زیٚنتھ تہٕ ہاٗرِتھ
پاٗرِتھ کتھ روزِ روٗنہِ زانپان
اتھن پھکھ چھُ یکُر ماٗرِتھ
وٗہرِتھ کتھ کیٚتھ دستر خان

(روشن صراف)

موثر استعار بناوٕنس مَنز کامیاب گومُت۔

یہٕ چھُنہٕ معتدِل نہٕ عاَدِل
اُمِس گنٛڈھِ نہٕ وُنن کینٛہہ
نہٕ پرُن وعظ نہٕ کرُن واد
اُمِس چھُنہٕ مائٕژ بوے
ہاٮ۪ر کاٮ۪نٛٹھ کاٮ۪نکل مس کٔرِتھ
ہر کاٮ۪نسہِ دِوتاہَس بُتھ ژلن

(اشوک کول ریپس)

وُچھُن لایق چھُ زِ اتھ مَنز آٮ۪تی حوالہٕ چھِنہٕ وٕیز حقیقتھ آسنہٕ باوجوٗد نظمہِ ہُنٛدی شعری پٔزر موثر استعارٕ بنہٕ نس مَنز رُکاوٹھ پاٮ۪دٕ کٔرتھ ہبکان تِکیٛازِ نظمہِ چھُ طنزیہٕ رٕویہٕ۔ طنزُک پوٚر طاقتھ چھُ اتھ ہٕشن نظمن مَنز وٕتلتھ ترسیل مکمل کران۔ موہن لال آتش چھُ ''پھلا دیش'' نظمہِ مَنز کاشرِ رِوایتی پیشنگوئی ہُنٛد لفظ تہٕ محاورٕ تخلیقی معنے ہَن تانی واتہٕ ناٮ۪وِتھ طنزُک بہترین استعمال کوٚرمُت:

یٔیمہِ وٕرٕ یُک رازٕ چھُ بژمراچوک
واہن چھُس راکیٹ لانچر
گژیہد بن پٹھ چھُس ہینڈ گرینڈ

نظمہِ ہنٛز اکھ اکھ لاَن چھےٚ ہم کال خوف تہٕ خدشن ہُنٛد ماحول ژِتراونہٕ خاطرٕ صرف کینٛہہ مخصوص لفظ استعمال کٔرِتھ اہم تہٕ معنے بٔرژ بنے مٕژ تِکیٛازِ لفظ چھِ

مےٚ گو یہِ نہٕ یو دیہاد آوی چھو کوٚ
اُسری ہےٚ حال وُچھن تم تہٕ تژن

(تیج راوَل)

شعرس اَندر اگرے زبان اکھ بدۆن رنگ رٹان چھےٚ تتھ چھُ وجہ۔ انتہایی حقیقتس ستی بُتھی لاگیہِ وِزِ چھےٚ زبان فِطری میلانس گن لمان یہِ زن اَسہِ لیلا شأیری وبڑھنے کرنہٕ وِزِ وُچھ۔ بہرحال چھُ شأعر دِوتا ہِنٚدِ پیٹھ راکھسس تام کہِ زنمہٕ کشنٛک آگُر ژھاران تِلکِیازِ سُہ یتھ گرٛٹس لۆگ تمیٚک مُبینہٕ وجہ چھُنہٕ تس وبڑان۔ تُنٛد سوال چھُ بہرحال سوالے روزان۔

ڈل ڈٔہی دِژِہے تراوتھ پاں ژادرو سرٛۆز
سہلابہٕ سۆتھ یرٛن چھےٚ سیکہِ لبن ژُسن تہٕ چھےٚ

(پی۔این۔شاؔد)

گوڈنیک مِصرٕ چھُنہٕ محض صورتحالُک بیان بلکہ شأعر ہِنٛدِ تل ژٕبتھک ژھانڈو۔ دۆیمس مَنٛز چھےٚ حقیقتھ تجربچ شِدتھ ہاوان۔

یَم شأعر چھِنہٕ وونی کانہہ تہِ حقیقتھ پنہٕ تجربہٕ مَنٛزی گذارنہٕ ورأے تہٕ بلا شک منظور کران تہٕ اتھن چھُ طنز یمن ہِنٛدِ باپتھ سارِوے کھوتہٕ کارگر ہتھیار بنان۔ طنز تتھ پیٹھ یہِ تٔمی وُچھ تہٕ ژیۆن، طنز تتھ پیٹھ ییٚمہٕ کٔنی سُہ تِنٛدی جن لۆگ۔

اشوک کول رٔیپسن ہِنٛز نظم ''اُرنگ اُٹنگ'' نی تو۔ چھُتہٕ یہِ اکھ واندُر ریُس کأنسہِ تہِ جانورٕ ہِنٛدی پأٹھی بے زرر اَستھ ہیکہِ مگر کأثرِس شأیرس چھُ امہِ ناوُک عجوبہٕ اتھ

# بھوٲنی بھاگیہ وان دبد



ناو: بھوٲنی (تارا)

قلمی ناو: بھاگیہ وان دبد

زبنہٕ جاے: ژین اٗڈی گوم، دیوسر، کولگوم کشمیر۔

وٲرِو: مرُن پلوٗم کشمیر۔

زاسنہٕ؛ 1900ء (انداز ن)

سورگہٕ واس: 1975ء

خانداروُنُد ناو: پنڈت تیلکھ چنٛد

گور: ا۔سوامی گووِیند کول (ونپوہ)

٢۔عبدالاحد زرگر (سرینگر)

مطبوٗعات: منہٕ پمپوش۔نومبر 1998ء

(بھکتی تہٕ صوٗفی شاعرِ سۆمبرن)

پتہٕ تناظر منٛز کڈِتھ سیاسی تناظرس منٛز شیرنہٕ پأرنہٕ آمژ۔ تتھے کنٛی چھِ یتھ نظمہِ منٛز توأریخی واقاتن أزی کس بےٚ بُتھ ماحولس اندر حوالہٕ رٔنگی استمال کٔرِتھ امکأنی صۆرتحال ووتلاونہٕ آمٕژ۔

تس چھےٚ وومید

اتھ پمپوشس

کھسہٕ نہٕ جل اُدبھوٚ

کشپ ریٚشس پیٚیہٕ نہٕ برمن

پھٕٹراوُن

پھال ہیتھ بالن لارُن پیٚیہٕ نہٕ اتھس......

(آر۔ایل۔بٹ)

طنٛزک ہُتھی یار چھُ یتھ نظمہِ منٛز تہٕ اتھ منٛز تہٕ چھُ ہیٚرمہِ نظمہِ ہُنٛد ہیٚوٗ اسلوٗب استمال سپدمُت تہٕ امہِ ستی چھِ یہِ ہم کال کس حقیقتس پیٹھ اکھ اہم کمنٹ کران۔ یژھ نظمہٕ چھےٚ شاعری ہُنٛد ایحساس تہٕ شعور زیادٕ موثر طریقس منٛز باوان تہٕ بیک وقت تہُنٛد غم تہٕ بےزأری ہُنٛد سروکار ظأہر کران۔

☆☆☆



ہی اگورے نۆرکہِ نۆرَے بۄہ گۆرِ گۆرَے کرآئیو
مبے مَنٛز منے چھم چانہِ رونے بۄہ چھونہِ چھونے کرآئیو
ہی ست گورَے ژرا ژرَے ژبے ژامَرے کرآئیو
ہی گووہنٛدَے ژرنار بہنٛدے بۄہ بنٛدِ بنٛدَے چھلآئیو
سۆہم لیَے کالٕنہِ بھَیے چانے زیَے بلآئیو
کٔنَن ہٕنٛدے ہا کنہٕ دۆرَے ژبے کوفۆرے ملآئیو
چھُکھ موکھٕ موکھَے ژۆلُم دوکھَے غرق گٔیَس گرآئیو
سُدآم زآنِتھ سُہ دھام دِیُٹھم یُس مونٛگ یۄگیشورآئیو
چھُکھ ماشُرٕ ے کرمن کھُرٕ ے مبے کاس سُے چھُم زرآئیو
انٛدر اژَے أنٛدری نژَے پھیرَے نہٕ بَرٕ برآئیو
پرٛنٛچ بوچھے مبے ہیتہٕ کوچھے نِنم نہٕ یَمہٕ کینکرآئیو
سُہ چھُم ڈرٕ ے مۆنٛگَے وَرٕ ے دِیتھتم شِو شنکرآئیو
چھَس انزانٕے اَن پرمانٕے تولُم پۆرٕ درآئیو
یَس چاآنٛ زانٕے سُہ بھاگیہ وانٕے ونان چھُم ستگورآئیو



عیاُشی عَیار بےٚ اِھنٲشی خاوار بےٚ
وِیدن ہُنٛد وبستار بےٚ دٕیدن ہُنٛد دیدار بےٚ
ظُلماتک زُنار بےٚ شِوالس شہَمار بےٚ
خیالُک پرکار بےٚ دَیالس دشوار بےٚ
دفترُک سرکار بےٚ آشرٕ رُک اخبار بےٚ
خزانَس ماہوار بےٚ انزانَس ووپکار بےٚ
سِلسِلک گِلکار بےٚ بُلبُلس گُلزار بےٚ
دُلدُلس سوار بےٚ بیدِلس دِلدار بےٚ
ساگرس ہُنکار بےٚ آگرس پھموار بےٚ
ندہرس رفتار بےٚ ٹیچرس گُفتار بےٚ
مُقدر نارو نار بےٚ کِشورَس آبشار بےٚ
بیقلس تھردار بےٚ عاقلس وردار بےٚ
شیٖشکلہِ ہُنٛد خُمار بےٚ شنکرس مُختار بےٚ
گنیش بےٚ کُمار بےٚ تارا! تارا! تار بےٚ

---

ا بھاگیہ وان دیِد ہُنٛد دٲری وٕ ٹیک ناو۔

گاہ ژٕ اوِ پانہٕ سے مَنٛز  دانَس دلنہٕ سے مَنٛز
یُتھ خوبانہٕ سے مَنٛز  کُکِل نالہِ ویٚسیے
دِیُت گوٚش بھاگیہ وآنو  مدٕہوشی سدا شِو
گووِندٕ ناوٕ سے ہبتھ  پیٛالا ڈالہِ ویٚسیے



مے لٲلہِ پٔرمَے عمہٕ سِپار  مُجلوٗنہٕ زار ونآیو
دوشوے پوٚرمُت چھُ فُرقان  دوشوے آسی قُران خان
ژٕ وٕزیر بہٕ سرکار  مُجلوٗنہٕ زار ونآیو
گورن ہاوِیہِ دوشوَے چیٖز  دوشوے آسی رُتےٚ پیٖز
حُکم میوٗن چھےٚ نارونار  مُجلوٗنہٕ زار ونآیو
ژٕ چھُکھ عقلہِ ہُنٛدے شم  حُکم میوٗن چھےٚ لولُک بم
دیدَو چھِ لیکھنٕ ویدٕ اخبار  مُجلوٗنہٕ زار ونآیو
ژٕ چھُکھ عقلہِ ہُنٛدُے دٕپ  حُکم میوٗن چھےٚ شیٖشکلہِ رٕپ
چراغانس بَن سوار  مُجلوٗنہٕ زار ونآیو
بن سوار دِ اخبار  عقلہِ ہُنٛد چھُکھ وآقِف کار
گوڈٕ گرٛشھِ ہوٗرن مالہِ سرکار  مُجلوٗنہٕ زار ونآیو



شاہ چھُم دیدنے منٛز　　شاٗہی چالہِ ویٚسیے
گاہ چھُم وعدنے منٛز　　گاہ سموادنے منٛز
گاہ چھُم نادنے منٛز　　اندر مالہِ ویٚسیے
گاہ ڈٲری یاوسے منٛز　　گاہ چھُم واوسے منٛز
گاہ بالہِ باوسے منٛز　　گِندان بالہِ ویٚسیے
گاہ چھُم نِشہِ پانس　　گاہ آکاشہِ تھانٛس
گاہ منٛز بارانس　　امرٕ بتھ والہِ ویٚسیے
گاہ یارس یارٕے　　گاہ چھُم غم خارٕے
گاہ یار لولہِ نارٕے　　کوتاہ ژالہِ ویٚسیے
گاہ ست سنگہِ نے منٛز　　گاہ مرٕ دنگہِ نے منٛز
گاہ روٗنہِ زنگہِ نے منٛز　　نژان ڈالہِ ویٚسیے
گاہ وبوہارسے منٛز　　گاہ گُفتارسے منٛز
گاہ سون نارسے منٛز　　اندر ہالہِ ویٚسیے
گاہ سون دلنہِ دانٛے　　گاہ بنہِ دُرداَنے
گاہ جانانہِ پانٛے　　ناٗلی نال ویٚسیے



گرٛلیہٕ لٲجم آیہٕ پرَن — وڈٕلیہٕ ہِندوستانٕژِ یے
جام چیٚیم رام پرَن — نام روزن میٛانٕژِ یے
رَو ژھوٚرُے پڑو ہَرن — شِو لوٚبُم پانٕژِ یے
کرٛشنہٕ وَرنےٚ ویٚشِن لوٚبُم — نشہِ ہنہٕ زانٛہہ یٔژ دانٕژِ یے
یم زاۓنتھ بڑم ژۆلُم — خم کوٚرُم گورٕ دیٛانٕژِ یے
سونہِ ہُنٛدُے خارٕ اوسُم — وارٕ کھٔژس ہانٕژِ یے
کنٛژُکے تامٕپر گرٔی زیٛا — ۂٹ ژھانٛڈے چھانٕژِ یے
نوٚو ژےٚ نقلا کیٛاہ بنووُتھ — پڑون پراتانٕژِ یے
زر زیوَر ستی تُلُم — کتی چھَم قوربانٕژِ یے
شیٖرِ زیٖنتھ شیٖر گٔیَس — ہیٖر آسٔم کانٕژِ یے
جھوٚٹ ؤنتھ لوٚٹھ کوٚرُنم — پرٔیہِ پرِستانٕژِ یے
دردٕ باغس ہی میٚے پھوٚجم — تٕی میٚے ووٛنُم لانٕژِ یے
رَو ہہٕ یے شِو ہہٕ یےَ — اوٛم چھےٚ میٛانی وانٕژِ یے
اوٛم زٔپِتھ اوٛم کار کھوٚنُم — توَ میٚے زانٛہم وانٕژِ یے
أش بُکے اشہِ والنہِ ژٔھجم — چھےٚ ہنہٕ زانٛہہ ڈلوانٕیے

ژٕ چھکھ عقلہِ ہُنٛدے گُل | بہٕ چھَس لنٛجہِ لولُک گُل
پتھے روزَے کتھ شُمار | مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
ژٕ ے چھے عقلہِ ہُنٛدے بوش | مےٚ تتھ کۆرمُت فراموش
سر اَسِتھ ژٕ سپدا کار | مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
عقلہِ نِش چھےٚ نہٕ لولس جاے | عقِل تھٔوے لولن داے
تالی رٹی تالے وار | مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
عقلہِ ستی چھے اہنٛکار | تمی لولن دُیُتس نار
دستِ پاک کٔرتھ دستبردار | مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
بیقل سوداَمس منٛز باو | کرٕشنَس کیشن ولنہٕ آو
سۆشیلا بےٚ خوش گُفتار | مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
بیقل رٕکھمَن دوہ اکہِ روٗٹھ | پارِ زالتس تلہٕ کنہِ ہیٛٹھ
بنٛدن گوس ژٕنٛدن دار | مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
رادھایہِ دوٗپُس شِہلِس بیٚہہ | کرٕشنُن ناو زانٛہہ مہٕ ہیٚیہٕ
یتھ سمسارس دِمس نار | مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
چھےٚ بھاگیہ وانٛنے سُے باپار | یَتھ منٛز روٗد کھٔٹِتھ نار
تتھ کیاہ کرنے سمسآری دار | مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو

کیٚنٛہہ کھٔتۍ آکاش کیٚنٛہہ ؤتھی پاتاٲلی یے
کیٚنٛہہ ؤلی لولن کیٚنٛہہ ژٚے روٗشِتھ ملاٲلی یے
کیٚنٛہہ گرٕ مَنٛزے ہَر چاٲوِتھ ہَر دوٗآری یے
کیٚنٛہہ وٲتِتھ بنٛد گٔری چنٛڈآلی یے
کیٚنٛہہ حوٗرٕ روٗیے پوٗرٕ گٔرِتھ متوآلی یے
نوٗرانہٕ ہاوِتھ ژوٗرِ ژٔجِکھ جنٛگاٲلی یے
وزَان گرٛزان واوٕ أنٛدری وُزماٲلی یے
چھُے قدِ شمشاد اَدٕ بَدول جماٲلی یے
پیٹھ اسمانَس وارٕ وُچھمَکھ مَشاٲلی یے
مَنٛز دُر دانَس جانانَس چھکھ ناٲلی یے
شمع روٗیَس وُڈھ وُچھَے ووزآلی یے
زَن قنٛدٕ پھٔلی دنٛد انٛدٕ ونٛدٕ چھی تنٛدآلی یے
ووڑِ ژٚے وُڈٕنی پوٗرٕ پچھِمہٕ شُماٲلی یے
چھکھ شِلہٕ پدمان دِل ژٚے نیٛوٗتھم آکاٲلی یے
امہِ سِلسِلے دِل چھُ میلان یٔژکاٲلی یے
بن معشوقَے عاشقن مےَ کر خاٲلی یے

واوِ سے منٛز ناو رٕٹم | ناو چھُم بھاگیہ واآنٛز یے
واوِ سے آہار کوٗرُم | سار وُچھُم فاآنٛز یے
کُکلہِ ہِنٛدی ہوی پری ترٛ آوِم | جوٗری گووِنٛد ساآنِیے
آیہِ نِیے منٛز جاے رٕٹن | ہیٚچھِن قوران خاآنٛز یے
للہِ گٔن اِ دولہِ وُچھنَے | لولہِ مُجلوٗن خاآنِیے



چشمہِ بہِ وٕندَے چشمہِ وُچھمے سورماآلی یے
رُمن گُمَے بُمہِ وُچھمے کزاآلی یے
ہا گووِنٛدَے مَس بہِ کرٕتھس مَس پیٚاآلی یے
مَس گیہِ تمے یِم ژٕے وُچھِتھ چینہِ واآلی یے
کیٚنژن پھنٛدَے کیٚنژن آکھ خیاآلی یے
کیٚنژن شوبِے طوقِ دُنیا چھکھ ناآلی یے
کیٚنٛہہ استہِ استےَ ختہِ کرِتھ وُباآلی یے
کیٚنٛہہ میٚزِ ہِنٛدی یٔژ تھرِتھ مولاآلی یے
کیٚنٛہہ آیہِ اورے کیٚنٛہہ ژٕے نیٚتھ سواآلی یے
کیٚنٛہہ رَنٛگہِ رَنٛگے چنٛگہِ وایان بنٛگاآلی یے

کُکلہِ ہنٛز بولہِ منٛز کوٗستوٗر وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر
گرٛن ترٛییلوٗ کیے پرٛکرم گرٛھسم آسُن گُلس شبنم
گُلس ستی زلان چھے موٗر وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر
زِندس گِندُن مے جانانے مرِتھ دِم شو نروانے
وَتن یاوُن ستک سنطوٗر وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر
مے موٗنگمے اوَل پرٛ باتن گرٛھسم ست گور پنُن کھن کھبن
کرَن بھاگیہ وان ثرٛے اَتھی مجبوٗر وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر



مے جوٗگر دیُت جوٗگر پاوٕرے دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے
پرٛھ کر تہٕ میٲنس ونہٕ نَسے کیٛاہ زلنہٕ نیوٗ پپٹھ انہٕ نسے
بوٗ زِتھ کری گُس باوٕرے دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے
زرٕ زرٕ زر ثرٛھُن ہالہِ مے اولاہ وُچھمے پپٹھ تالہِ مے
دَم دِتھ ہمسنی چھِم پرٕرے دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے
دَم دِتھ بہٕ کھرٛسے ہیوٗر گُنے سوٗہَس تہٕ ہمَس کوٗر گُنے
یارَن مے گرٛنَم یاوٕرے دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے
کیٛاہ اندرٕ کیٛاہ نبرٕرے ڈیشتھ بہٕ پھس بے خبرٕرے

وُچھ بھاگیہٕ وانن کٔر یہِ دَیا دیاؔلی یے
پٹھ وسبانن ہمسن ہٕندی چھِکھ آلی یے
گُلِ زعفرانَن ءستی وُچھمکھ مسوآلی یے



گُنی کتھ میٲنی کر منظوٗر    وَنن چھےٚ باغِ اِرچٕھ حوٗر
وُچھُم ویدَن پُرانَن مَنٛز    وُچھُم آیٖن قورانن مَنٛز
وُچھُم دوٚن مذہبن سُے نوٗر    وَنن چھےٚ باغِ اِرچٕھ حوٗر
ڈٔلن چھُم دوٚن اَچھن سورمَے    چھَلن چھَس چانہٕ شبنمَے
گلن چھَس یارٕ موہسم دوٗر    وَنن چھےٚ باغِ اِرچٕھ حوٗر
ہیٚرٕشم یارس پتےٚ خاؔری    تمی آیم مےٚ لنہٕ وآری
ہلتھےٚ ساؔری گٲیس منظوٗر    وَنن چھےٚ باغِ اِرچٕھ حوٗر
یہِ کورنم گوٚرٕ ہٕندی واکن    نہٕ کھوٗژٕس قاتلن شرٛاکن
نہٕ روٗزٕس لولہٕ تیٖرَن دوٗر    وَنن چھےٚ باغِ اِرچٕھ حوٗر
مےٚ نِش مو روز کھٕنبَس ژٕے دوٗر    یہِ کتھ میٲنی کر تہٕ منظوٗر
مَنٛگ مَنٛزُل اوٗمک گوٚرٕ گوٗر    وَنن چھےٚ باغِ اِرچٕھ حوٗر
گوٗرس ءستی گرُم کیوٗل    وَرے دِتھ یِی مےٚ موٗنگمے پھل

# ارجن دیو مجبوٗر



ناو: ارجن دیو

قلمی ناو: مجبوٗر

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 16/اگست 1924ء

سۆکوٗنت: زینہِ پوٗر، شُپیٖن، کشمیر

حال: دوارِکا، دہلی

تالیم: ایم۔اے (ہیندی)

پیشہ: ووستاد (رِٹایرڈ)

مطبوعات: کلامِ مہجوٗر (1945) ۔ امن تہٕ زِندگی (1956)، اوٗبرِ شیٚچھ (ترجمہٕ میگھ دوٗت)، کُلیاتِ لالہِ لکھمن (1982)، دشہِ ہار (1983)، دَزِوُنی کوسم (1987)، کرِشن جوٗ رازدان (مونوگراف ساہتیہ اکادمی)، پدٕی سمیکر (1993)، کتھ تہٕ وتھ (شُری دٕلیلہِ)، تیٚوٗل (1995)۔

تنقیدی کِتاب: تحقیق (1999)، أرنہِ مال (2004)۔

انگریزی: Leaves of Chinar (کأشرِ ن نظمن

چھُم ژٕھرُن ما راوٕرے     دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے
چھُ شیٚبِہ روٗزِتھ یِیہِ کوٚت     مے سٔتی پانٔس نِیہِ کوٚت
ژٕ زرٕ نیرٕبس ما وَرٕے     دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے
گوَ ژھٮ۪نہٕ مے سوٗرٕے یوٗرٕگے     گوَ کنہٕ مے آلو توٗرٕ گے
کھَس پاوٕرے ووٚنی آوٕرے     دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے
جاےٚ مے وُچھمے کیٛاہ زبَر     نَے شمشانٕے نَے قبر
شاہن چھِہ شاہی ٹاوٕرے     دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے
کیٛژَن چھِہ آکاشس مُدے     تمنٕے چھُ پرٛکاشی ووَدے
رٔٹھ موٗرکھن نِشہِ محاوٕرے     دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے
چھوٕ بھاگیٛہ وانو سُے موٚلی     کیٛاہ چیٖز چھُے حاتم طیٖ
زرٕ زرٕ سُے زرٕ زیوٕرے     دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے

## لفظٕچ کامن

باوتھ دٕ زہرٕ دوٕد ناگس منٛز

ہوٗ ہوٗ! نار

ووٚنۍد مژرس منٛز

ہوشہِ وٕنس

گوشن لۄگمٕژ روشہِ لِترٕ

وبگلِتھ گوٚمت اکھ اکھ رُم

ژندن کُلہِ کس شیہجارس منٛز

کوچس کوچس بزم بزم چاےٚ کی

حُسنٕچ بہارس

دوزخ نار

رنگٕچ مثالن دوٗ رنظر

کاٚراہ نوٚمرِتھ کامہٕ دِواہ

زنتہٕ رٕہتھ گوٚمت رنگٕچ زوٗل

زنتہٕ وٕٹسی گوٚمت پرٕتھ کانٛہہ

پوٚشہِ پرٕنگس کھٔتۍ زٔنۍ جوراہ

ہُنْد ترجمہٕ )۔ Waves زٕ ایڈیشن (2000-99)
یِم چھِ کوٗنگ پوٗش رِسالکۍ سب ایڈیٹر تہٕ آسۍ مٕتۍ۔
اعزاز تہٕ ایواڑ : (۱) نیشنل سانگ اواڑ (ریڈیو دہلی 1966)۔
(۲) کلچرل اکادمی اواڑ (1995)۔
(۳) گولڈ میڈل، (پوٚیٹس فاونڈیشن کلکتہ (1999)۔
(۴) کرٛشن جوٗ رازدان سرسوٚتی سمان (2005)۔
(۵) سِلور میڈل (کے۔پی سبھا کلکتہ 1999)۔
(۶) وِتستا اواڑ (ناگراد ادبی سنگم جموٗ 2005)۔
(۷) راشٹر بھاشا پرچار اواڑ (2005)۔
(۸) سمپرٛتی سمان (2006)

یِہندِن کأشِر نظمن ہُنْد ترجمہٕ چھُ بنگٲلی، کنڑ، پنجٲبی، ہِندی، ڈوٗگری، تیلگو، انگریزی تہٕ اُردو پاٹھۍ تہِ آمُت کرنہٕ۔ یِہندۍ افسانہٕ تہِ چھِ ترجمأوِتھ واریاہن رِسالن منٛز چھپیمٕتۍ۔ پانہٕ تہِ چھِ ترجمہٕ کار۔

پتاہ : فلیٹ نمبر 380، پاکٹ A، فیز II، سیکٹر 13، دوارکا، نیو دہلی۔ 71۔

جودتھ پوشن ہیٚنٛز مُشکاوُن رنٛگ
ژکہِ دِپھ ہردس لایُن نادسُلی
أکی سُنٛد مُشراوُن
شینٛکیاہ ژاپُن بییہِ ہِنٛدِ باپتھ
راتٕچ وأنٛاآ کی گٲیہِ پانٕنۍ صُبحٕچ بڑ انتھ
ہِر چھُ ہِرٕے
کوسہٕ وکھنۍ کرٕ ہِرٕ سآوی کتھن



## أہوتھ

أہوتھ ہیٚتھ شبدن ہیٚنٛز آس
أگنہٕ کونڈس منٛز زوُلُم پان
اتھِ فوٗل منہٕ وُسجإرچ ارزتھ
کوچھِ منٛز ہیٚتھ سمیکی طوٗفان



منہٕ سٔدرس چھم ازلی باوتھ
گوشن ہیٚنٛز تنہاآیی ٹاٹھ

اکھ نیران، بیٚا کھ چھُ شیٚشدر رُھیوٚ
ڈالہِ چھِ پلواں مھریٚنہِ لُکھ
باکہٕ چھِ دم پھٹٕڈ شژ اکہٕ وسان
گتکھ...... گتکھ



## ہر

یہٕ چھُ ہرٕ ے
کوٚسہٕ وکھنےٚ کرٕ ہرٕ ساوی کتھن
اکھ اکھ ژیوٚ ہ
کوٚہستانن ہنٛز منٛزلی گتھ
اکھ اکھ پل گرِی ہاُنکل
ژلہٕ وِنہِ سمسارٕ چ ووسہٕ دژ وس
ہوٚہس منٛز پنہٕ داو
یتھ پیٹھ کھری لد وتھ چھِ پکان
ازلی وق چھُس
ٹھاہ ٹھاہ گری گری ژوٚ رِ پژسان

کٔرِن موٗکھتس امبر
عالمس سوٗندریار پھیٚوٚر
یکھ قلم ٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ
شِوٗنژنہِ لۆگ
اۆبرٕ طوٗفان ہرموٗکھس
جل ولنہِ آو
أنۍ گٔنڈِتھ دوٚدٕ کوٗل اماگۍ مارٕمٕتۍ
شِٹھرِتھ کھاٚریٚنس نابدۍ کدٕل
سال کۆر بُتراٚژ
چھٔتی کوتر نیٚکی
ژٔسِتھ آمتۍ ژوپاٚری
پوشہِ نۆلوٚ ہیوٚت گوُن پارٕدۍ مُقام
فن تہٕ فنکار اگرٕ ہِتھ یکجا
نٔوے کھوٚٹ رٕٹِتھ
وٕزیکس کھسان



روشن گژھِ لنہٕ گٹہٕ منٛز مۄژِل
موٗلن لگہِ بیٚیہٕ لوو جہار



اَنس کتھ ہِن خال گژھن تنٛز
اسہِ ہے دِیو منہٕ موت جہاں
شوقس بیہٕ ہے ادٕچ دیوی
گتہٕ رینٛز کرِ سِرلیس ہتی مان



## شین

چترٕ کارا
راتی راتس
گوتخیٚل کہوٕ پرٕستانو اپور
بَس گُنٛنے رنٛگاہ چھوٚ کُن
وۄہرُن تہٕ شاہکارا گوٚ رُن
وٗژھ بَنس آکاش گنٛگا
پوٚس بوٚ رُن مالن

سنگرن کھسہٕ وٕنۍ
قزق تیٖرا
تیز سوٚنٛدر نم کھمبرٕن ٹھاسان



تھنہٕ پہوٚ وُن ماٲصم
موچھِ وٲڈٕ تھےٕ
چِخ لٲیِتھ

وُزواں لوو وجوٗد
موچھِ مَنٛز چھُس
کُستاں راز گِپُتھ

سۆ پنٛاہ زیٛوٚٹھ
زِنٛدگی موخصر بوز
چھےٚ مرنُے یِتھ ہُشیاٗری بس



خوشبوٕ شنگرفی اتھٕ
چھُکھ نارستانُک پڑون نموٗناہ

# ویٛوکھٕت سوٗپُن

خوشبوٗنی شنگرٕفی اتھ
آکارٕ ٹتھ منہٕ منٛزٕلس میانٕس
زٕونکشنے گُمٕ کلا کارن؟
نم گٔرتھ ژرٕتھ رژٕ فلی
کَس تاںٛ شوقلہِ ہنٛدی نقش
کس تاں اٰہی کرِ ونہٕ......
دہپوی ہنٛدی انگوٗری اتھکی
کس تاںٛ مہرٛینہِ ہنٛدی
مائنٛزِ برٕتھ گُلی



اتھ کَس تاںٛ دِوتا ہنٛدی
یُس روٗزِتھ گومُت دیانَس منٛز
نتہٕ گوتم بُدھ
انٛو گرٛیہہ مُدرا دٲرِتھ



وسہِ سِریہ ڈیکس دِیہ میٹھی لُکن

ہیٚن شوقہٕ نژنی بیٚہِ سورٕگی ون

کھسہِ شوٗژ وتھتا یارٕ بلن

دِیہِ گرٛایہِ ویٚشو کنہٕ واجہِ کنَن

روپہ لہٕرن بُکھ دِن ژندن سَر

میہ تہٕ مآج کٲشری گری زِ خبر



وُزِ امرتھ بیٚلہِ روپھڑ ناگن

بُبہٕ رلیہٕ پھولن کوسم وُڑرن

کولہِ راد نژن منٛز مآدانن

رۆو گٲری گری درتی موکھتہٕ جرن

بیٚہِ نٔوی بساون گامُو شہر

میہ تہٕ مآج کٲشری گری زِ خبر



ژلہِ گامسِل سآنِس شوقہٕ ڈلس

شاہ توس چھلن نیٚلس آبس

ژھنہٕ گومُت شاہکار مُرژنِش
شیٖرِتھ اوسُکھ تاقس میانِس
وقتن تھووُمُت سورُے ژاپتِھ
گرِ میٛون
نَم چانٛی
سورُے سۆ پناہ اوس وہکُھت



## مُمکِن نامُمکِن

ییٚلہِ پمپوشس تھنہٕ پیٚیہِ برٛہما
ییٚلہِ قودرتھ ہیٚیہِ ہیٚیہِ نۆو زنما
کرِ مانسرووَر تھدِ اَسنُا
آکاش کھسن سونہٕ ساوٕکی صدا
اسمانٛی وُڈال پیٚیہِ پانٛسے ہَر
میٚے تہٕ مأج کٲشیری گرِیٔزِ خبر



پرٛتھ جایہِ کھُلن امنٛکۍ دفتر
مبے تہِ ماجہ کٲشِرۍ گرٕ زِ خبر



ییٚلہِ کیسرونہٕ منٛز شال کھلن
کونٛگہٕ ٹۄری کرن سنتن ارپن
نٕژِ وادی گوڈٕ گرٕ لاگہِ کھورن
ہِرن ژٕلۍ ہٕتۍ نۄ بٔستی لاگن
کھسہِ المن ہیٚرٕ آبے کوٚسر
مبے تہِ ماجہ کٲشِرۍ گرٕ زِ خبر



ییٚلہِ ذاتھ وُچھنۍ تہِ سپنہِ مناہ
گرٛٹھِ ناگی رایس پۄرٕ مُدا
ہیمال تمُس پٹھ سپنہِ فِدا
پرٕ لولہِ کربس پرٛژھ پۄزا
ییٚلہِ وۄلُسن ہیٚرٕ اکھ اکھ سنگر
مبے تہِ ماجہ کٲشِرۍ گرٕ زِ خبر

ییٚن پٔرِ یہِ دِوٚے لاگن شرٛانس
بیٚیہِ ژاٚنگی دزن پزٕتھ وارٛانس
سوکھ ساوی پھولن رٔنگین صحرٛ
میٚے تہٕ ماج کٲشِری گرِی زِ خبر



کرِ راتھ دیا وٚزِ موکھتہٕ کھلن
سالانی متھن پننہٕ نٔبن چشمن
شبنم بیٚلہِ دِیہِ شوژر نظرن
خوشبویہِ لمبکھ آکاش کھسن
یُس ڈیشہ سُہ پانے سپنہٕ امر
میٚے تہٕ ماج کٲشِری گرِی زِ خبر



دزٕ یٚیٹھاک ژلن، تہذیب پھولن
سٔنی زخم بلن، بیمارِ گلن
تھدِ جویہِ وسن، کوہ بال پزٕسن
باپاری ترٛن باپار کرن

شروکنبن ژاہِڑ اکھ اکھ وتھ
سیوٗد پکہٕ نَس گاہِڑ کامن
شہرٕ ییٚتھے وٗژھ کانٛہہ بیماری
سال کوٗرُس گامن گامن
اوٗنگجن چانبن خوٗن کڈِتھ
چھِٹھ کڈٕہے پنہٕ نبن جامن
ژامہٕ پٹٕس پیٹھ تھاو لیکھِتھ
بالہٕ کنبن نیرن بامن



## غزل

زِندگی ہُند زہر چوان روٗدُس
نارِ صحراو منٛزی دوان روٗدُس
ژونگ بُڈ کبل تہٕ واو ووٗتھ قہرُک
کاروانُک گُنٛے نِشان روٗدُس
حرفہٕ چیٚشمن سئدر تھوٗوم لیکھِتھ
گردِ امبارِ منٛزی ژلان روٗدُس



سوپوٗرى[1] بھجن گیوٚ پڑاران چھس
پوٗز سمیچہِ رزِ نِش حارٲں چھس
گاہ پڑاران گاہے تھارٲں چھس
اوٗش ژۄری رالِتھ ہارٲں چھس
مجبوٗرس آشن نیرى تر
مے تہٕ ماجہِ کٔشیٖری کٔری زِ خبر

[1] مشہوٗر سنطوٗر وادک بھجن سوپوری۔



## غزل

کمہِ زاوِیہِ سمبلاوکھ من
یِیتہِ چھی گاٸمتی زیٚہنن کھن
ہرشِنن تامتھ وُتھی پرگالی
ہنہِ ہنہِ موکلِتھ گوٚو دامن
یِتھ لرِ. سآری بر گییہِ بنٛد
ووٚنی کتہِ لر تڑاوکھ شامن

# شمبھوٗ ناتھ بھٹ حلیمؔ



ناو : شمبھوٗ ناتھ بھٹ

قلمی ناو : حلیمؔ

زاسنہٕ : 1924ء

سۆکوٗنت : أره تحصیل کولہٕ گام
انت ناگ کشمیر

حال : کشمیری اپارٹ منٹس، پِتم پور، دہلی۔

تألیم : بی۔اے، پربھاکر، ساہیتہٕ رتن۔

پیشہٕ : کینژٕس کالس رٕ دمُت ووستاد۔ چھیکرس آکاش
وانی منٛز، نیوز ریڈر، تبصرٕ نِگار۔

مطبوعات : کاشُر : بالہٕ یار (شاعری)۔ بابا فرید سٕندٕ شبدن
کاشُر ترجمہٕ۔ وتھٕ ہٕندی آلو (شاعری)۔
رُت شہری (کاشُر ترجمہٕ)۔ کاشِر ڈِکشنری
(نبٕٹ وٗرکہٕ باپتھ)

ہیندی : لل دید (موخصر زان)۔ لل دید (واکھن ہُنٛد ہیندی
ترجمہٕ)۔ نُنٛد ریٖشی سٕندی شُرکھی (ہیندی

میانٕہِ صبرُک چھُ امتحاں جأری
چانٕہِ جبرُک ثمر ٹُلاں رۄدُس

راس آیم نٕہٕ کانٛہہ تہِ جایاہ مے
کتھ زمانَس اندر زوٗاں رۄدُس

میٲنٛز آواز اکھ سٕتچ کہۄٹ
شوقہِ پنٕہٕ نے یہے رچھاں رۄدُس



زۄنہِ خبر کیٛاہ سٕدرس وۄن
پھرٕکہِ وِنی پھٕری نیٛوٗس راتھ

سوٚنٛتن بۆرمَس کھاسِن موے
یاون مٲتی نیٛو داماہ چتھ

بُتلہِ یُتھے پھیٛوٗر وِچھہِ وُشنیر
پوشہِ پٲتھر کھٲرٕ دسوان ہٲتھ

نیہِ ہٮ۪نزِ لیہِ اۆن وٕجدس جل
وآتِتھ پیٚو عرشس تامتھ

بُڈٕ کبل بُر کران گتہٕ گیٛوٗر
ناگہٕ نیٛنٛدر یِنہٕ ڈالکھ وتھ

ونتہٕ ٲلمس وخ آو یور
نکھہٕ نۆن روزِ سُہ کۆت تامتھ



ترجمہٕ )۔

اِدارت : پمپوش۔کاشُر سماچار۔نوٗیُگ۔

اعزازتہٕ اواڑ : (۱) مرکزی محکمہ تالیٖمک ینامہٕ (1960)۔

(۲) سوہارد سمان (اُتر پردیش)۔

(۳) شاردا سمان۔

(۴) کرٛشن جو رازدان سرسوتی سمان۔

پتاہ : 1-آئی۔کشمیری اپارٹمنٹس۔پٖتم پور۔دہلی۔

# غزل

وخ بدلاوان رخ ان کتھ
کاڑِچ رٹتھ یِہَے پتہٕ وَتھ

کھسہٕ وُن رَو وُزِناوان آش
گٹہٕ ژھوٚٹہٕ راوان لسِنچ سَتھ

تارکھ کٔیاہتام مُدیہٕ وُچھان
أچھ ٹِٹہٕ وارس کتہِ فُرصتھ

بنٛدٕ بشر ڈلان چھُ کھور اکثر
شانٛد اجرِچ کِتاب متہٕ تھوتم

تییٚمی سوالن حلیٚم سفرن لوگ
کرٛیشہِ وُن تتھ جواب متہٕ تھوتم



## قومی ترانہٕ

وطن چھُ ستی ساتہٕ ساتہٕ غم چھُ کیٛاہ
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ
ہِمالہِ بالہِ کِنی چھِ اٗسی نبٕس پلان
سۆدُر چھُ ساٗنی مَن چھلان تہٕ تن ولان
چھُ رَوکھسان تہٕ پیٚتھی زٔمینہِ بُتھ وُچھان
پیٚتی چھُ زوٗنہٕ گاش وٕلسنٛس پوان
کرورٕ بٔڈی سِتارٕ ساٗنی رہنما
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ

# غزل

زِنٛدٕ جانٛس عذاب متہٕ تھَوتم
اتھ پِلہٕ وُن شراب متہٕ تھَوتم

گاش آیُت تہٕ وان وۆتھ تھاوِتھ
دولہٕ چشمن سراب متہٕ تھوتم

رَنٛگ ہاوِتھ تہٕ برٛنگن پیٹھ ساوِتھ
دِیِد مانٛس نقاب متہٕ تھوتم

چھاونس کیُت تھُرِتھ تھۆوُتھ یاوُن
لوٚنچہِ لمہٕ نَس ثواب متہٕ تھَوتم

ماری مٔنٛدِس دوٚہے گرٕم آہی
چارِ ہانٛژن حِساب متہٕ تِھوتم

امن چھُ سون اِبتدا تہٕ اِنتہا
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ

دوٗدس تہٕ ماجہِ تھوو قدر اوبروے
بنیوو خوے پننہِ آسنُک یوٗہے
نہَ کوٚنٛچھ کاٗنٛسہِ بد نہٕ لاگ کاٗنٛسہِ سوے
رتس تہٕ مارِ ہانٛژِ تھوٚنہٕ زانٛہہ تہٕ لے
بہوُدری تہِ ہاوٕ گول شٕتھر داہ
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ

حلیٖم چھُکھ وطن پرست مےٚ کھوژ ون
بہِ سون ہِنٛد چھُ ٹوٗٹھ چمن گُل بدن
سوٗرُگ سجوو عالمک بہِ آدمن
یوٗہے چھُ سون، چون میٚون رُت وطن
کرَو نہٕ کیٛازِ ٹوٗٹھ جان اتھ فِدا
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ



تیٚمی زٔمینہِ پٲدٕ کٔری مہاتما
پیٚتی پرٛتھیٛو شۆبہِ شرمہِ ہُنٛد ہوا
سُہ گاش تیٚمی انہٕ ژوپٲری کۆر فنا
پیٚتی وُزیوو گو جہان سَر وَراہ
تَوے چھُ از تہِ ہِنٛد سون پیشوا
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ

وجوٗد سون آدِ پیٹھٕ اٰتھ تام
چلان آو راتھ دوہ صبح تہٕ شام
ہِٹے بہِ ءکتی قوم، مُلک، اِتہاس
مگر بہِ سون ہِند رۆد نیک نام
یوہے چھُ سانہِ زِنٛدٕ روزنُک گواہ
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ

کٔشیر تاجِ ہِنٛد جنٛتُک نِشان
بہٕ موجنٛتُک چمن بہِ گُلِستان
ہمیشہِ روزِ شانِ ہِنٛد درجہان
پکان روزِ تاابد بہِ کاروان

# غزل

وق چھُ اَبلق، واو، آسمانٕی وُڈان
بَس یوٚہے ہوٚہو تہٕ شۍ شۍ چھس پچھان

کانٛہہ نہٕ کتھ کرنَس شۍچ کتھ آش ژھوٚژ
اُتھۍ وُجارَس منٛز بہٕ لمُۍ لمُۍ چھُس زُوان

شیشہٕ کھنٛجہٕ، اَہریز، کھور نَنہٕ وور دژاس
یوٚت ووتُس بابہٕ پَنٛنۍ رَتھ چَوان

شہرٕ والیو چھُم نہٕ ہیوٚن دِیُن تژ آوی توم
نگرٕ نیرِتھ چھُس بہٕ پاشدرِ ستھن بَسان

کاوِ یینٛہٕ واٲلِس سو کتھ ییہٕ وٲری وونۍ
اَز چھِ آکاشَس فقط راکھس نژان

# موتی لال ساقیؔ



ناو: موتی لال رینہ

قلمی ناو: ساقیؔ

زاسنہٕ: 5ر ستمبر 1936ء

اصلی سۆکۄنت: مہنۆر، بڈگام

حال: سورگہٕ واسی

تعلیم: گرٛیجویٹ

پیشہ: یم سپدٕ چیف ایڈیٹر کلچرل اکادمی رِٹایر۔

مطبوعات: (ا) مۆدرٕ خاب (۲) کاشرٕ لُکہٕ بٲتھ (ژور جلد) (۳) کاشرٕ (۴) اَنٛگہٕ وَن (۵) ناول کیاہ گیہٕ (٦) کُلیات شیخ العالمؒ (ترتیب) (۷) کُلیات پرمانند (ترتیب) (۸) کُلیات صمد میر (ترتیب) (۹) وہاب حاجنی (مونو گراف) (۱۰) نیرٕ نغمہٕ (۱۱) آگرٕ نیب

ایوارڈ: (ا) ساہتیہ اکادمی ایواڈ۔

(۲) پدم شرٛی اعزاز

پینہٕ کھور ڈٔلی کنہِ کنہِ کرنے
چھُکھ ناوٕس کیٚتھ گر گرٛاکھ دِلو

اَسہِ أنٛدی أنٛدی وُزملہِ رَقص کران
ترٛٹہٕ وَسنَس کُس کرِ ٹھاکھ دِلو



مےٚ چھُ گوٚب گوٗمت پنٕنے پان
تارکھ ترٛٹی چھِی ژیٚے شوٗبان

یَتھ شیٚہجارس منٛز شِٹھنیٚوس
پنُنے گرِ چھُم قبرستان

تاپٕلو شہر تہِ وولُن ڈوٗٹھ
چھیٚپہِ کُس کُس لوٚگ دَے زانان

پوشہِ پَتھر بن سوسَنو بوٚ رمُت ہَلم
لُکھ سبٹھاہ نوزُکھ یِمن خوشبوے کھران



کُتھ سمیَس باغٕچ آکھ دِلو
ووٚنڈِ لَد بُتھ پھُس چاکھ دِلو

ءکُن کترِ بن نَتہٕ ہٹہٕ دیٚارَن موٚلی
کر سودا بازر وژاکھ دِلو

کُنٕز واٲنج کر اوٚش تھاو کھٕٹِتھ
ٹھٹھِ کرنے ژھٹہٕ کھے باکھ دِلو

وَق راٲسی گرٕچھی مولہِ وان کتھن
نہٕ چھِ واٲنی ویٚدی نہٕ چھِ گراکھ دِلو

اکھ اکھ کتھ چاڑنی نارِ تیوٗنگل
یادِ ے چھُنہٕ کینٛہہ دوٚد یاداش

نتھٕ تٔرِ سے دہتوم روٗ خستھ
ووٗنی نا روٗدُم داش نَداش

پارَ ے گیہٕ از زاٗلو زوٗل
اِنصافس ہبن اوٗنگجن تڑاش

شہرِچ کرٛکھ کھرٛش گامن کُن
سوکھٕ وزِ پٕٹھ زن پہوٕ آکاش

تیمٕی وُچھ تمی سُند پھولہٕ وُن موکھ
تمٕی دوٗپ زوٗنہٕ چھِ گاٹہتی قاش

زار گینٛدُم زیوٗنُم دُنیا
یارِ ژےٚ نِش سُے چھُم ابلاش

بٔرگس بٔرگس کٔٹھ کوٚش پھوٚر
نٮ۪تھ نٮ۪ہِ وَتھ چھے پَتہٕ لاران

ژَل یٚیمہِ بُستی مَنٛز وٕلی وٕلی
زاگہِ چھِ روٗزِتھ ترٛٹہٕ طوٗفان

اکہِ بَرٕ نیٛرتھ بیٚیہِ مَرِ ژاکھ
وأنٛسا ووتٕے وَتہٕ مینان

چانہِ تیٚنٛج اکھ پَرٕ ژھینٛیٚ آش
سیٚکی لِس مَنٛز زَن نخلِستان



نٔکھی چھَم پانَس پٮ۪نٛی لاش
مٮ۪ژِ مَرِ بیٚیہِ کوٚرہم وتہِ ناش

# واسدیو ریہہ



ناو: واسدیو کول

قلمی ناو: واسدیو ریہہ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 27/دسمبر 1926ء

اصل سۆکۆنت: بٹہٕ پورہ سوپور کشمیر

حال: سورگہٕ واس سَپُد مُت

تائلیم: لوکچارے أچھ گاش راونہٕ کِنۍ ہیۆکُن نہٕ پٔرِتھ مگر کل أسس تہٕ انگریزی، ہندی، اُردو تہٕ کأشُر ہیۆچھِن وأنٛجہِ گاشہِ۔

مطبوٗعات: شب گرُڈ (شارِ سۆمبرن)

ایواڈ: ۱۔ جموں وکشمیر کلچرل اکاڈمی ایواڈ۔

۲۔ راشٹر بھاشا سمتی ایواڈ۔

مَرٕنچہ کتھِ بِکتھٕ مۆرُتھ کھور
زِنٛدٕ زُوِ نتہٕ چھیٚہِ کم پاداش



ڈدی بونہِ شِہلی سبزار تہٕ ووٕنی کتھ جایہِ سمو
پۄد پۄد زن نارٕ ے نار تہٕ ووٕنی کتھ جایہِ سمو

پینٛجہِ ژاٹو پینٛڈ گیہِ رأسی تہٕ استان ڈیڈی وٕجکھ
کولہِ رادن لُج گنٛڈی تار تہٕ ووٕنی کتھ جایہِ سَمو

گری یارَو پنہٕ مری یار تہٕ پَتھ وَن ڈیر دِیتکھ
لگی لارٕکی دردل دار تہٕ ووٕنی کتھ جایہِ سَمو

تھَنہِ وَلہِ کھرٕ سوٚنتے شانٛش تہٕ بڑۄڈ گو واو وَٹسی
ڈٕہی سہلابن ٹِکہِ تار تہٕ ووٕنی کتھ جایہِ سَمو

وَن نہوِ کھ تم کھُتی چھانٛز تہٕ مرگن داوٗک پھۄر
گرٕ بار ژھۄرُ ے وہ ہار تہٕ ووٕنی کتھ جایہِ سَمو

ییٚلہِ ییٚلہِ سُری پٮ۪ٹھی گژھِ اِنسانَس          ستہِ گرٕ بوٗن باسبس اَسمان
تن ہانٛس من کرٕیشس لوسہِ تہٕ          پھرِی پھرِی باسبس پرٕژھیوٚن پان
سۆمبرِ تہٕ سۆمبرأوِتھ رٕژھراوُن          باسبس زَن کاٗلاسُک بار
چھکرِ تہٕ چھکرأوِتھ باسبس          زن پوشہِ ژنٛجی روٗٹ منصوٗر
ییٚلہِ ییٚلہِ یُتھ کانٛہہ نرِ دِیہِ نارس          تیٚلہِ تیٚلہِ نیرٕبس أہی میٲنی



کیٛاہتامتھ چھےٚ کمی سمسارس          بنٛۆ بنٛۆ چھس بیٚیہِ نھوان ویٚوٗگ
زانہِ خُدا کوسہٕ رکھ چھس باقٕے          کتہِ نس چھس تقدیٖرس کوس
سۆ درٕو پٮ۪ٹھ شِنٛز یاہَس تامتھ گوو          ویٚہہ مِلہِ ونہٕ بُتھی پھیُر تأثیٖر
اَوے گیٖم دِے اِنسان انہارٕچ          ریٚہہ آیَم راس ووٗنُم
ییٚلہِ تہِ یہِ فن مٮ۪وٗن ونہِ یِیہِ یارس          تیٚلہِ تیٚلہِ نیرٕبس أہی میٲنی



# اٲہی میٲنۍ

یٮ۪لہِ یٮ۪لہِ آسہِ پھُلے گُلزارس تٮ۪لہِ تٮ۪لہِ ہیٚزبس اٲہی میٲنۍ
یٮ۪لہِ تہِ زگتھ پیٚیہِ یاد بہارس تٮ۪لہِ تٮ۪لہِ ہیٚزبس اٲہی میٲنۍ



یٮ۪لہِ تاپس وتھ وُشنہِ دزٕمُن پھولہِ درنہِ ژٕٹتھ وسہِ وٕہرأژ رۄد
مستانہٕ وَنن گرٛشہِ سمسارس مے تہٕ میٲنٛس یارس ژلہِ ہول
یٮ۪لہِ لٲژ رازٕ نہِ آلہِ انَن میٚش شیٚیشٕتر ہاںٛکلہِ یُس کرِ ژٕن
پرٛتھ کانٛہہ پرِ میٲنۍ منہٕ مأنٛتھر چلہٕ کٔڈی کٔڈی کرِ نارس نۄر
یٮ۪لہِ یٮ۪لہِ یی کانٛہہ کھارِ دارس تٮ۪لہِ تٮ۪لہِ ہیٚزبس اٲہی میٲنۍ



یٮ۪لہِ ارداہ نرِ ژُلہِ تہٕ وتن چھکھہِ ژھیٚنہٕ مٕتی مٔری سَپدن سونہٕ سأوی
یٮ۪لہِ نہٕ مے پیٚمن شہہ گٔنٛزرِتھ کھارٕنی تہٕ گلبن آسبم نہٕ حِساب
یٮ۪لہِ مے پِلن کھور پٔتھرِس تامَتھ نرِ واتن اسمانٛس تام
پۄز پزٕنٛس یٮ۪لہِ عالَم دزٕنٛس تامتھ پیٚیہِ نہٕ کرُن ٹھہراو
یٮ۪لہِ یٮ۪لہِ یہِ وَنن گرٛشہِ وہٕارس تٮ۪لہِ تٮ۪لہِ ہیٚزبس اٲہی میٲنۍ



یِہ پچھُ سِرِ مَولا

کنہِ پیٹھ رٕکھ

دم روزِ دوہا — متہِ وَو باوَو
ریٚش وآنی چھَو — منہِ لیکھِتھ تھَو

یِہ پچھےٚ کنہِ پیٹھ رٕکھ



## غزل

نِرنارس دی دی دوہ چھاۓوِم — بیٚیہِ کیٛاہ کرٕہا
لفظن ہٕنٛدی دفتر ورتاۓوِم — بیٚیہِ کیٛاہ کرٕہا

اَدٕ ییتھ یِہ گوَ تتھ گوَ تہٕ — مبے مُرِ ہٕیتھ میٹھی دِتِس
مجبوٗری ہٕنٛدی ژِ ہی گُزراۓوِم — بیٚیہِ کیٛاہ کرٕہا

پزٕ اپزٕ دوٗپُم بہٕ تہٕ — کِسہِ پیٹھ تُلہٕ ہَن گووردھن
جذبات تِتھے کُنٛی مُژراۓوِم — بیٚیہِ کیٛاہ کرٕہا

## یِمہٕ چھےٚ کتھ

لائٹُین ژھل

لیٚمبہِ پمپوشا     کھُرِ بنگرِ زرٕن

مُٲژھ جبہٕ خوتن     وَن نارٕ دزن

یہِ چھُ لائٹُین ژھل

زگٕچ وبد

اکھ زٕٹھ کتھا     امرٕتھ چھکہٕ رُن

مول زہرس دِیُن     ونہِ کاٗنٛسہِ نہَ یُن

یہِ چھےٚ زگٕچ وبد

میٛون جِگر

یِتہِ روزِ کتھا     پڑٛ ارُن تہِ تتھُے

ژھارُن تہِ تتھُے     ہارُن تہِ تتھُے

یہِ چھُ میٛون جِگر

سِرِ مولا

یہِ چھُ سِرِ مولا     وِژِ گٲمژٕ کیٛاہ تھوٚو

پیٚڑھِ گٲمژٕ کیٛاہ وۄو     سگہٕ دِتھ گٲمژٕ توٚو

# +مکھن لال کنوٗل



ناو : مکھن لال

قلمی ناو : کنوٗل

زاسنہٕ تہٕ دوہ : اول مارچ 1936ء

سکوٗنت : سوپور، کشمیر۔

حال : پُرکھوکیمپ۔ جوٚم۔

تالیم : بی۔اے، بی۔ایڈ، بی۔ای۔سی، فاضِل

پیشہ : ووستاد محکمہ تالیم۔ رِٹایرمنٹ 1994ء

مطبوعات : کاشُر : (۱) لولُک آلو (1959)۔

(۲) دورِ نا ہنجار (شہر آشوب 1968)۔

(۳) شہج سنٛد۔ (کاشُر رُباعیہٕ 2001)۔

بحیثیت ایڈیٹر ناگراد کِتابی سِلسِلہ ترتیب دِژمٕژ کِتابہٕ :

(۱) ناگراد لیلا نمبر۔

(۲) ناگراد تحقیق نمبر۔

بحیثیت چیف ایڈیٹر : ناگراد مضموٗن نمبر

بحیثیت کو ایڈیٹر ستی سر : ستی سر مُلا قاتھ نمبر

سیٚکہِ شوٗرُم ئلِو دِوٕ پان پُٹن بخشُم تہٕ توٚے
أڈۍ باُوِم أڈۍ ہِر ژھوپہٕ رأوِم بیٚیہِ کٲتیاہ کرٕ ہا

مُتۍ پاُٹھۍ ونَے بڈِ راوٕ زگتھ میٛوٗنُم تہٕ تھوٚکُس
أخر پیمانَے پھُٹہٕ رأوِم بیٚیہِ کٲتیاہ کرٕ ہا

ریٚہہ روزِ نِشانا بس پیٚڑٲے اکھ خام ستھاہ
سُے یاد کرِتھ گُل مُشرأوِم بیٚیہِ کٲتیاہ کرٕ ہا



بۄنن، گدرُن، موٗژن، راوُن تہٕ تنبلُن
وِسن، وولسُن، حُسن تے عشق پڑاوُن
چھُ سورُے ژھوپہِ ہِنٛدِس وُرنِس پُشرُمُت
سومبرُمُت نارٕ بزٕی، سُرٕ موٗڑھ نہٕ حاصِل
کٔتِھ سَپدُن اَکوّت، اَستھ نہٕ آسُن
پہوان چھُنہٕ وٕسی اَچھروٗڑھ توتہٕ ژھوپہِ ہُنٛد......



بہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ وَچھس دوٕبار لوتہٕ ہے
وَدن گروکھ روٹہٕ ہری گوگلس چھُ کوٗران
أچھن أشی بکہٕ أچھروالن اوپزان
کتھن پھٕٹی گنٛڈی، مُرٕری شاہ شاہ ژومبان چھِم
چھےٚ آمرٕ وُٹھنہٕ زبو سوٗنچن چھَس مَنٛز
گلبن مَنٛز برٕکنہٕ أری تےَ زٔری اَچھر آے
وُٹھن وَٹھ گو خیالن دَنٛد ٹکےَ لٔج



اواڑ : (۱) بروزنز میڈل (1961) منسٹری آف ہوم افیرز گورنمنٹ آف اِنڈیا تہٕ سٹرفکیٹ آف آنر۔
(۲) بہترین تبصرٕ لیکھنگ اواڑ۔ اِنسچوٹ آف ایجوکیشن کشمیر۔
(۳) وِتستا اواڑ (2001)۔
(۴) کرٛشن جو رازدان سرسوتی پُرسکار (2003)۔
پتاہ : 881 ، کواٹر۔ فیز III ، پُرکھو مائیگرنٹ کمپ، دومانہٕ جۆم۔

## بہٕ دِمہٕ ہا کرٛکھ......

بہٕ دِمہٕ ہا کرٛکھ وَچھس دۄہ بار لوتہٕ ہے
چھُ ژھوپہٕ ہُنٛد ہارِ پربت بارِ کھۆتمُت
شُنٛبس مَنٛز تھامہٕ باشَل کُن تہٕ کیوٗل
أنٛدری ژۆرس کسُۆ کۆژھ دِکھ تہٕ موکلکھ
بۄشان ہَن ہَن چھُ آکٹوپَس پنٛجو ءستی
مگر چھُنہٕ ژھوپہٕ ہِنٛدِس وأناکھ جنگلس
پۄان کانٛہہ چھانگ دۄہ ژھوپہٕ شاپھ ژلہٕ ہے......

مالۆگُس پتہٕ ہے
ضَرب کٔری کٔری پٔتن نیٛشہِ بۆد وۄجوٗدے
اوس تَس مۆٹھمُت

سَپُد دون ژور - ژورَن اَٹھ
اَٹھو ہیٚۆر مُٹھس ضرٕچ ہونز سآرٕے......



نظر ترٛاوِن ہجوٗمَس منٛز گۆمُت رس کیٚسر
سُے چھوکہٕ لد کُنبر ہبتھ پۆرٕ وبسریوٗمُت
پھٔلِتھ ووٚنٛد، ہیُری گوٗگُل کٔران وۄنُس اَنٛدرِم
ییٚمِس کھوٚجل زُرِس پرٕژھ پےٚ پتاہ پنہٕ نُے



زُرِس سورُن پرٛژھل نظرو
بےٚ بُتھی بآوس کتھل کآری
بہٕ نےٚ زانتھ ژٕ کہہ زن چھُکھ؟
ژٕ ییٚتھ ہسبٕرس کتنِ اوسُکھ؟
پٔتن آسُن ژٕ کرشآبِت!

بہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ شبدٕ ژھوپہٕ منٛز بہٕ کڈٕہَن
اروٗپس روٗپ دِتھ ساکار بنٕہ ہا
مگر ژھوپہٕ ہُنٛد یہٕ موکل فِطرتن ژھوٚپ
چھُ پارُد ہیٚو وَسان ڈُلہٕ ہر موکھس زَن
بہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ مگر ژھوپہٕ ہوٚٹ مبے روٗٹمُت
بہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ کتھن دِمہٕ کرٕکھ بہٕ پانو!



## کتھن اوسکھ

تمِس گیہٕ بود جمع تفریقہٕ کرٕو نیایو وٕٹسی
ظوتہٕ کِس وَنِس منٛز تَس خبر مائٕج
دَکن، دولن لگِتھ، وبسرِتھ پتھر پتھ
ووٚنی لوٚبُن اَرساتہٕ منٛز پتہٕ نُے گُنہٕ
لِتھی کھو کھرکس تام اوٗنٛگجہٕ تھپھ گٕری گٕری
پکان اَنزاٗنی ہنرو منٛزی ......



سُہ کر اوس عقلہٕ ڈُو دِتھ ضربہٕ زاٗلس منٛز پھسیوٚمُت

## کھَس ہمالَس

واے شنکھ

ژٕ او یلہٕ یأغی جٔنا

وَس تہٕ کرتانٛڈ ونژُن......

زہرِ گروکھ رۆ ٹھن ہرِس پٹھ

توتہِ راکھبی بۄزی سَپُد امرِتھ

مگر دِوتا بےچأری

حالہِ حأراں یتھ زٔمینس پٹھ

وٗں کتہِ نَس تھکھ دِمو

واے شنکھ

ژٕ او یلہٕ یأ گی جٔنا

وس تہٕ کرتانڈٔ ونژُن

یا دِپۆد کھنڈ تھکھ دِنَس

نتہٕ مُشرِ ڈیکہِ اَچھ ژٕ تیم۔"



# کُھما پوش

أگنہٕ کوٗنڈ سوٗنچُک وٕہان
جم جم اَلاو
اَتھ وُنبس تامتھ ہُمان گے
اَپہٕ شبدٕ، بےٕعزتی، زوٗلرٕ
ہاوس تےٚ اَمار
ووٗنی مگر چھِم پرٕ ژھیٚنِس
دٕزِتھ یَژھا جوالا مُکھی
پھٹہٕ نَس تیار
اَچھرٕ اہر یزو وُکلِس أنی ہم زبان
چھُس وَنان پھِری پھِری بہٕ پانس
"پانہٕ ووتھ!
وَل ہُہ ہہٕہ ژَم
نیر شِوٕ
واسُکھ ہِٹس تژ اوُن
اَتھس کیتھ ٹُل تژ شوٗل

## میے دیٖد مان

جیشٹھا گنٹایہِ ٹھٕنٛز

نیٚنٛدرِ ژٕ ژھ گوٚ پادری

مَن سَرے تُہٕج گاڑِ ووٚڈھ

اکھ قطرٕ گوٚژھ ہرِ بون وَسُن ......

دژا اے محوٕر واٮ۪گ

کھبٕل تے گوٚرٕ نوٗ کھ

اولہِ ہٕنٛدِس موکھتس رِکنٕ گٔے

پوٚنحتہٕ پاٚٹھبن رَل سپُد پوٚز

مالہِ کیٖوٚلن روٗ چھ پٔژن آسُن

تہٕ پوٚچھس مینجھ وَٹھ سپُد میٚے دیٖد مان

میٖون آسُن

وآنٛسہٕ وادن ہُنٛد دِوُر پھوٚٹ

آو چھکرنہٕ ہرموکھس



# مرڑ پیپنی

بارِ پیٔومُت دوہ

کھوٚتُم اَٹہٕ بارِ ژھاۓ گِس گنڈ گٔرِتھ

زن تےٚ دِوٗر

واوِ ژٕلہٕ وِنہِ چھُم نَژان

ٹکہ واوِ جا

مبے تہِ چھُ پانَس ءستی پھِروان

کیٛاہ وَنےٚ......

وَدُنابہٕ کرِ ہا

گُنہِ تہِ خلوت شایہِ

بَس فُرصت ہَنا

ووٚہی مےٚ گٔرنم مرڑ پیپنی

محوٗرس پپٹھ چھُس نَژان

اَٹبارِ دوہ چھُم زِندگی ہُنڈ

گوٚب سبٹھاہ



ہے سُہ محشر، سووِز، سُہ میُل نظرن
زِنٛدگی دارِ تل لُٹاوِتھ آس

منٛگ چھےٚ کنٛولو تہٕ امتحان لاٗزِم
خوٗنہِ دِل دوستن بہٕ چاوِتھ آس



## غزل

ژٕ کتھ ہکبھ ژٕد وَنن منٛز سام بابا
نہ تھٕوی شہرے نَہ تھٕوی کُنہِ گام بابا

کرٛ پتھ نی غونچہٕ کتِرتھ ترٛاوی کوتر
گُلستانن اَنٛدر تھٕوی نام بابا

یہِ دُنیا، وق تہٕ ورتن، روش زُونٛک
پھوان دِیُن زہر پیالن دام بابا

## غزل

نارٕ دزٲوس بہٕ سون بنٲوِتھ آس
ریٚہہ ؤجم تہٕ زۄن سجاوِتھ آس

ژُلیہِ گنٛڈُنا کوٚرُم مُرن مُشرُم
شفقہٕ سورخی ژُھنٛڈِم تہٕ چھاوِتھ آس

یادٕ پھۄلایہِ عطرِ ڈُلی چھکران
ژٕ د وَنَن منٛز شہر بساوِتھ آس

شامہٕ ژِھمبرن مےٚ ژٕکھ دِتُم آشن
سحرٕ سنگرن بہٕ روے ناوِتھ آس

اوٚش چھُ اوٚش لبس یہِ ٹارِ پھٕ وولھٕ
آبہٕ ملرن جوٚلۄن رلاوِتھ آس

باغٕ چھاوان مےٚ نافہٕ ہیوٚت ژھارُن
پان پنہٕ نُے بہٕ راوٕ رٲوِتھ آس

# موتی لال کول نازؔ



ناو: موتی لال کول

قلمی ناو: نازؔ

اصل سۆکؤنت؛ شہرِ شرینگر

حال: نہرؤ اپاٹمنٹ کالکاجی، نئی دہلی

تالیم: پوسٹ گرٛیجویٹ

پیشہِ: رِٹایرڈ سرکاری مُلازِم

مطبوٗعات: (ا) کیٛنٛہہ غزلہٕ تہٕ کیٛنٛہہ نظمہٕ

(شارٕ سۆمبرن 1978)

(۲) گیتانجلی۔ منظوٗم ترجمہٕ 1980

(۳) پوشہِ رٕج۔ شارٕ سۆمبرن 2001

ایواڈ: جموں و کشمیر کلچرل اکاڈمی ایوارڈ 1980۔

پتاہ: 95، نہرؤ اپاٹمنٹ، کالکاجی، نئی دہلی۔

مےٚ دۄپ دٔے گو صبۄہتھ آو یامتھ
مگر دیُتنم رُل ووہی جام بایا

تَوقہٕ، پَژھ ، محبت، مصلحژ ووٚنی
نَہ کانٛہہ ستیا نَہ کانٛہہ ووٚنی رام بایا

پھسوٕ ناکردٕ گوٛہن مَنٛز سبزر میٛون
ڈبکس مُرٔی ہم سیٚدِس اِلزام بایا

دَپان نَن بأگرِتھ گُوتر، قُمٛیر، جل
چھےٚ کھٔژمژ ٕتر دِدربن تام بایا

کِنتھ قسطن انٛدر أسی کھبے زَمانن
نَہ ژٕے روٛسُتم نَہ بےٕ ووٚنی سام بایا

دُہلی هنٛگامہٕ، سوٛنچُن دِہہ، ویٚہل برٛژی
کران دَم پھُٹ، کنٛوٗل، پرٛتھ شام بایا

☆☆☆

# غزل

بے ولیہٕ کیٛاہ ساےٗ سوٗنچہٕ شہر لوٗنچہٕ لمان چھُم
پکنےٚ تہٕ ٹکنےٚ کیٛازِ یوٗتاہ دِل مےٚ کھمان چھُم

آوارٕ أچھن کتہٕ کالُک رووُمت کیٛاہتام
نظرن مےٚ اوِ کنہِ پیٚتہٕ کالُک وۄن مےٚ ووماں چھُم

ژھانڈان ووُتم سوٗنتہٕ کالکی أنتھ رٕسی ارمان
زردیمتین ہردَن اندر وونی زُو تہٕ ژماں چھُم

اَسہٕ ونی تہٕ لَسہٕ ونی ساتھ کیٛاہ ساےٗ وُڈرِ کھساں لۄسی
پڑتھ یاوَنس پیٚتہٕ کاٚر نوٚمرِنی کیٛازِ ژماں چھُم

ہا نازِ رأوِے وأنس وقتُک بُتھ تہٕ تھَر ژھانڈان
رووُے ژبے کیٛا ساےٗ دِل چھُ أخر توتہٕ بڑماں چھُم



## غزل

پٕرتھ ژھایہِ ہٕلس دولہٕ وُچھان کیٚاژِ ترٛٹر اوس
تمہِ شہرٕ یہِ کیٚاہ اوس سبٹھاہ ووکھٕ مژر اوس

اِژ ییٚلہِ تہِ وُزِ مٔلی گاشہِ پکُن پہوٕ تہٕ پکان گے
تتھ کُس ستوٕ بُتھِ اوسہٕ پٕتُن یا سُہ ووپر اوس

سأری دیان سوئے چھُ بُتھبن پیٹھ یہِ پوشن رنٛگ
سأری وُچھان ییٚتہِ سارِنے کیُتھ پوشہِ بوچھر اوس

پتھ کالہٕ کتھن أس اتھن أس کُنی کتھ
راتن دوہن بیہٕ موسمن ہُنٛد کۆت شوزر اوس

زٔری أسی، ودٔن وان أچھو توتہِ وُچھان أسی
أنٛی أسی مگر توتہِ کٔنن کیٚاژِ گوبر اوس

پٕرتھ ہاکہٕ بٔدس تام وٕلتھ نازِ وہکھت دیٛوٗل
ییٚمہِ شہرٕ دۄہے ونتہٕ کتھن کیٚاژِ کجر اوس

نازٕ کٔیاہ سأ سبٹھاہ چھُ پٔتۍ آمُت
کۆت کالاہ أمِس گۆمُت اَسہِ نَس



## تانہٕ باگے

کاتھہ اکھاہ آسہِ ہے یَس بہٕ ونہٕ ہأ پٔنُن
کاتھہ اکھاہ آسہِ ہے یُس مہٕ ونہِ ہے پٔنُن
زن چھُ پانٔیار پأنس انٛدر ییٚر گومُت
سبٹھاہ گیٖر گومُت
چھِ سمیَس سِیاہکار سأری پلزٕ ہتی
دِلن منز تہِ کھوژُن أچھن پیٹھ تہِ کھوژُن
لَبو منٛزی پھٹاں ژھایہِ رأژن انٛدر زن
بَرس دُب گرٕھاں زُو ژلان. زن پدٕو کنٛی
أچھن ہُنٛد سُہ وۆن زن چھُ أنٛی سارِ لۆگمُت
وَچھن ہُنٛد سُہ وۆن زن ون وأسی گومُت
سبٹھاہ سونٛچہِ ناوان چھِہ یَم سونٛچہِ سرحد
کٔڈوَ زن کڈوَ کور کُن کل خیالن

# غزل

یاتہٕ بوزکھ تہٕ مول کھسم ونہٕ نَس
سوٗان ژبے باسی سَنکھ ییٚلہِ سنہٕ نَس

چاٗنٛی پرٛتھ کانٛہہ کتھ چھِ اَتھ وَتھِ روٗس
چون پرٛتھ کانٛہہ رنٛگ ہبڈان اَسنَس

ییٚلہِ رگن مَنٛز گرٛکان اَسی شوقہٕ شوق
بے رُخی چاٗنٛی روٗز ٹُلہٕ کٔٹر برنَس

آسہِ قدمن مِزازٕ کھوٗش کھوٗہوٗر
باسہِ مٔنٛزِل کٔمِس ساٗ کتہِ نَس

یارِ ونُون سُہ گُکلہِ زن للہٕ وان
کٔیاہ ونےَ آو سینہٕ زن پھٹنَس

کانٛہہ تہِ وردن ژبے نیرِ ہی موکھہٕ ووٗنی
کوٗت انتر چھُ کپٹنَس سُونَس

# موہن لال آشؔ



ناو: موہن لال تِکو

قلمی ناو: آشؔ

زاسنہٕ: 4راپریل 1937ء

زینہٕ جاے: بچھیارا۔ کشمیر۔

حال: دُرگا نگر۔ جموٗں۔

تأعلیم: ایم۔اے (ہِسٹری)۔ آنرز اِنگلش، اُردو، بی۔ای۔سی، بی۔ایڈ۔

پیشہ: ووستاد محکمہ تأعلیم۔ بحیثیت زونل ایجوکیشن آفیسر سُپدی رِٹایر 1995۔

مطبوعات: کأشُر: (۱) کُلیاتِ عبدالاحد نأظِم۔ (۲) طلمیحات (۳) سبدِ گُل۔ (۴) اچھروٕنکی آلو (شأیری)۔ (۵) الماس (شأیری)۔ (۶) تخلیق تہٕ تنقید۔ (۷) تأعلیم جدید۔ (۸) تحقیق۔ (۹) کشمیریت۔

ہِندی: (۱) کشمیری پنڈتوں کے سنسکار۔

جوابٕو بدل بَس سوالے سوالن
دُہلی گاش کرٛیشان چھُ زن پانہٕ گاشس



دپان اَسہِ کرٛنی باگنےٚ ووٕنی چھِ واوس
دپان اسہِ کرٛنی باگنےٚ ووٕنی چھِ تاپس
بَنِس اند گنٛڈِتھ، دَے پٔتُن اند رٹُن ووٕنی
کرٛنی باگنےٚ تَو پتےٚ تارکن تام
پلپکھ ہےَ تہٕ پأنِس کرن تانہٕ باگےَ
یہِ گوَ گاٹہٕ جارُک سبٹھاہ تھوٚد مُقاماہ
تھزر گو یہِ ژھارُن وٕسِتھ تل پتالس
یہِ گو بُتھ پھرِتھ گوڈ برُن خأر پاٹھس
یہِ گو شورِ تھاوُن ڈٕلِس تل بہارس
یہِ گو دوہ کڈُن کوہ تُلِتھ یتھ نکھس پٹھ
یہِ باسان سمیٚس پرٛزرٕ جن چھُ ژامُت
چھُ اِنسان از کل ہلکأری گومُت
منگان چھس دیَس ووٕنی فقط پردٕ پوٚشی
فقط پردٕ پوٚشی، فقط پردٕ پوٚشی

ژٕنے سَر کھ زٕنٛہے مَتُن
ژٕ کیاہ زِ از جنٛون پھُکان



منٛگان چھِ تڑیش ہر موکھس
گنٛگا چھِ از زہر چھکان
کشپ ریٛشِس وُنیب گوَ
جلوٚ دبوَس چھُ آو آو



ژھوکیہٕ شاہ سُتی سرس
دپان چھِ وبتھ پپاسہٕ دٕز
ژٕلِس جز کپاٛری تِم
دِوان یمن یہٕ شہٕر اُس
ژوٚلُکھ بہارٕ دارِتلی
پوشہِ ون کپاٛری ژٕلی
گولاب پھٕلی تہٕ اُری نہِ پوش
ہوٚکھِتھ گمتی چھِ لولہٕ سر

(۲) کشمیر میں شکتی پوجا۔

(۳) انوکھا مُسافر۔

(۴) کشمیر کی قدیم راجدھانی بجبہارا۔

انگریزی : (۱) Ancient Seat of Learning Ram Nagar،

(۲) ناگ مت تہٕ کٲشیر۔

پتاہ : دُرگا نگر، جۆم۔

## پۆت کل

شینہٕ پیکھاڑ سون زانہہ
نارٕ تیوٚنگل الأندی چھِم
بہٕ چھُس پکان ہتایہِ رۆس
پھیکِبن الأنز لاش چھم



نٮ۪رٕ ی سیکٕلؠ تہٕ نار زن
أندٕری نبس چھِ چاک ہِوی
خندق مبے سٕنز وچھس ہٕتھ
ڈکس لیکھان مبے اِنقلاب

# پھلا دیش

یٚیمہِ وٕری یُک راز چھُ بۆمرا چوک
واہن چھُس راکِٹ لانٛچر
گرٚیہدٕن پٹھ چھُس ہینٛڈ گرینیڈ
بومہٕ کِس گرس چھِ زٕمین دوٗز بم وٕہرِتھ



دھنُگ سأمی چھُ کاپالِٹ
بوٗہرن مَنٛز دھن یِوان
تہٕ کلاشنکوف مٔلی انان



یَتھ وٕرِیَس چھُ لٔگنس سِتم راہ
ووٹل تہٕ ژھانٛٹل بنن ہأتھی
ہوچھِرٕن کولن پھیرِ آب
افسر کرن شأدی یانہٕ
تہٕ چمچہِ کرن زوٗل





ولو ولو بہازٕ سون
ژٕ وُچھ ووٗندس مبے نارٕ تٔی
شِہلہِ گُلبن جگر وٗندٕ ے
مبے گوٗژھ ووٗندس قرار یُن
بہٕ چھُس وتن ژٕ بے وٕنی دِوان
ژٕ کرسأ یِکھ بہارٕ سون



## نوٗ و وٕری

تھالس وُچھُن صُجن بُتھ
جنتری، ٹیکہٕ بٹنی، بید مُشٕک
ہارٕ منڈُل، کوٗنسر ناگ تہٕ لل دید
سیکہِ صحراوِ کین تاپہٕ ڈٔ دی متِبن ژٕنہِ ہانگرن ونان:
تھوٗ دٕ تھِو
یتھ گٔنڈی زالس وُچھو بُتھ
از چھُنا نوٗ ریٖہہ اوٗ کدوہ

ونہٕ واسبن مَنٛز مرنہِ ووٚنی کانٛہہ بوچھِ بوچھِ کران

تِکیاز بےٚ کاری، بےٚ روزگاری، بیماری تہٕ فرسٹریشن

بیہِ گرِ پتہٕ گرِ راشن کاڑن پیٹھ تقسیم کرنہٕ

کُنہِ سُفارشہِ ورأے



یہِ وٲری آسہِ بڑ گوسمھایہِ نکھس پیٹھ

تہٕ بھارگومُنی شورپاٹٕرشال کِس تھوٚنگِس پیٹھ

گوان تہٕ لہر ماران

شینہٕ پتو پتو

مامہِ پتو پتو



رشوٕ رٹنُک رازٕ چھُ مہی شاہ سُر
رشوٕ کھورن میلہِ مرحباتہٕ شابش
یہِ بیمأری تیلہِ شہرٕ گام کالرٕکی پأٹھی
تاشہِ وانن پھیرن اُشہِ مُتی

شباب تہٕ شراب بنہِ سولہٕ سولہٕ
تہٕ رشوٕ کھور مناون دوہے شأدی یانہٕ



فصلُک سأمی چھُ تارکا سُر
امہِ کہِ جان پزٕ باوٕ ستی نیرِ فصل کم
مگر گولہِ فصل بنہِ بِسیار
لۆکھ ہیکن بتہٕ تہٕ چایہِ بدلہٕ گولہِ کھیتھ



کارٕ بارُک سأمی چھُ شُکر دِوتا
آدمی سۆرس لگہِ بھاد
نأری مرگہِ پیہِ امہِ سۆرُک گوڈنیُک ڈِپوٚ کھولنہٕ
یَس یۆت خوش کرِ سُہ ہیکہِ تیۆت نِتھ

خبر یہِ راتھ زٕ ہٹھ ٕکٔر
قہر چھُ جایہِ ژٕنٛی کڈان
سرٕ کہِ دۄنٛد وٕلتھ تھۄٚ وُکھ
کولن چھُ ترٔیشہِ ہُنٛد پیپاس



نیٛبرٕ چھُ یُپ بٕٹھن ژٕٹان
أنٛدرٕ چھُ نار گٔنٛب بران



گولاب پھٔلی تہٕ سۆری گیہِ
یمبرٕ زولن ٹھِکانہٕ روو
خبر کپأرٕ سوشینہِ ژھٹ
بالہٕ پٔتٕ گۄمٕر وبلأسی



ہتا گُجم تہٕ سۆر پھۄل
شِنیاہ موغُل چھُ ڈۄلی ہبتھ
وچھس خبر چھُ کیاہ شبس

# کلیڈسکوپکۍ رنٛگ

أتھرِ کیمٛسوٕ گولاب کھو
ٹیکہٕ بٹنہِ تہٕ ژاپہٕ ہُسی
باغہٕ بر پھو جایہِ کر
نارِ تیوٕنٛگل چھِ وچھ پھُہان



گہلۍ ونس ہیوٕتُن الاو
تیوٕنٛگل بُرِکھ کرٛنزن انٛدر
چھِ لاشہِ ووٕزٕ ژنٛگے نژان



بُنٛیُل گرٛھان چھُ لااِللہ
پوٗشہِ پدٕبن تہٕ چاکھ گٔیہِ
جوٗیہِ پھرٛ کان چھِ نار ہا
زوٗنہٕ ڈٕبن طناب گٔیہِ





حۏرِ دڑایِہ ونہِ وان گُلہِ اختابس
سۏ ہم سۏ پھۏل تابس ٸستی
گٹہِ پچھ ژۏل تےَ سوز ربابس
ژھٹہِ ماران آو آبس ٸستی
کھیرِ کھنڈ نابد قند کھیاونوُم
شٹھ دَلہِ بوُم شِنہُک سوز



شن ہنز ارزتھ ستہِ وِنی پِرم
دارنا ژنڈرم تہِ پومپِرنی گتھ
ست سنگ پڑ اَوِتھ کتھ پِرکھاوِم
اِد پڑ زِناوِم للہِ ہنز کتھ
کرِیہِ ہُنڈ کارن رچھِ کرنوُم
دارنایِہ دوُرم شِہنُک سوز



وُنگان چھِ ہوٚنی از ژوپاٚری
دپان کوٗلن سُہ تار روو
خودایہِ ووٚنی رحم ژٕ کر



## شٹھ دلہٕ بووُم

کارن ترٛ شوَے پرٛنوس پرِم
ترٛیایہِ تاُوِم ترٛ شوے کال
منہٕ کی مادھو مدٕ والناُوِم
اَن پرٕ ناُوِم کارن ساٚری
حدم گرٛٲٹھی گرٛٹھی مبے صدفاہ چھووُم
شٹھ دلہٕ بووُم شِنہُک سوز



نہَ چھُ سُے ہیوٚ رتےَ نےَ چھُ بونہٕ یے
سبزگاسن چھُس سونہٕ یے لو
سِرلیس داٗرک سِر پرٛزِ نووُم
شٹھ دلہٕ بووُم شِنہُک سوز

# بال کرٛشن سنیاسی



ناو : بال مُکند ویشنوی

قلمی ناو : بال کرٛشن سنیاسی

زاسنہٕ تہٕ دوہ : 21/اگست 1943ہٕ

اصل سکوٗنت : محلّہ شش یار،

حبہٕ کدل، 156 باغ سُندر بالا، چھتہٕ بل، سرینگر۔

حال : پرہلاد پور، نیو دہلی۔

تألیم : ایم۔اے (پولِٹکل سائینس)

پیشہ : مُلازمت اکونٹنٹ جنرل سرینگر ہٕندِس دفترس منٛز۔

رِٹایرمنٹ : 2003ہٕ۔

مطبوعات : کأشُر : (ا) شرٛیہہ تہٕ ویٛہہ (شأیری 2004)۔

(۲) اَسوٕنہٕ ہونٛجہٕ (شأیری 2004)۔

ہیندی : لپٹوں میں برف (شأیری 2004)۔

سنیاسی چھُ سٹوڈنٹ لیڈر تہٕ رۄدمُت تہٕ ٹریڈیونین لیڈر تہٕ۔ اَوٕ موکھہٕ چھُ 1986ہٕ منٛز جیل تہٕ گومُت۔ یِم چھِ مضموٗن تہٕ لیکھان۔

پتاہ : پرہلاد پور، نیو دہلی۔

# تلا دأر مُوڑِو

تلا زہنو ثوابا دأر مُڑِو
مبے چھم کمرس اندر روٗزِتھ گوٗمُت دم
زلرِ زأجو ژوپاسے نال ووٗلھم
مبے زن زالس اندر نرِ زنگہٕ پھٔسِتھ چھم
مبے باسان زن لبن پٹٔرِ دیو دزٕھا یک
گرٕھان آواز بدلیے زن تیچھن ہٕنٕز
گرٕھان قطرن بٔنِتھ بٔرٕی بال تےَ کوہ
پیوان تالو وجٕوٕدس زن گرٕھان سوٗر
پیوان تیزاب زن پشمینہٕ پلوَن
مبے گیِہ ساٗری جوأنی ضایہٕ أتھی منٕز
تلا گٔری تو جِگر از دأر مُڑِو



وَنہٕ کیٚاہ سہٕلابس کھۆت بوش
مانٛزِ نَمن وۆتھ وَصلُک رنٛگ
سَتہٕ رۆنٛگ یاوُن گوَ بے رَنٛگ
گرِدابس منٛز گیہِ مےٚ تہٕ ناو
سہٕلابس پَنہٕ نُے چکہٕ چاو
یٚیمہِ بَتھِ عشقس بُستی پھٹ
ہُمہِ بَتھِ حُسنَس مُستی مٹھ
ویٚتھ دِژ ہکہٕ کرٛکھ ہوشا ہوش
تارٕ وِنیا یِنہٕ راوی ہوش
ہیٚۆر کھۆت، ہیٚۆر کھۆت، ہیٚۆر کھۆت آب
ووٚتہٕ دِژ خلقو کس رۆد تاب
کھوپرٕ مۆزۆرَن ہٕنٛز گیہِ تَل
آسن والِبن پھُٹۍ ووٚنۍ بَل
پوش تہٕ ووٚنۍ خوش بۆ چھِ ہَران
دیوان خانہٕ تہٕ وٕسۍ چھِ پھٕوان
تار دِنٛس چھےٚ نہٕ وآرۍ یِوان.

# سیٚلاب

نٮ۪تھ نَنہِ وُزِ مَلہِ گٲیہِ بے تاب
شَبنَم وٕسرٕو سٔری گٲیہِ خاب
شرٛاوُن وولٕو پٮ۪ٚو گٲیہِ شار
بہِ تہِ چھُس چھوکہِ لدٕتس تہِ ازار
وَنہِ وُن وَن ہارٕن ہُنٛد بیوٗٹھ
پٕپٕی کوٗر لوٗس ڈٕکہِ سےٚ میوٗٹھ
تھَپہِ نیوٗہم اَتھہِ مَنٛزِ مِضراب
ژرٛہریومُت سیتارِ رَباب
بَرِ گٲیہِ گُل تےٚ پٮ۪ٚو گٲیہِ گُلی
بوٗمبُر ییٚتہِ گٲیہِ موٗران گُلی
پٕپٕی کوٗر یٔنٛبرزلہِ لُرِ پار
اوٗش گو ہاران پانہِ بہار
سوکھ موکھہِ ڈٔج مےٚ تہِ باٴتس لےٚ
کرٛکھ گٲیہِ روٗدُے یاوُن ہےٚ
ویٚسہِ گو جوٗرٕس نِشہِ ژھٕنہِ پوٗش

وُچھتہٕ کمانے تیٖر مےٚ کھوٚتمُت

پیٚو دویٚو د ماچھُم گٔدی زٔدی کرٕہَس

زَن ژٕلہِ لاراہ

سارَس وَچھِ تلہِ کٔے شُر موٗد

بیٚاکھ زِنٛدے چھُس

دوٚنَو ہبتھ دوران نَنہٕ وآر

نارٕ کرٛ کھاگیہِ

کٔمی تانٛی وۄنَس

یُس شُر موٗدُے کولہِ ترٛاوُن

تٔمی ترٛوو کولہِ منٛز یُس زِنٛدٕ اوس

تَس تہٕ خبر چھاکُس چھُم کتہٕ چھُم

تٔمی ترٛوو نالَس منٛز زِنٛدٕ شُر

زَن ژٕلہِ لاراہ

سَنتوشَس روو آدَن بوج

وعدٕ کرِتھ اوسُس درٛامُت وُنی

اوَرے اَنہٕ ژٕنٛگ بیٚیہِ ہٮ۪نٛد وٮ۪نٛد

اوٕر ترٛان أڈۍ یوٕر تران
کرٕ ہنٛس اوٗ برس بُتھ ووٗزلوٕ
ووٗزلبن جامَن گُزلاہ گو
کیُتھ ہیٖوٗ شام ییٖ باغٕنز آم
ساقیا! روتلہٕ خاؔلی جام
روٗدس چھنہٕ تھکھ روٗد زٕسیُل
پکہٕ رکتھٕ ییٖنہٕ کُنہٕ سَپدِم بُل



## پیٖوٗد ویٖوٗد ماچھُم

لُکہٕ اَرساتھاہ
زَن ژلہٕ لاراہ
رکرٕ ھ یرٕ بارَے
شُری ساسالتہٕ نیٖ تَل گوٗمُت
شوٗرتوٗ ے چھا
کرٕکھ تُجہِ شُری وٕ ے
پیٖوٗد چھُ سیٚدیوٗمُت ظاؔہرٕ یا شہرس

وَنہٕ ہاپتھ ؤتھی بونہٕ کنہٕ گیہٕ اَڈٕ ژٹ آدمٕ ذاتھ
دِگہٕ دِژ کاوو گُژھنہٕ مےٚ تِکہٕ تِکہٕ سۆمبرٕنی ہاَر

شونٛڈ چھوٚپے تُلنٛک رَنٛگہٕ ژروے مےٚ تہٕ سَتھ چھَم سوے
وونی یم تہِ مےٚ اَنٛگ اَنٛگ ؤڈراونہٕ یِن تم یِن غاَر

شورِ اَن الحق بَن ہانٛگلہٕ بَن ریٚہہ کر آب
سۆرِ پھسکھاہ گژھِ گُژھتَن سوے کرِ بۆمبرٕنی ساَر



## أشی پھیٚرِ روٗٹمکھ

بِگتی گیہٕ أسی أسی أشی پھیٚرِ روٗٹمکھ
میٛانے وَدِنے کوٚپیٚہٕ چانٛس بَدنَس شیٚہلتھ
بِکنہٕ گو چانٛبن أدرٕن موٚ درٕن یاوَن ویرٕن
میٛونے شرٕ یٚہہ زَن
أشی پھیٚرِ روٗٹمکھ
میٹھی کران بُتھی لبہٕ نے میٛانبن،

زرمہ ستم اُس

نار ژوپاّری

نارِ ے نار

دِہی گٹہِ کار

گورباّنی بوزانےِ ؤسی پیٚیہِ سُر جیت کور

گوٚلیاہ آیَس

وُچھ مےٚ کمانے تیر چھُ کھوٚتمُت

پیٚوٚ د ویٚوٚ د ماچھُم

گئِ زٔدی کرِہَس



## غزل

کارِ دوگنہِ پاثرالِہِ چھِہ پاثرٹہِ موٗرنی کاّر

نتہِ پاثرٹھ تھٔلی تھٔلی ترٚاوبس چھُھس نوٚمرِنی کاّر

بَختہِ بڈِس پاپَس اَتھنے کیتھ نارِ الاو

ناگہِ بلَن کولہِ رادَن ہیٚنز چھُکھ لُہرِنی پاّر

ٹُلہٕ تھا بُتھِ پٕٹھ
زیوٚ ژٕتبِن اَسٕس مَنٛز تھاوَتھ
نٕیوٗٹھ تیٚیہ ژٕہہٕ وَن ژٕتِس کالس
نبٕٹھ گو بے حِس کرٕ کیٛاہ وَن با
ژٕتِس کالس کٔمی سُنٛد مَس لَنگ

اتھِ سٕے مَنٛز بَنٛد تھاوَن وَن با
مَس لَنگ رٔڑی تھٕے نبٕٹھ کیٛاہ ژاپَن
مَسولہٕ ووٗنی گٔیہِ پاَنٛس پاَنٛس
ترٛیش ہمبم یوٚد چھُہتھ چَمہٕ تھا
وَن أشی پھیٚرِ وَن
أشی پھیٚرِ روٗٹمَکھ



## مَلنٛگ

میٚرِ پیٹھ کھارٕنی میٚرٕوے پہٕراہ
أنٛدی أنٛدی دِیُن تتھ گَنہِ دیوار
روٗدَس شیٚنَس ترٛٹہٕ طوٗفانَس

چھم باسان چھکھ میۓ بڑۆ مراوان

کوِ کنز چاٹنز وُٹھ پھِسرارے میانے مَنہٕ گُے پَن

اَبساوان

زِہنہٕ بڑۆنہہ ما چھُکھ ہنہٕ آمُت

گوڈٕ میانِس منہٕ کِس تہہ خانَس منٛز

وأتتھ ما چھُکھ حالَس میانِس

گوڈٕ پتھ اَزتامتھ أشی پھیرِ وَن

أشی پھیرِ روٗٹمکھ

وَن با دیُت نمہٕ وَچھ زانہہ بڑۆنہہ کُن

چَمہٕ ہَس تیۓ دود کوچھِ منٛز کِتھ کٔنز

چۆن کیُت دیُتنم پڑۆن پڑۆن سۆت زَن

ترٛیش ژٕلیم ما، ترٛیش ژٕجم ما

ترٛیش سبٹھاہ چھم کرٕ تے کرٕ کیاہ

وَن أشی پھیرِ وَن

أشی پھیرِ روٗٹمکھ

وَن با أشی پھیرِ

بوچھِ بوپچھِ گُری گُری رُمہِ گرڙھنگھ

تڙیشہِ نوٚٹاہ گرونجس کھارُن

نٹی دِیُت اٹھ چیئیہِ باڙوَ تڙیش

کنہِ گوٚر کاجہِ وَڈھاہ بیئیہِ ووکھلا

چُھٹِیاہ ڙہٹ تہِ بَتہِ میوٚنڈ کبھو

پاں دیگاہ پبٹھ ڙنہِ ہاہ کائلس

پھوکہِ پھوکہِ ڙنہِ گئیہِ نارو نار

بہہ کھوٚت دیگ ڙھُر گئیہِ پھٹ

پپِٹس لئے گئیہِ تتیٹس ستی

تیشہِ مَڙے پبو پیوٚڙتاہ واَتتھ

گٹہِ ڙلی سے دِیُت وَٹہِ گاشن

تڙیبیہِ گَنڈہِ یَم پَن تڙوٗے گُنی گے

میڙہِ رَنگہِ مالاہ تَس گئیہِ نائلی

دَولڙ، سونہِ سے، روپہِ سے تیہہ گج

میڙ، گُنی، ڙنی مولہِ ناوان گو

میڙہِ مَڙ ساآدِتھ میڙہِ پبٹھ تڙ اووس

مێژ گٔنڈ روزان اَنٛد وَنٛد ءستۍ
کرٕنۍ کیٛاہ سونہٕ گُنسبن واجن
روپہٕ ہےٚ کتھ پٹھ روزُن لور
مێژ گٔنڈ سون روپھ مێژ یڈ مَنٛز وژاو
مێژ، گٔنڈ، ژنٛی بێنہٕ ترٛےٚ چھِ یکجاہ
روپھ گو شینہٕ کوٚہن ہُنٛد اَسناہ
وبگلان ییٛلہٕ کوہ اوٚش ہاران
سون سونہاری ہُرد زرداوان
سبزارس پوشن مرگن......
مێژ اَڈرٕ ہُمی، بانہٕ ہُران یہٕ چھِ
ہُہ چھُ کرٛالاہ یہٕ چھےٚ کرٛاج چھِ خوش
شِو آکاراہ شکھتی روٗپا
کنہٕ کنہٕ ٹھس گو تمبراہ وٗژھ
ترٛیشہٕ گٔلس ءستۍ سوٚت پھوٚل یُس کھیٚیہٕ
کترِ وُلہٕ بٹ سُہ تہٕ سُہ چھُ پوٚٹھ
بانَن ما گرٛشھی ٹھانہٕ ووٚتھنی تھوٚد

# پران ناتھ بٹ غرؠب



ناو : پران ناتھ بٹ

قلمی ناو : غرؠب

زاسنہٕ : 1947ء

اصل سۆکۆنت : مرُن پُلہٕ ووم، مجوٗر نگر، بڈگام، کشمیر۔

حال : سوریہٕ وِہار، وزیٖر باغ، بھوری، جۆم۔

تاٲلیم : ایم۔اے (ہندی۔انگریٖزی)، بی۔ایڈ۔

پیشہ : سرکاٗری ووستاد۔ رِٹایرمینٛٹ 2006ء۔

مطبوعات : کاشُر : (۱) غربیٚن نذرانہٕ، شاٲری (1969)۔

(۲) سنجیوٗنی بکھتی شاٲری (I-2000, II-2003)۔

اوارڈ : میڈل تہٕ میرٹ سٔرٹیفکیٹ (کشمیری یونیورسٹی ہنٛدِ طرفہٕ)۔

یمو چھِ واریاہ ڈرامہٕ تہٕ لیکھۍمتۍ یم ٹیلی کاسٹ تہٕ چھِ آمتۍ کرنہٕ تہٕ سیٚٹجن پیٹھ گٔندنہٕ تہٕ آمتۍ۔ امہِ علاوٕ چھُ یمو کیٚنژن دھارمِک گرنٛتھن ترجمہٕ کۆرمُت۔

پتاہ : 144۔ سنجیوٗنی کُٹیر۔ سوریہٕ وِہار۔ وزیٖر باغ۔ بھوری جۆم۔

یۄتاہ ییٚلہِ گرٛٹھِ تتیٚس مَنٛز

تَمہِ برٛونٛہہ مارِ یہِ پیٚۄتاہ ژھوہ گوڈٕ

میٚرِ ہنٛزِ یٔڈ مَنٛزِ کٔڑِ سون روپھ

میٚرِ گرٛٹھِ لۆژ گرٛٹھِ وٕژھ ترٛشنایے

سون روپھ ہیٚیہِ نہٕ وول مَنٛشس مٔلی

میٚرِ عستی لِوتھے میٚرِ زِنٛی بَنہٕ کھسہِ

تتھی پیٹھ کھارَن تَس دِن داہ

میٚرِ مَنٛز میٚرِ لسہِ القاباہ کھسہِ

کنہِ کھسہِ گٔری گٔری یۄگی اوس



مےٚ دۄپمَس یۄٗگ رازو بوزتم کتھ
تٔمۍ دۄپنَم چھُس بہٕ پۄٗزان بس گورس نبتھ

مےٚ دۄپمَس دِمن ہالے ژوثگ کٔمۍ زول
تٔمۍ دۄپنم دُیتہٕ رۄس یُس تٔسۍ مےٚ بۆر لول

مےٚ دۄپمَس کتھ سمرپن چھِی ونان تِم
تٔمۍ دۄپنَم شِو مےٚ ہاوان لولہٕ پرٛیتہٕ بِمب

مےٚ دۄپمَس ہول جِگرس کاسہٕ ہم کر
تٔمۍ دۄپنَم من یٔندرس کاس گوڑٕ ور

مےٚ دۄپمَس اشٹہٕ لِنگم نادٕ بثد زاو
تٔمۍ دۄپنَم پرٛیمہٕ سٔدرُک شِو تٔتی آو

مےٚ دۄپمَس برٛم دِوان بیٚیہِ بیٚیہِ چھُ سمسار
تٔمۍ دۄپنَم رٹھ گورس پاد بیٚیہِ ژٕ گور دار

مےٚ دِۄپمَس کۆت گرٛھُن چھُے میٚیتہِ ژٕ نِکھنا
تٔمۍ دۄپنم شِو سۆرۄپس مَنٛز ژٕ یِکھنا

# گور شیٚش سمواد

مےٚ دۄپمَس گُس بٔھتیٚ زَن آسہِ پوٚختےٚ
تٔمۍ دۄپنَم یُس مےٚ لاگان باوِ موکھتےٚ

مےٚ دۄپمَس شامہٕ رنٛگہٕ چھُکھ کرٛشنہٕ بھگوان
تٔمۍ دۄپنَم چھُس بہٕ بٔھتن ڈۄری سگہٕ وان

مےٚ دۄپمَس آدِ دیو چھُکھ نا مہیشر
تٔمۍ دۄپنَم پانہٕ کاسےٚ زنمہٕ کرٛتچھر

مےٚ دۄپمَس گور تہٕ بھگوان چھا کُنےٚ وَن
تٔمۍ دۄپنَم راجہِ یۆگس منٛز ژٕ مو سَن

مےٚ دۄپمَس شانہٕ بۆڈ چھُکھ پانہٕ کیٛول
تٔمۍ دۄپنم نابھِ کوٚنڈٕ منٛز گور چھُ نرٛمل

مےٚ دۄپمَس ترُی دھامس منٛز ژٕ روزان
تٔمۍ دۄپنَم گور تہٕ بھگوان بس کُنےٚ زان

مےٚ دۄپمَس یۆگی رازو بوزتم کتھ
تٔمۍ دۄپنَم چھُس بہٕ پۆزان بس گورس نتھ

مبے دۆپمَس کام أنٛدرِم شکتی سوپان
تمۍ دۆپنَم کامدیو تمۍ کوٚر پریشان

مبے دۆپمَس لتس چھُ آننٛد ون کمن ءستی
تمۍ دۆپنم لتس فِدا پروانہٕ گٔیہِ ءکتی

مبے دۆپمَس اول أنٛدرِم کُس چھُ بیران
تمۍ دۆپنَم یُس ازل چون آسہِ شیران

مبے دۆپمَس دارِ تل کمۍ ترٛوو پرتَو
تمۍ دۆپنَم تیٚمی پٔژن اۆش ٹارِ تٔلی چھوٚ

مبے دۆپمَس ون پرٛکاشس کتہِ پَرم تھان
تمۍ دۆپنَم ییٚتہِ امرجیوٚتی چھِہ روزان

مبے دۆپمَس گرِ گرِ پھیرُن نہٕ وونۍ جان
تمۍ دۆپنَم گاٹلا بیقل ژٕ لاگان

مبے دۆپمَس پنٛچ پرٛانس ءستی چھم لےَ
تمۍ دۆپنَم جان تیٚلہِ ٹۄٹھِتھ ژبے گوٚے وَے

مےٚ دۄپمَس چھِم تیۆنٛگل لۄکھ وتہِ مےٚ ترٛاوان
تٕمۍ دۄپنَم چھُس تِمن کتہِ سایہِ تھاوان

مےٚ دۄپمَس کانٛہہ بُٔکھتۍ چھا پان ماران
تٕمۍ دۄپنَم تیٚتھ بُٔکھتۍ چھُس لولِہ بہٕ للہِ وان

مےٚ دۄپمَس کیٛاہ گورس نِش روزِ ژۄرے
تٕمۍ دۄپنَم زانہِ وُن چھُے سُہ دۄرِ دۄرے

مےٚ دۄپمَس آیتن تیٚلہِ تھاوِہَس پان
تٕمۍ دۄپنَم سُے بناوی من گُلِستان

مےٚ دۄپمَس واسنا چھا گورِ دِیوَس
تٕمۍ دۄپنَم کۆت کران نیٚنٛدیا ژٕ شیوس
مےٚ دۄپمَس چھا سُہ نشکامی تہٕ یۄگی
تٕمۍ دۄپنَم بۄگ کٔری کٔری نٕہ بۄگی

مےٚ دۄپمَس چھا تِمٕس امرِتھ انگن ہے
تٕمۍ دۄپنَم شکتہِ آدار پنٕنہِ ژٕ کھبھ وٚینہہ

# گرٛھ وۄن دِوان جِگرو

أندرِم کِتاب پرٛکھ نا لۆت لۆت ورق پھرٛکھ نا
شبدن اندر اژکھ نا گرٛھ وۄن دِوان جِگرو

لنٛجہِ لنٛجہِ ژٕ پھیر شبدن سنٛدِ چھید کر ژٕ درمن
اۄمکارِ سار نیرن گرٛھ وۄن دِوان جِگرو

اژھ تو اندر ژٕ پانس متہٕ سَنتہٕ یتھ جہانَس
ڈیُن چھُے حِساب نِدانس گرٛھ وۄن دِوان جِگرو

نیرکھ لگن تہٕ لنٛجن ہٕنہٕ پکھ ژٕ تاپہٕ ژٕنٛجن
وۄنمے مبے راز تھوکن گرٛھ وۄن دِوان جِگرو

رتہٕ چھپہِ گورس لگُن چھُے رسہٕ رسہٕ أتی گلی ڈُے
من شانت تیلہِ ژٕبے سَپدی گرٛھ وۄن دِوان جِگرو

مےٚ دۄپمَس چیٖر رٕٹہٕ ہتھ نالہٕ متہٕ ہے
تٔمۍ دۄپنَم جۄگۍ ہے نِش ژۄرِ پاٹھۍ بیٚہہ

مےٚ دۄپمَس ژٕ ے وُنم گُس ستۍ نِمہٕ بو
تٔمۍ دۄپنَم یَس گُنٕے باسان راتھ دوہ

مےٚ دۄپمَس گوپھہٕ بلس پرٛکاش جآری
تٔمۍ دۄپنَم وات سُلہِ توٚت رٕٹھ ژٕ وآری

مےٚ دۄپمَس چھُس غریبَس ستۍ دزٛامُت
تٔمۍ دۄپنَم شِو پرٛکاش چھُے گرِ ژبے زامُت



گوٚرِ پاد یُس چھُ پۄزان وو پدان تس چھُ بڑہمہٕ گیان
أندرِم نبر چھُ نیران گرٛدھ وۄن دِوان جِگرو

گور گنڈی کڈی ژبے پادن واتی سُہ پۄرِ دادن
سمکھی سُہ نبتھ پڑ باتن گرٛدھ وۄن دِوان جِگرو

تامس چھُ ترٛامہٕ بانٕے ست گون سونچ چھِ کانٕے
پرٛزلان چھُ پأنٕی پانٕے گرٛدھ وۄن دِوان جِگرو

یُس پوٚختہٕ کوٚندِ منٛز دژاو سُے موکھتہٕ ہار ہیتھ آو
روٗزِتھ نبر اندر ژاو گرٛدھ وۄن دِوان جِگرو

ٹِکہٕ تار گِندِ سُہ تارس گُلزار کھسہِ سُہ نارس
دَے ٹوٹھِ پوٚختہٕ کارس گرٛدھ وۄن دِوان جِگرو

ولہٕ پکھ غریب پانس پھالو ژٕ تُل دُکانس
سودا مہٕ کن بیگانس گرٛدھ وۄن دِوان جِگرو

گُس کیٛاہ ونی ژٔ موسن     گُنہِ پاٹھی رٹُن پیٛن من
سوٗے مال گرٹھ ژٔ سُمَرن     گرٹھ ووٗن دِوان جگرو

بوٗزِتھ تہِ لاگ ڈُلہِ کاو     کرمُک ژٔ نیٛاے أنژراو
گمُی کیٛاہ ووٗنے ژٔ مُشراو     گرٹھ ووٗن دِوان جگرو

ابیٛاسہِ یوٗگہِ رٔڈٔ زٕن     أچھِنے اندر ژٔ رٔچھی زٕن
ژھیٛپہِ ژوٗرِ پتہِ ژٔ وُچھی زٕن     گرٹھ ووٗن دِوان جگرو

چیُرگیُش کرکھ تہِ راوکھ     ژھوپہِ منٛز سنہٕ ژٔ پژاوکھ
ایکانتہِ گُٹھ سجاوکھ     گرٹھ ووٗن دِوان جگرو

ہیٛچھنے ژٔ ڈالہِ مارکھ     ننہِ وانہٕ منٛدِ چھاوکھ
پانس ژٔ پام تھاوکھ     گرٹھ ووٗن دِوان جگرو

زیٛوِ ڈیُن گُلُف چھُ رُت زان۔     شاید بنی یہِ وردان
بن پوٗختہِ کر ژٔ وُیا کھیٛان     گرٹھ ووٗن دِوان جگرو

کھُنڈی بانس لگہِ پانۓ واڑھ آولنہِ ویتھِ واتناوی گاڑھ
بُگھتس چھُ موکھتہٗ ہار سُے نونبدان تیٗمُ لوّب پانۓ پرمَے تھان

بھَے ژڈھ دَے رڈھ تُسی برلول سُے ہوکاسی جگرِک ہول
گرڈھ منگُس بُکھتی بیکّھیا دان تیٗمُ لوّب پانۓ پرمَے تھان

من چھُے پارُد ژھلہِ مارُن یوٗگہِ بلہِ چھُے پان تارِ تارُن
منہِ مَنزِلس گرڈھ شِو للہِ وان تیٗمُ لوّب پانۓ پرمَے تھان

کولہِ وان کر پھیرِ پرِیمُک پونژ شہلاوِ ژدی ہتبن آگر وونژ
بنجرن کھسہِ بیول پوختہٗ ہولہِ سان تیٗمُ لوّب پانۓ پرمَے تھان

ژھوپہِ کے گنہِ رَے ژوٗرِ تھَوپان سنہِ رس وأتتھ کروٗ شِوِ دیان
دون ہُند جنگ چلہِ بنہِ یکسان تیٗمُ لوّب پانۓ پرمَے تھان

سوٗرِ مُتی مٗلی ہیوٗت کلُھم سوٗر سوٗرِ امبرن پھوٗلی گاشہِ کنہِ دوٗر
سرتاز ہیوَن گیہِ شُمشان تیٗمُ لوّب پانۓ پرمَے تھان

# شِو لیلا

شِو شِو کوٗر ییٚمی لوٚب نِروان تَمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان
زٲنۍ والہِ کٔنۍ شیٚچھ چھکھ بوزان تَمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

دوٗلۍ وانہِ کنہِ پیٚٹھ چھٕلۍ زٕہم پان ، شِو گنگایہِ منٛز کٔری زٕہم شرٛان
ست سنگہِ جامہِ رنٛگہِ بنہِ یکسان تَمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

شِو چھےٚ ہنہِ ہنہِ معنہِ گاڑن کنہِ امبرس منٛز لال ژھاڑن
سنہِ رس گوہر لال تابان تَمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

دِلہِ چھن تارن ہُنٛد وا سوز پتہٕ دارنا دِتھ تَھی منٛز روز
گورِ پاد رٹھ اد سپدی زان تَمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

شِو ژھاے کاسی ژلی گانٛگل شوب نِرمل سۆ کری منگل
امنگل وُڈر کھسہِ کونگہِ اسمان تَمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

## ونُتھ

ژٕ بِکھنا سون تالُٹین مٲون پھولہِ ہے
اکی نظرے مبے یۆٚژکول دود بلہِ ہے

ہتو جوگیٛو قسم چھُے مٲنہِ لولُک
مٕنکی پاپھ مٲنٛز تارٕ ژِ مو ژٕ تولُکھ

بہٕ اَگ چھُس کیٛاہ کرن مکرٛٔے تہٕ تبرَ ے
ہتو جوگیٛو مبے زالُم پنٕنہِ نارَ ے

مبے ورٕکون ازلٕسے کرتام گوٗمُت
بہٕ پرٕژھیوٚن انہِ گٔژِس مَنٛز چھُس سوٗتیٛومُت

صدا بنٛد چاآنٛز آواز رازِ عرِفان
ژٕ بے چھا پرواہ نمان چھُے تھزٕر اسمان

واتنےٚ گاٹھ پنٕہ وتہٕ راوکھ شِہٕ منتھٕر یۄد مُشراوکھ
چھلہِ چھانٛگر تیٚلہِ گرٛشنےٚ پرٛان تمٕی لۄب پانےٚ پرمےٚ تھان

منہٕ کی منہٕ فلٕو شِہٕ مالہِ تار أنٛدرِم سُنٛز زۄر گرٛشن رِسمار
من منٛدر بنہٕ تیٖرتھ جان تمٕی لۄب پانےٚ پرمےٚ تھان

پرٛمس چتھ چھے پان راوان شِہٕ مس چتھ سمباو پرٛاوان
چھا پتہٕ ممکِن ڈلہِ پأری زان تمٕی لۄب پانےٚ پرمےٚ تھان

آشہِ توش وٕنی توس شکتی ناتھ یا زیوٕ دأرین ہُنٛد پرٛان ناتھ
سون چھکھ کرٕنوو أسی وندوے جان تمٕی لۄب پانےٚ پرمےٚ تھان

غرٕبس شِہٕ ڈل پھۄلی پمپوش سنہٕ رس دم دِتھ رۄد روپوش
امرٕتھ کونٛڈ بنیوس پنہٕ نٕے پان تمٕی لۄب پانےٚ پرمےٚ تھان



# کاشی ناتھ باغوانؔ



ناو: کاشی ناتھ رینہ

قلمی ناو: باغوانؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 21/اپریل 1921ء

اصل سۆکوٗنت: اَننت ناگ، کشمیر۔

حال: اَمت نگر، مُٹھی جۆم۔

تاٖلیم: بی۔اے، بی۔ایڈ

پیشہ: سرکاٗری ووستاد (رِٹایرڈ)۔

مطبوٗعات: ا۔ نالہ دِل (کاٗشر غزلہٕ سومبرن 1945)

۲۔ شارِکا دیان (کاٗشر بکھتی شاٗیری 1950)

۳۔ موختہٕ ڈاٗلی (کاٗشری دٕپتۍ 2003)

۴۔ اَچھرِ گۆند (کاٗشر بکھتہِ شاٗیری2003)

۵۔ ٹیۆٹھ نابد (کاٗشر غزلہٕ سومبرن 2003)

اَمہِ علاوٕ چھُ منظوٗم ترجمہٕ بھاگوت تہٕ مہابھارت چھپنہٕ کیوٚ مرحلومنٛزی گُزران۔

ہتو گور دیوٕ میانے جوٗگی رایو
گنڈن مٔنز کرمہٕ کھُر پیٚتہٕ کر مبے وڑایو

مبے چانٔی آش چھم چھُس زِنٛدٕ روٗزِتھ
ژٕ نے پکھ ما مرے یِی کتھ بہٕ بوٗزِتھ

چھِنا میانٔی پڑان چانے جولہِ مٔنز بنٛد
بہٕ لرِ لوٚر روزٕ ہے ژیےٚ عتٔی انٛدٕ ونٛد

ہسدٕن گیلُن مبے لوٗکن ہُنٛد کرہم کیاہ
ژٕ راضی روزتم تیٚلہِ چھُس شہنشاہ

غریبا سٕدرٕ کھونہِ تل پان نژاوِتھ
شہجٕ نیٚنٛدرا کران کھور واہراوِتھ



چھِ یێتہِ پاں پھیرِ تہٕ کانٛہہ ترٛیشہِ ہۆت چھُس
پٔژن ناگہٕ راد پٔژن آبشار روٗوم

مےٚ کُس ساآ زلنہِ یێتہِ پرٛزٕناوِ کُس مےٚ
مےٚ پرٛزنتھ بێیہٕ پٔژن انہار روٗوم

یہٕ چھُس کوچو تہٕ وتہِ یارِ پھیران
پٔژن روزگار پٔژن دربار روٗوم

وولر، آنٛچار، سنٛبٕر، ژمبی آر تےَ وٕتھ
نسیٖم، اچھِ وَل، نِشاط، شالہِ مار روٗوم

تھٕم کوہ تےَ بال شیٖنہٕ دستار گنٛڈِتھ گنٛڈی
سبزٕ تٔم ون شٕہُل سبزار روٗوم

سُہ تُل مُل، کھنہٕ برٛنٛز بێیہٕ ہارِ پرٕتھ
ترٛتھ کم کم تہٕ گنٛپت یار روٗوم

چھکرٕنہٕ آیہِ یێتہِ مول مآج تہٕ بارٕنٛز
کاہن راو گاو مۆدٕر سرشار روٗوم

اوارٕ : وِتستا اوارڈ (ناگراد ادبی سنگم)
پتاہ: اَمت نگر۔ مُٹھی گاوٗں۔ جوٚم۔191205۔

## کیٚاہ کیٚاہ رووُم

بُزٕرِس مَنٛز زن پُٹن سمسار رووُم
پُٹن اوٚندٕ پوٚکھ پُٹن گرِ بار رووُم

یِہ راتَک یار رَتھ سَپدوو مےٚ دُشمن
دعا پڑووُم تہٕ پڑون پنٕہٕ نیٚار رووُم

دِتھ زوٚنَگ آکھِ نِے یڑھ پڑھ تہٕ ماڑکھ
وَنو کس بوزِ کُس اِظہار رووُم

بہٕ لوٗگس قرنٕہٕ پھِری تتھ کنِہ شہارس
پُٹن وِرِ وار بونہِ شہجار رووُم

چھِ شُری تام قآد سیمٹہٕ چِن لبن مَنٛز
رِگنڈُن رووُم شُرٕبن لوکہٕ چار رووُم

گلشن کوپس ڈیٚن چھُ باج
ژٔریَس ووتھِ لتس لُکھ موحتاج
پیٚتہٕ بوے باٗیس ہٕتھ چھُ شرٛاکھ
ژٕ کۆت مالہٕ ژٕ کۆت آکھ

بایوٕ پیٚتہٕ زول باین اول
لتھ دِتھ کٔڈِکھ ماٗج تہٕ مول
آدمس اِبلیسن اتھٕ ڈول
حیوانٕ یتس زۄلا زول
پرٛتھ کاٗنٛسہِ چھُے پیٚتہٕ نالس چاکھ
ژٕ کۆت مالہِ ژٕ کۆت آکھ

مہارازٕ ہیٚنٛز بیٚلہِ ڈیٚنٛشن لاش
سپدن مہریٚنہِ پیٚتہٕ اشہِ خاش
ماٗنٛزِ ثمن بوز میٖژِ ہٕنٛز باش
بۆنٛگرِ نرٕہن یکدم ناش
گبوٕن واٗلی ژھٹان باکھ
ژٕ کۆت مالہِ ژٕ کۆت آکھ

گُلالکی داغ جِگرس باغوانَس
چمن بُلبُل تہٕ گُل یکبار رووُم



## نظم

(سنہٕ نمتھ پتہٕ تھنہٕ پیٚمتس شُرِس کُن)

ژٕ کٔوت مالہِ ژٕ کٔوت آکھ
ییٚتہٕ چھُ وُدُن ییٚتہٕ چھِ باکھ

ییٚتہٕ اُسن اسہِ ژٔورِ ژۄل
ییٚتہٕ رِوُن اسہِ باگہِ پھۆل
لول شٕراون شیٚن گۆل
نٔرٕ بُتھو سٔر مۆل
مُشِتھ گیہِ ییٚتہٕ وژن واکھ
ژٕ کٔوت مالہِ ژٕ کٔوت آکھ

ییٚتہٕ بۆنٛدقس دِتھ از تاج
ییٚتہٕ چھُ گولہِ ہُنٛدُے راج

سانیٹ

## واٚنٛگُج وور

میٛانِس واٚنٛگُج وآرِس کاٚری گرن کم رنٛگ چھہِ کٔری مٕتۍ
نقشہِ نِگارو سٟتۍ پاٚراوِتھ پرٛتھ اَنٛدٕ لال تہٕ موکھتہٕ چھہِ جُری مٕتۍ
ییتھ کوٚھس کم تصویر چھہِ لاگِتھ جنٛگلن ہیٚیہٕ کوہسارن ہٕنٛدۍ
ہُتھ لبہِ چھٕس کم شکلہِ بناوِتھ باغن منٛز ماہ پارن ہٕنٛدۍ
گرٛزٕونۍ ییٚتہِ دٔریاو چھہِ وسہٕ وٕنۍ واتان آخر سٔدرس منٛز
ڈل تہٕ وولر آنٛچار رٔٹتھ پمپوش چھہِ للہٕ وان جِگرس منٛز
وٕنن اَنٛدر ون ہارِ چھہِ بولان طوطہٕ قُمری وایان چھِکھ ساز
کستوٗری تےٚ جل مس گاٚمتۍ کٕو زانن واٚنٛگُج وارٕیُک راز
واٚنٛگُج وآرِس واوٕ گُلِس منٛز کم کم از تام آمتۍ یور
کم کم ژاٚنٛگۍ ژٕھنۍ واون ژھوٕرِتھ واو از تام کس دژٕ اُمت سور
واٚنٛگُج وآرِس آمتۍ کاٚتیاہ دژاٚمتۍ کاٚتیاہ پٔرۍ پٔرۍ وعظ
خاٚلی غاٚلِب ہیٚوٕ دژاو کاٚنٛژھا ییٚمۍ زون واٚنٛگُج وارٕیُک راز
واٚنٛگُج وآرِس سیٚکہِ ماٚدانس کِتٕو از تام تُجھرٕ دور
خاٚلی غاٚلِب ہیٚوٕ دژاو کاٚنٛژھا ییٚمۍ زن سیٚکہِ منٛز سٟیزراوۍ کھور

لولہٖ هستٖن کران لار
اکہِ اکہِ آلبن دِوان نار
پرٖوٖنہِ ناوِ چھا لمنَس وار
سُہ کتہِ سُم تے سُہ کتہِ تار
گاٹلبن موٗتھُکھ بُتھبن خاکھ
ژٖ کوٚت مالہِ ژٖ کوٚت آکھ

فُری یاد یئتہِ چھی ژٔری بوزان
حالاتھ وُچھنَس أٔژ روزان
فُری یادٖن زیوِ گنٹھ روزان
باغوان شیر گڈِ منٛز کھوژان
یئتہِ چھے سوٚنٛتس گوٗمُت ماگھ
ژٖ کوٚت مالہِ ژٖ کوٚت آکھ



۸۔ ونٕ وُن (کاشُر دیوناگری رسمہ خطس منٛز)
۹۔ کُلیات کرٛشن جۄ رازدان (اکادمی پبلِکیشنز)
۱۰۔ ست سنگ (کاشِر لیلا تہٕ بھجن)
۱۱۔ کُلیاتِ اسد میر (پرٛبسس ویٚتُمت)

ایوارڈ: تش کینٹ ریڈیو (Erstwhile USSR) ہٕک ایواڈ

پتاہ: 94۔ تیٖرتھ نگر-B ، تالاب تِلۄ، جۄم۔

## بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے

سنہٕ نمتھکی گرٛ ہٕژارن وٕلییے بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے
بوٗنہٕ کھاڑنی یارٕ پیٚٹھی کھنہٕ ٹلییے بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے
ووٗنمت ذاتھا آیہِ بٔنٛز ڈٕلییے راے رۄز دوہ تارٕ روزِ ہۄہراے
ڈاڈ کۄر سازٕ ستہِ طوطہٕ گیہِ گٔلییے بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے
نیٛبرِ مہِ پھوکہِ کھٔتی سورنیہِ گٔلییے أندرِم یکدم نژنے وڑاے
تیز آبی نعرٕ تہٕ اہریز پھٔلوے بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے
سوقہٕ ہا بدلییہِ توقا ڈٕلییے تمہٕ پلزییہِ یم ہیٚچھ ناوٕیا‌ے

# سوم ناتھ بھٹ ویٖر



ناو: سوٗم ناتھ بھٹ

قلمی ناو: ویٖر

زاسنہٕ: 27/اگست 1940ء

اصلی سوٗکوٗنت: لوٗکہٕ بھوٗن تحصیل ڈورُو انت ناگ کشمیر

حال: 94۔ تیٖرتھ نگر-B تالاب تِلوٗ جوٗم۔

تالیم: ایم۔اے، بی۔ایڈ۔

پیشہٕ: محکمہ تالیم، رِٹایرڈ ماسٹر۔

مطبوعات: ا۔ کلامہِ ویٖر (غزلہٕ)

٢۔ گُمہٕ ہٕژ بُمہٕ کمان (شاعری)

٣۔ منُگ منگل (لیلا تہٕ بھجن)

٤۔ شب رنٛگ (افسانہٕ سوٗمبرن)

٥۔ پوشہٕ امبر (شاعری)

٦۔ پُسپ امبار (کاشرین غزلن ہٕنٛد ہیندی ترجمہٕ)

٧۔ لوٗکہٕ بھون کی کہانی (اُردو)

پزِ ہے ما زِنٛدٕ پانہٕ پٔنُن زانٛپانہٕ کٔنُن    کہرٕ بوٚ تیٚی کھو تڑاس
مگر اِحساس نہٕ کینٛہہ

ڈبن کچھن تل بُلبُل پھوٚتی چھِ چھکرٲوِتھ    دوٚبن چھِ أسرکہٕ ساس
مگر اِحساس نہٕ کینٛہہ

یہٕ گیہٕ قیامت ٹینچن گنٛدرُن کلن پنہٕ غبن    خلقن ٲئی تلواس
مگر اِحساس نہٕ کینٛہہ

نظرِ تلے چھُم بیرِ دوٚپھن ہُنٛد کاٹھ تہٕ باٹھ    موژھوٚ نہٕ سوٗر نہٕ ساس
مگر اِحساس نہٕ کینٛہہ

پنٛنی سوچ مجبوری آویزٕ تھوان نتہٕ کُس کس لتہٕ داس
مگر اِحساس نہٕ کینٛہہ

اَسہٕ وُن بُتھ وِدٕ نووُن یامتھ ترٛووُن    نمس تہٕ مازس پھاس
مگر اِحساس نہٕ کینٛہہ

جتہٕ گرِتھ بے وطنی منٛز روٗٹ موچھِ منٛز پان    وٕرٛس کیاہ پیہٕ راس
مگر اِحساس نہٕ کینٛہہ



سێدٕ بن تہٕ سادن پێیہٕ سدٕ ٹٔلیے — بٹہٕ برہمن ژٔلی ژٔلیے آے
نازنین پان گیہٕ رٲسی رازٕ ٹٔلیے — پێژ آسی کۆت گیہٕ حق ہمسآے
یا ژتہٕ لگی والہٕ واشہٕ نتہٕ وتہٕ گٔلیے — بٹہٕ برہمن ژٔلی ژٔلیے آے
پھنڈرا مونڈ گیہٕ ہنگہٕ منگہٕ ٹٔلیے — ماجہٕ یتیم پہٕو دودٕ پھبب ہاے
روشہٕ ماہرٕ نی کٔمی مانژٕ گلی چھٔلیے — بٹہٕ برہمن ژٔلی ژٔلیے آے
کیٚسر بنہٕ ژاو پونی تٔلی تٔلیے — اَسہٕ مائج مس والس گژاے
دوسہٕ آیہٕ وٕسی وٕسی وٕژھ کھل ٹٔلیے — بٹہٕ برہمن ژٔلی ژٔلیے آے
زٕو لرزن زن شاہ پآز کھٔلیے — رازٕ ہونژو رٔٹ شِنیاشاے
سازمے کاژٕ نیٛوے ناز مسوٗلیے — بٹہٕ برہمن ژٔلی ژٔلیے آے
ویرٕ! دوٗرٕ رٲوی پینی اَن ژٔلیے — یار گیرٕ اٮ۪ژران سیرٕ تے نیاے

سرٕ گری معرکہٕ تہٕ گنڈی چیرٕ ٹٔلیے
بٹہٕ برہمن ژٔلی ژٔلیے آے



## اِحساس نہٕ کینٛہہ

گرس گرس کھری ساس مگر اِحساس نہٕ کینٛہہ
زرس زرس ڈبہٕ ڈاس مگر اِحساس نہٕ کینٛہہ

کٔنہٕ کوٗنٛچہٕ پیٹھ تاٹاورس میراثہٕ صنم ہیتھ
ہر بار زن چھُن ہوومُت گربار کٔنہِ لگو

مِٹہٕ ویرٲ! ہیٚتو کیٛازِ دِلکی دأدی مُفت کار
کٔٹہٕ پیر سودا گار اُلفت پیار کٔنہِ لگو



## بوٗنی

### (باراہ ماسا)

سورگہٕ کھٔرٕتھ کھیے بٔرگہٕ بوٗنی سأنٛزی یے
وُمبرِ کرٕہے بنٛدگی نُنٛدٕ بأنٛزی یے
چانہِ آسنہٕ عالمس شہجار پھیوٗر
آیہِ وولسنہٕ مرگہٕ ڈل بیٚیہِ نٔے تہٕ نیوٗر
نازِ نٔکھرل رازِ بلہِ چی رأنٛزی یے
وُمبرِ کرٕہے بنٛدگی نُنٛدٕ بأنٛزی یے

پھاگنے پوٚہ یام پرتو نو بہار
چشمہٕ مُژرِتھ چھکھ کرُن لاگان جہار

# کِنہِ لگُو

ہێتِ بارِ کنڈی مُلی مآری مۆند گُلزار کِنہِ لگی
دِوِدارِ جنگل زول تیۆنگل نار کِنہِ لگی

تِم آسی مُتِ مستانہِ رۆٹھ نالہِ متہِ معشوق
اَسی دژلیہِ مُتولی عیش مَقام ژژار کِنہِ لگی

گوڈِ سادِ دِلن وعدِ دِتھ پتہِ آلوئنہ [illegible]
پِٹھ ولنہِ پێنجہِ زِو رآدی کھتی گُفتار کِنہِ لگی

ژھرنی بآزی مَنز تہِ گُپتھ کارِ بارِچ کھیل
نرِ زورِ لُکہِ ہێنز وآر، ڈل تئے ڈار کِنہِ لگی

زٹ نالہِ وتھ واہ! شوق چنگ کرتجلہِ ساران یونی
کھوڑ دیار وُٹی مُتھی دوس جِگری یار کِنہِ لگی

چھِنہِ زن تہِ بہانی زِ کُنہِ دوہ آسہِ قیامت
اپزِہن ٹکن سرہم پنُن سمسار کِنہِ لگی

کرِتھ سکھرا وآردیک ماہرآنٛزِ یے
وُمبرِ کرہے بنٛدگی نُنٛد بآنٛزِ یے
تاپہٕ موٗنجھوٗرِنہٕ پتھر کم خواب پٮ۪ن
ڈیرِ گرٛڈِ سونہٕ داتھمبرٛن کمخواب پٮ۪ن
پوٗہ چھُ والان دوہ کھٔنٛس لوساآنٛزِ یے
وُمبرِ کرہے بنٛدگی نُنٛد بآنٛزِ یے
ماگہٕ نٮ۪ رہتہٕ زاگہٕ روزی وٚپر چون
ماہِ چانٮ۪ راپہٕ کرہی دلیہٕ تون
نیرِ وِ نہٕ وِنٛدِ نیرٛنٛگو چنٛدآنٛزِ یے
وُمبرِ کرہے بنٛدگی نُنٛد بآنٛزِ یے



## کأشرِ بن ہُنٛد وطنی ترانہٕ

سٔتی سرس چھُ باربار سون نمسکار کشپ ہنٛدس کشپ مٔرس
کٔشیرِ سرِ یہٕ کھیترٛس سٔتی سرس چھُ باربار سون نمسکار
أسی چھِ ناگ دیو أسی أسی چھِ شاکھت شیو أسی
أسی چھِ بودھ تانترک تہٕ ریشیٚنکو میو أسی

اۆنٛگجِہ اتھٕ واہران دآنٛی دآنٛزِیے
وُمبرِ کرٕ ہے بنٛدٕگی نُنٛدٕ بآنٛزِیے
ژِتھر وَہی کِہ تہٕ زیٛٹھٕ پھکھ بدلان رنٛگ
ناٲلی وردن نوٗی ژٕ ترٛاوان مٔرٕ ملنٛگ
وآنٛسہِ کِنٛز چھکھ نٔو تہٕ پرٛلنہِ تہٕ پرٛآنٛزِیے
وُمبرِ کرٕ ہے بنٛدٕگی نُنٛدٕ بآنٛزِیے
ہارٕ تاوس مُخملُک سبزار چوٗن
شرٛاوٕنہِ رہتہٕ یاونٛک ملرٛار چوٗن
موکھتہٕ ڈیٛنجِہ ۂری چھِی کنن دُر دآنٛزِیے
وُمبرِ کرٕ ہے بنٛدٕگی نُنٛدٕ بآنٛزِیے
بآدرُن رٕتھ آدرا ہٕتھ یام آو
باغہٕ بونِبن تل چھُ شہلان آمہٕ تاو
أشدَے رٔنٛجکھ ژٕ رنٛگرٕی وآنٛزِیے
وُمبرِ کرٕ ہے بنٛدٕگی نُنٛدٕ بآنٛزِیے
کارتِکہٕ وۄلتھے ووزل پُرٛراد جان
نارِ وُزملی چھُے حُسن بیداد جان

# جواہر لال سروٗر



ناو : جواہر لال رینہ

قلمی ناو : سرور

زاسنہٕ تہٕ دوہ : 2 نومبر 1939ءٕ

اصل سکوٗنت : مہنوٗر۔ بڈگام۔

حال : وِنایک نگر۔ مُٹھی۔ جموٗم۔

تألیم : بی۔اے، بی ایڈ۔

پیشہ : رِٹایرڈ ووستاد محکمہ تألیم۔

مطبوعات : کأشر شأیری : (۱) لولُک صدا (1956)۔ (۲) پچھ آش (1958)۔ (۳) وجد (1994)۔ (۴) کأشرِ ن نظمن ہُنٛد انگریزی ترجمہٕ Pinning of morrow۔ (۵) شواے نمہٕ اوم (بکھتی شأیری 2005)۔ (۶) پوشہِ ہلم (2005)۔ (۷) لول تہٕ ریٛہہ (2006)۔

اچھ تار کِتابی سِلسِلُک ایڈیٹر تہٕ ستی سر مُلا قاتھ نمبرُک چھُ کو ایڈیٹر روٗ دمُت۔ 2001ءٕ منٛز چھُن بھوپالہٕ قومی مُشایرس منٛز کأشِر زبأنۍ ہنٛز ترجمأنی کٔرمٕژ۔

تہٕ ریٚش گرس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

یہٕ پوٗنۍ وتھستایہِ ہُنٛد ہمالہِ بالہِ ژھایہِ ہُنٛد

تہٕ امرناتھ جایہِ ہُنٛد سُہ مایہِ اہنسایہِ ہُنٛد

وتھہٕ آگرس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

چھُ دیٚان سون پدم سر چھُ گیٚان سون ڈل وولر

للیشوری تہٕ نُنٛدٕ ریٚشن دِلس دِلس چھُ سوٗن اثر

تہٕ ست گورس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

یہٕ بسون من چھُ عارِ ہوٚت وٕہراٚر بوٗرُت لولہِ موٚت

یوٗگن یوٗگن چھِ ہیتھ پکان پکان بڑوٗنہہ ہوان نہٕ پوٚت

زرس زرس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

وٗلو سُمن چھُ سارِنے لُمن خُمن چھُ سارِنے

کرِنۍ چھےٚ وونۍ اکے کتھا تہٕ بڑوٗنہہ پکُن چھُ سارِنے

گرس گرس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

چھِ وٕرٕ اُسۍ چھُ دِل جوان قدم جوان منٛزِل جوان

ہیٚرلشہٕ کی چھِ رآچھدر نٔوے پھٔلے تہٕ نوجوان

دِلاورس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

کُمٔی زآج یہِ بُستی برمنٛدِنبن کُمٔی پوش پُرٛنٕی
کُمٔی زون یہِ گو درجاتھ تہٕ وَن ووٕنٛی کیٛاہ سآئی کرَو

دوہ اسنٕکی گِنٛدٕنگی رآوی تہٕ وتہٕ یٕڈی رآسی سَپدٕی
میٚے زون زِ میٚے أُج ماتھ تہٕ وَن ووٕنٛی کیٛاہ سآئی کرَو



## غزل

وآناکھ سٔدرٕ زُوی چھِ رچھان میٛانہٕ دِٕلکی آکھ
کمہِ جنٛگلہٕ ووٛتھُکھ میٛانہٕ متیٛا ونتہٕ کوٗکُن وڑاکھ

ہاوس مےٚ از منسآوی رچھَن کتھ بہٕ پگٕچھ آش
یا ٹوٛنگ الوٛند تالہِ پٹٕھ چھُم نتہٕ چھےٚ ہٕکٔس شڑاکھ

ہے وَنتہٕ یِیٚتہِ کُمٔی نیٚہہ گٔنٕس مَنٛز ژوٛنگ دزوٗن تھوٚو
کتھ زوٛل کرِ کاٛہہ زوٛنہٕ گاشس تام لوگُھ ٹھاکھ

| | |
|---|---|
| اواڑ : | وِتستا ایواڑ تہٕ سٹِفکیٹ آف آنر (2000)۔ |
| پتاہ : | وِنا یک نگر۔ مُٹھی۔ جۆم۔ |

## غزل

پیٚپہٕ سُری پیٚٹھی ییٚلہِ از راتھ تہٕ وَن ووٚنی کیٛاہ سآ کرَو
گٔیہِ دَم پھٹٕ از بُتراتھ تہٕ وَن ووٚنی کیٛاہ سآ کرَو

شِنہٕ مالیُن زولُکھ نارٕ تہٕ تاپَس ڈٕیشِگی وٕٹِکھ
گٔیہِ کھوگر آدم ذاتھ تہٕ وَن ووٚنی کیٛاہ سآ کرَو

وَق صُبحُک کُس غزلاوِ تہٕ کُس دِیہِ سازَس زیٛر
چھنہٕ أنٛدی پکھی کانٛہہ سُقراتھ تہٕ وَن ووٚنی کیٛاہ سآ کرَو

وِچھِہ واوَس تھوِ کُس ٹھُری تہٕ ووٚلرَس تار دِمَو
زانٛہہ ڈٕنٛجہِ کتہِ روٚدی حالاتھ تہٕ وَن ووٚنی کیٛاہ سآ کرَو

وتہٕ آسہٕ سارٕے خۄنہٕ سُری بُتراتھ دِیان آس
موچھِ مَنٛز رٕٹِتھ زن اوس تس آکاش گٲٹس مَنٛز

کرکھے ژٕ وُڈُو کرتہٕ کۆتامتھ ژٕے پوشی دم
حبس کٔرِ ی زِ پکھن یُتھ نہٕ ہیٚنہٕ ترٛاش گٲٹس مَنٛز

سمکھس تہٕ کتھن ونتہٕ خلوکھ سمکھِ ژیٚہا اکھ
سرۄرِ آسیا تس تہِ کیٚنٛہہ یاداش گٲٹس مَنٛز



## آلو

تِمے سمن بل تہٕ ناگہٕ جوے سوے

نہٕ وِگنہٕ ونہِ وُن

نہٕ آبہٕ شوشہِ رائے

فقط دِہے دِہ

دزان چھِ رآیِل

چھےٚ ہۄلہٕ بانٛگے

از کتہِ چھُ حُسنَس بوش کمِس یاد زُلیخا
وۄنی کتہِ چھِ سمان پڑانی پاٹھبن بازرس منٛز گژاکھ

پَتھ ونہٕ چھےٚ ما وۄنی وِگنہِ گبوان نےٚ چھِ وُزان ناگ
کُس اکھ چھُ لبکھان لولہٕ غزل کُس چھُ لبکھان واکھ

سرۆرٕ رچھان کتھ رِکتبن چھُکھ از ژٕ موٚدرۍ خاب
ییتہٕ ناز نیٚبن از چھِ گرشھان پوشہِ بدن چاکھ



## غزل

بے شوٗنکی پاٹھبن ڈالہِ بزبس گاش گٔژس منز
ہا بابہِ کتھن ییتھ نہٕ ووتھِ پُرخاش گٔژس منز

کم تام ییاٹرۍ وزاے نےٚ اَس زان نہٕ پہچان
لٹہٕ بارِ تمِن اَس شاید لاش گٔژس منز

# مُتہٕ آب

پَتھ وَنہٕ کہِ ساڈِ منوشہِ
کۆت ژٕ گژھکھ
سورُے شہرِ چھُ یاّ گی گۆمُت
نہٕ کانٛہہ حیاہ تہٕ نہٕ شرم
آوارٕ تہٕ پاگل ہۆنٛ چھِ
کھہرنہٕ کٔھتۍ مُتہٕ
سُہ ناگ پُرُ دُکھ کرتام
یێتہِ نَس ژٕ تپسیاہ اوسُکھ کران
کرکھاہ یقین

میانہِ روزن جایہِ تہِ کۆرکھ
ژۆک اسمانس کُن
از کل چھُس یَتھ دزٕ وِنَس سیکہِ صحراوس منٛز
ہنہٕ آمُت
زانہٕ پٔنُن پان
ژٕ اَے وونٛ آلہِ منٛز روٗنگہٕ پھلکی پاٗٹھی

ژلان چھِ ہٕہہ شال
ڈیٖر تژٲ آوِتھ
ودان کوٗ ستوٗری وٕنکی
ہاٛنگل
الاو ڈٕیشتھ



وتن چھُ لوٗ گمُت پہٕر کرتام
فقط چھےٚ گاڈٕن لاٗن لُجمٕژ
بنٕبے تہٕ بنہِ کیٛاہ
وول گاش پھولہِ کر
چھُ ہرموکھس پٕٹھ
یہِ گُس ملنٛگاہ
دِوان آلو
شِوایہِ نما اوٗم نماہ شِوایے



# اومکار ناتھ شبنمؔ



ناو: اومکار ناتھ بٹ

قلمی ناو: شبنمؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 12 رجنوری 1945ء

اصل سۆکوٗنت: وچی، پلوٗوم، زاٗنہٕ پوٗر۔ شُپیٖن۔

حال: ویشالی۔ غازی آباد۔

تاٗلیٖم: ایم۔اے (فارسی، کشمیری) بی۔ایڈ۔

پیشہ: ووستاد محکمہ تاٗلیٖم رکیچول نیوز ٹرانسیلٹر، آکاش وانی دِلی۔

مطبوعات: کاٗشُر: ٹیۆٹھ مۆدُر (طنز و مزاح شاٗیری)
شبنمؔ صاٗبُن تذکِرہ چھُ انسایکلوپیڈیا آف انڈین لٹریچر والیوم 2 ہَس مَنٛز کرنہٕ آمُت۔

پتاہ: 465/4، سُپر ٹیک ہوم۔ سیکٹر , 4 ویشالی، غازی آباد۔ (یوٗ پی)۔

پُنٛن پان کڈکھ نوٚن
پڑاوکھ کیٛاہ
بوز کھےٚ میٛون، پھیرکھ پوٚت
گرٛ ھ بیٚہہ تتھٕ وَنٕس منٛز
دیٚو تور والتہِ نہٕ یہِ ژھٹھ
ہرگاہ فرصت ہیٚی
تیٛلہِ گرٛھی زِ ہلم دأرِتھ علم دارس
سُے وَنی
مُتٕ آب کیٛاہ گو



تُمبکھ نارٕبن پیٹھ ماہ کھسے فِلمی بأتن ہُنٛدے سوز
اَسہٕ ڈُن شبنٛمی شارٕے پَرو تتھ کیاہ کرَو سو گیہٕ زنٛگ



## مزاحیہ غزل

یورٕ کوتاہ کھوٚنٛکھ آب رَژھ ما توٚرُکھ
واعظ کوتاہ پوٚرُکھ راز زانٛہہ ما ووٚنُکھ

یور یتھ ذات بُتراتھ مبے ما کانٛسہٕ پرٛژھ
دالہِ ڈٕسے، چلو دالہِ بٹہٕ ما ووٚنُکھ

کمٕی ژبے ووٚننے بٹن رأو پرٛزنتھ پئنی
ہاکھ سُے، چاے سوے سُبے دمولوٗ روٚنُکھ

کیاہ ساٚ لوٚگ کھاہ ژٕ کُنہٕ دالہِ گڈوس ورأے
میانہٕ پتہٕ تتہٕ یہٕ حسرت گڈھس ما ووٚنُکھ

# زٔنگ

مالِنؠ پرٛژھنَے دَپن بتس ڈؠلِ زبکھ اَسہِ کۆر رِفارم
داہ ترٕٛہہ پنٛژاہ گرِکی ہیمو تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زٔنگ

ہێتِس دِتس اَسہِ چھُنہٕ روٗشی کنہٕ واجہِ کٲٹس پوشِم ناہ
ہووٕری ترٛاوَن چنٛدس لچھاہ تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زٔنگ

سو کتہِ بنان ہنٛزٕ ے واجێنؠ اَسہِ روو پُنٛن کینٛژٕ ے کھوس
ڈِسکو ڈانس وانس کرَو تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زٔنگ

وشنۆی بتَس پپٹھ . ماہ پزٕ ے بِجاجی یَس کرُن سال
نان وتٛج سِنٛزٕ ہَن داہ ترٕٛہ رَنو تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زٔنگ

ڈِمانٛڈ وِمانٛڈ تہِ ماہ کرَو کورے مأٲلِس پنٛنُن حُب
چِپکٕے ہرگاہ دِژٕن رَٹو تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زٔنگ



گوٗلاب چھاون والہِ

ژٕ چھُکھ سُہ حُسنُک پُزٕ آٔری

یٟمی یٟنٛبرٕ زول، مسوَل، سُنٛبُل تہٕ نرٕگس مُشِکتھ تہِ

نانا پڑ کاٗری پوشن گوڈ بۆر

اۄنٛد پۄکھ نیٚہٕ نوو تہٕ رنٛگ ژھٹہٕ نوو



جاناوارن ہٕنٛدِ رازٕ

ژٕ چھُکھ سُہ شاہ پاٗز

یُس ژرِ ہارِ گٕنجہِ تہٕ طوطہٕ وُچھِتھ

وٕجدس چھُ یِوان

تہٕ آکاشُک وُڑو پڑاوان

تھزٕ رِ پیٚٹھٕ نظر ترٛاوان

یِمن رنٛگابہٕ رٕنٛگی جاناوارن ہُنٛد

بول بوش بۆزِتھ چھُکھ پھولان

تہٕ گُنہِ نہٕ وٕشان

پۆز یۆہے گو زِ تیٚمۍ بےٚ بٹوَ فاش ژۄٹ
پۆز یۆہے گوَ زِ سُے نالہٕ متہِ بیٚیہٕ رۄٹُکھ

یام ریٚشی ماٰلی صائبُن چھِ ووٚنی تِم گرٛھن
تام پرٛآرِو بِیِن تِم تہِ تٔمۍ ما وۄنُکھ

تِم تہِ اَسہٕ ہَن مگر کُس ساٰ اَسہِ ناوِ ہسکھ
شار پتہٕ میٛون ہیٛو کاٰنٛسہِ بیٚیہٕ ما وۄنُکھ

شار شبنٔمی پرِٔتھ بار لوتہِ. ہے تِمن
بار ہا گِلہٕ کۆرُکھ پۆز سو دِلہٕ ما وۄنُکھ



## شۄب

صُبحکہٕ نۄٛرٕ اتھٕ بُتھ چھلن والہِ
بُترٛآژہٕ ہنٛدِ نپہٕ کرٕونہِ کنہٕ دۄٛرٕ
پرٛ بتھ کیٚنٛہہ زاٰنتھ مۂ لاگ ازاٰنۍ

کمہِ ہۆرِ پرٕ ی نہٕ جامہٕ
سوٗرگ چھکھ نا چھاوان
ہے وطندارِ سورگک چھےٚ قسم
وَن کٲنٛہہ چھےٚ نفرت
تیٚمی بآے کھونہِ کھونہِ رۄ چھکھ
تیٚمی سپنٛس عتی رۄ ٹھکھ
تٔمی سُنٛدے چھِیاہ ملالہٕ
یا گوپرٕ تھ پوش تہٕ جاناوار
چھُنہٕ چانہِ باغٕچ شوٗب



## میٚے چھےٚ آلو آلوَ مأج دِوان

ہوچھےٚ بالس پیٹھ از زۄن اۆڑے
بیٚیہٕ رۄزِتھ ہِش گٔیہ اڈوَتہِ زٕ ژ
یَم شُری کوٚتام ژھٕپہٕ ژھور گٕنٛدن
میٚے چھےٚ آلوَ آلوَ مأج دِوان



رٛێش وارِ ہنٛدِ تہٕ رٛێشہِ
قوران گیٖتاتہٕ گرٛنٛتھ پرن والہِ
عِرفانکہِ نغمہٕ گیوٚن والہِ
ژٕ چھکھ سٕہ پایہِ بۄڈ منوش
یُس حض شیخنٛ شرٛکہٕ تہٕ للہِ ہنٛدی واکھ پرِتھ
وۄنٛدُک مَل چھُ چھلان
حۆسنَس وبۆ رٹلان

سراپا لول بنان تہٕ
لولس آے کانٛچھان



مِلژارس گوڈٕ برن والہِ
بُرا ژٕ ہنٛدِ عظمتُک چھُے قسم
تیٛلہِ نٕے وَنکھ
کُن کٔمی برٕی؟

یا گوَ پرِتھ پوشن ژھوٚٹ نہٕ پٔنن رنٛگ
کٔمی کستوٗری گیٛو نہٕ مٔدر لے

ییٚمیٖ زگتن ہیٚچھ ناٗوی کاٗیٚشاہ رنٛگ
یُس ماجبن تھاوان پوٚترن دوٗر
یُس موردس تٔریشہِ ہوٚتےٚ تٔراوان
تٔسی کٔنڈی تھرِ رٔزِ پھوٚلران گُل



اڈِ راٗژ کٔنن گوم تٔمیٖ سُنٛد ناد
بنٛد کٔرِچ اکھ اکھ داٗر دُژیوٚت
انہِ گٔژ کوٚرنس بیٚیہِ گیر اأتی
وٗنی وَژھِ واٗلنٛجہِ ژٔج کربکھ نیٖرِتھ
ییمہِ رٔنٛتھ مبےٚ چھےٚ اکھ اکھ لےٚ تٔرٛوٗپرِتھ



چھوکہِ لد دِل ییٚلہِ پھٔٹہِ نَس آو
موکھِ مَنٛزِ بیٚیہِ ژٔج کرٛبکھ نیٖرِتھ
ہوچھےٚ بالس پٔٹھ از زوٗن اأڈےٚ
ییٚم شُری کوٚتام ژھپہِ ژھور گِنٛدن
مبےٚ چھےٚ آلوَ آلوَ ماٗج دِوان

یہِ چھُ دود تمٕس ییٚمہِ کھونہِ کھونہِ رۄچھ
یہِ چھُ پنٕنہٕ نی پَژھ منشس گالان

☆

ہوتہِ زۄنہٕ یَس یتُھ تارکھ نَب
یہِ تہِ زۄنہٕ یَس چھلہٕ چھانگرٕ گئٚے
یَس ازلےٚ دَکہٕ دِیُت مُت سِری یَن

☆

ہُمہِ انٛدٕ وۄشلوٕ اسمانس بُتھ
کھۄت تارُکھ بس چھس آش یہےٚ
انزِ برٛ اَنزٕ ے ٹھٕہرُیوٗس رژِ کھٕنجہِ کھور
نتہٕ منٛدِین نہٕ ما گرژھِ ہےٚ شام

☆

پیٚہٕ چھُ ماجہِ پیۆمُت تھَنہٕ سُے بالُک
منٛگٕو منٛگو یُس ہیۆت تَمہِ استانن
ہوچھےٚ موتس ءستی دَبہٕ دب کرٕوٕنی
یہِ چھُ نظرو نِشہِ لتس واراہ دۄر
گُستام رُکاوان چھُکھ درشُن



اسہِ ستۍ گرۍ تَو کتھ کاشُر
کاشُر زبو پَتھ کُن ارزتھ

ماجہِ زیوٕ بَر ناہ پڑتھ وِزِ لول
یے اَسہِ ستۍ چٔج مژ پَتہٕ وَتھ

تتہِ نیرتھ گٔیہِ چھلہٕ چھانگرٕ
پیٚتہِ رٔٹ پڑتھ أکی بیٚون بیٚون وَتھ

پَنہٕ نبن نِش رۆٹ دامن دوٗر
پردٕبن ستۍ ورتاو شفقت

یوٗت مُتھو ننہٕ وارِ لتو
تیٚوٗت لٔبو شبنمی شیٚہلتھ



# غزل

یَنہٕ روۄم گرِ بار پٔژن
تنہٕ چھُم وأنجہِ گأمژ دَتھ

بیہ سنٛزِ پرُنے دِمہٕ ہا میٚوٗٹھ
پتھ کُن بس چھُم اکھ حسرت

گتھ دِمہٕ ہا تُلہٕ مُلی ناگس
متھ چھُم کھسہٕ ہا بێیہٕ پربَت

ہٮ۪ی ہٮ۪ی گأمتی یێتہٕ أسی ڈأسی
اسہِ چھِنہٕ مرنس سُنٛب فُرصت

پۆز گو یێتہِ زیٚوٗن تتہِ کھوتہٕ ژۆر
پۆز گو یێتہِ چھنہٕ ترٛٹھ برکت

شوشل ویلفیر ڈِپاٹمنٹ کڈان اوس۔ اَمہِ علاوٕ ایڈیٹر کھیر بھوانی ٹائمز تہٕ کأم کرمٕژ۔ وُنی کبن چھُ ''شُدھ وِدھیا'' بھگوان گوپی ناتھ ٹرسٹ رِسالس بحثیت ایڈیٹر ہندی تہٕ کأشُر سکشن ترتیب دِوان۔

اوارڈ: (۱) بہترین ووستاد آسنُک اوارڈ (1972)۔ (۲) شُری بأتو باپتھ کشمیر حکومتُک اوارڈ۔ (۳) کأشُر رسم خط ہیچھِ ناونہٕ باپتھ محکمہ تألیمُک اوارڈ۔

پتاہ: شارِکا آنگن۔ دُرگا نگر۔ سیکٹر ۱۔ جۆم۔

## مۆدُر خاب

یہِ نہٕ چون ژٕ کتھ تتھ رأچھ کران
ژٕے گُلہم پأٹھن میأنی چھکھ
اِوٕ تی بس ژٕے بس خأرِص ژٕے
گٔیہِ وأنس مبے پژاران ژھاران ژیٔے
اِدٕ ساتھ بنوٕ یٔژکالی یہِ رُت
میٔے قرنَو پٹھِ اَس چأنی کل

# پی ۔ این ۔ کول سائِل



ناو: پرتھوی ناتھ کول

قلمی ناو: سائِل

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 22 ؍فروری 1938۔

اصل سۆکوٗنت: شالہٕ کدل۔

حبہٕ کدل۔ سرینگر۔

حال: شارِکا آنگن، دُرگا نگر سیکٹر ا، جۆم۔

تالیٖم: ٹرینڈ سینیر ٹیچر۔ پیٹنگ اینڈ ڈیکوریشن ڈپلوما۔ سِٹیج ڈیکوریشن ڈپلوما۔

پیشہ: سرکآری وۄستاد۔ کِتابت ہندی، اُردو تہٕ کٲشُر۔

مطبوعات: کٲشر کِتابچہٕ: فریادِ سایِل۔ سُمرن۔ رنگہٕ بُلبُل۔ آدم۔ پم پوش، اصراف، فآشن، آرادھنا (53-1956)۔ لوٗہتی ٹوٗری (1960)۔ دیوی وانی۔ لولہٕ ناد۔ رٔژ دید (450) واکھ۔ اٰہی (زٕ ایڈیشن)، اۆشہِ ژالہٕ۔ بُزرگ دیوتا، گورٕ گیتا۔ لولہٕ وژن تہٕ بییہٕ تہِ کیٛنٛہہ کِتابہٕ تہٕ کِتابچہٕ۔

اٰمی چھےٚ بحیثیت ایڈیٹر ہفتہٕ وار ''گاش'' تہٕ کٲم کرمٕژ۔ یُس

وچھ چھٕوریوُمُت بێیہِ تمبلیوُمُت

تھٔو أمۍ شێرِتھ چاأنۍ ناز ادا۔

اکھ اکھ ادا وچھ للہٕ ناوان

دِل پھۆل زن سوٕنٛتچ پوشہِ مرگ

بێتہِ ہر ہٕنہِ ژھالہٕ خیال زِوان



از ارمانٛن نۆن تر وژامُت

متہِ سوٚنٛتہٕ چھُ تھرِ از زُو ژامُت

یہِ چھُ میٛانہِ وجوٗدُک پرتوَ یُتھ

مبے تہِ لَے بُر ترٛاین گرٛاین ژێیے

مبے تہِ سام ہیٛرٕم نا پاین ژێیے

مبے تہِ رچھِ کرِنا چانٛبن سوکھنن

بێیہِ شکر وُڈھن ہٕنٛدِنٕے وژنن

یُس چانٛس یتھ روٗپس منٛز آو

یتھ خابس میٛانٛس یی تر وژاو



پۆز گرِ گرِ ما بنہِ ساتھ شُہُل
پۆز راتھ مے آٲسن کل گٔنڈٕمژٕ
اِدٕ آدی آکھ ہکہٕ نیٚرتھ
نظرن دِژٕ مُرنہِ تتنہٕ پرٛژھ آیم
انہار مے ویۆد اوس اِوٕ بوٗسُم
تیٚمہِ کاٗیناٗژ أندرٕ رَے بدِ کٔڈمکھ
یتھ وٲلنٛجہِ پردس پیٹھ کھٔنٛزمکھ
پتہٕ تاب تہِ گوَ بے تاب لٔبتھ
گوَ آچھِ تہٕ گٔنٛجہِ تمٕی مُدیہِ ژبے گُن



گٔیہِ أچھ رۆزِتھ لجہِ درٕ تمہٕ وٕلی
پتہٕ کتھ اوس پزارُن تھارُن کیٚتھ
میٚے نیمکھ رژھِ رژھِ ژٕے سأمتھ
تھۆو أچھوٕ اکھ اکھ پیٛوٚنت ٹُلِتھ
یمہٕ نظرٕ چھِ چانے ژھایہِ وُچھان
أچھ ٹیٹھِ چھِ زاگان مُرژٕ ٹُلن

پرس پٕنہٕ نٕس اندر مو زان کانٛہہ بن
للکھ چکرن ژٕ تلہٕ وأنٛی داندٕ ہٕندی پاٹھی
مشی روٗتل تیٖی ما باسہٕ نے دبن
چھُ زن ونٛی لولہٕ وہٕار کانٛپہٕ نیوُمُت
وشن سانبن یہٕ کوّت تأثیر گومُت



## غزل

دِلدارو ونٛی بُتھی کٔری تژام
أچھِ نٕے پچِھ پھِٹُر گومُت عام

سرسأدی شامن ہٕنز چھم وژے
روپہٕ ٹبن بُتھی نٕے پیٚہٕژ ہام

عشقنہٕ بازٕر عٔشقہٕ باپأری
پاہچہٕ جایہٕ ورتاوان تژام

## ووٚشن سائنٕس یہِ کوٚت تاثیر گوٚمت

اما سنہٕ کُنہِ وچھس مَنٛز دِل تہِ چھا ون
پٕرادن سانہِ نٕے چھا کانٛہہ تھوان کن
بُتھی یاتن چھِہ أچھ پھِری پھِری دِوان وٕنی
مٔسیچا لاگہِ کُس کس سپر باون
چھُ زن تقدیر ورکھٔتھ تھامہِ گوٚمت
ووٚشن سائنٕس یہِ کوٚت تاثیر گوٚمت



چھُ کس سنہِ سون ژُک ژُکی دار لاگی
کمِس پیٹھ پژھ کرکھ ون کُس سنہِ زاگی
چھُ کُس غم خار یُس مُروتھ کری ژیٚنے
دَیُس دامانہِ رٹھ دِلدار لاگی
چھُ زن شرٛ یہہ تےٚ موجبت آوِ سیٚوٚمت
ووٚشن سائنٕس یہِ کوٚت تاثیر گوٚمت



یہِ چھُے بس غرضہِ اوٚن دُنیاہ ہناسن

# امر مالموہی



ناو: امر ناتھ بھٹ

قلمی ناو: امر مالموہی

اصل سۆکۄنت: مالموہ بارہ مولہٕ کشمیر

حال: جۆم۔

زانسہٕ تہٕ دوہہ: 29 دسمبر 1940ء

تالیم: ایم۔اے (ہسٹری)،

ایم۔اے (انگریزی)، ایم۔اے (اُردو)،

پی۔ایچ۔ڈی

پیشہٕ: رِٹایرڈ کالیج ٹیچر۔

مطبوٗعات: ا۔ کچلے پھول (اُردو ناول۔ 1961)

۲۔ زعفران زار (افسانہٕ۔ 1964)

۳۔ تژلیش تہٕ ترپن (ناول۔ 1977)

۴۔ کتھاسرِت ساگر (ترجمہٕ)

۵۔ وکھنے تہٕ وبڑھنے (تنقید۔ 2001)

ایواڈ: ا۔ جموں وکشمیر کلچرل اکادمی ایواڈ (تژلیش تہٕ ترپن باپتھ)

پڑیٚمس کتہِ رۄُد بوٚرِے کانٛہہ
ناحقے لول گوٗمُت بدنام

دِل چھُنہٕ ڈنٛجہِ کُنہِ رنٛگہٕ روزان
روٗٹھمُت چھُن بدلے انٛدام

وژنن تہٕ لیہِ نہٕ ہِگریِیہِ لےٚ
رٔسلبٕن باٗتن گوَ لیلام

نیٚبرِم میچھر سپدیو پھکٕے
أنٛدریٖم ویٚہہ أخرِ نوٗن دژام

دِلہٕ کٔبن أنن لٔجمُژ کھےٚ
ساٗیِل ہیٚہِ کیاہ شکلن سام



ترٛٔژ ترٛیشا چینتھ عآرق شیٚہلاو
یِی وٕنۍ تھےٚ نرِمیٚے تھف گٔرمس
ءخموَ مٔنزٕ وآتۍ أسۍ خُمس مَنٛز
شارِکا لتہٕ آٔس برٕ گآمژ
تٔمۍ ہٕنز مآج پیٹۍ کوٹس مَنٛز
یتھ گٔدۍ، زٔدۍ، ترٕٛتھ تہٕ پیوٚند آسۍ
ننہٕ تنہٕ مبکسی لوکچہٕ نوشے
لیس ڈبکہٕ لون تمہٕ رآژ رووُمت اوس
ییٚلہٕ دودٕ مآصم بے ہوش سپدیا یے
ییٚلہٕ ٹُنہٕ ناربو لآگی چھرٕ ترٛاوٕنۍ
ییٚلہٕ ہنگہٕ منگہٕ مُخبر أسۍ گنٛزِرکھ
ییٚلہٕ چِھٹہٕ ترٛاوکھ صُبحس شامَس
ییٚلہٕ راکھی بنے یہِ غآر اِسلآمی
ییٚلہٕ اخبارن فُتوا دِیُت:
”جل نیٚرِن سآری مُخبر“
ییٚلہٕ دودٕ ہکھرو پنٕنۍ مُستی مَنٛز

۲۔ دوٚیہِ لٹہٕ آل انڈیا ریڈیو بہترین ڈرامہٕ ایواڈ

۳۔ ساہیتہ اکاڈمی ہُند بہترین ترجمہٕ ایواڈ

ڈاکٹر امر مالموہی صأب چھِ ازکل سینیر فیلوشپس تحت کاشُر کلچر تہٕ تہذیبس پیٹھ کأم کران۔

پتاہ: معرفت 141، وِکاس نگر سیکٹر 1، جموٗ ۔ 180005۔

## آسیا کاثہہ علمدار

ناگاہ نظرا پیٚیہٕ سڑکے کُن
اتہِ ڈیٚوٗڈھُم پنہٕ نُے ووپرا
دُبرائے دِلس گیہِ دوران گوس
نظرا دِتھ تھلہِ تھلہِ اِدٕ پرُژھمس:
''ہے بابا وَن کوٕ آمُت چھُکھ
یتھ تاپِری سینِگتانس منٛز؟
مُجبرِ ما چھُکھ ژٕ تہِ میأنی پأٹھۍ
کِنہٕ مُجبر ژھانڈنہٕ آمُت چھُکھ
وولہٕ ہُتھ ٔخمس منٛز تھکھ ہیٚوٗ کڈ

مذہب تہٕ سِیاست مُلہٕ مِشہٕ زانٛہہ
لتہٕ اور تہِ عزٟید رٔودی یزٟید بنان
وٕہی! دعوا کوٚرُکھ مِلتچ خدمت



کیٛاہ ژیٛنتھ لَس سوٚسُن ہیٚو پھیٛوٚر
کتھ کرنےٚ ترٛوٗن پتھ کُن ڈاپھ
وُچھنے لوٚگَس باسیٛوم بوٚچھِ چھس
نوشہِ تھوٗس برٛونٛہہ کنہِ ترٛیشہِ گلاس
بیٚہِری اکھ پلہٕ وِتھ پتہٕ پرٛژھمس:
”ہے بابا! ون گوڑٕ چاے کوسہٕ چھکھ
لِپٹن، نمکین کنہٕ قہوٕ ہنا؟
راتس روزُن چھُے میٚ نِش ضۆرۆر
شامن ون سیٚن کیٛاہ مرضی چھےٚ؟
میٚ چھُ باسان روغن جوش کرَو
نتہٕ گرٛدٕ آسِن کاشُر گاڑاہ!
وٕہی! گاڑ تہٕ بیٚتہِ سورپھے باسان

اسہِ سوٗرے بُتھ نیٛو نہنأوِتھ!
ننہِ تنہِ مسکبسی لوکچہِ نوشے
یوسہٕ جِگرس داغن ئلی پرداہ
نَچ إٔسس کوچھِ مَنٛز ترٛیشہِ ہُرٕے
بدلے داغ زن ہولُٲچ إٔسس
دگ داغ رُمن بأژن بأژن
روٕ توٕ تےَ نوٚٹ اوس بس سامان
پیٚتہِ وتہِ ہٕنٛز کنہِ آسہٕ نِرمل وونی
گیٚوی گیٚوی ووپرن تام چاوان
تِم بٲسکین کرٛیشان پاٛن قطرن
وُڈھ پھیشان سیکنہٕ غمس مَنٛز
شمرو چھِ فُراطس ٹھُٲری گٲنٛڈیٕمتی
چھکھ آشِ حُسین سر تسلیم خم
سر دِتھ سردارن ٹھُٲری پھُٹرٕنی
یُتھ باشہِ نہٕ راون مأصوٗمن
یُتھ کانٛہہ تہِ یزید لتہِ اور کرِما

وۄن کٔیاہ مےٚ کنہٕ سےٚ کوٚ ژےٚ کوٚشتھ
باگبر مہٕ پۄژھمے نہٕ کانٛہہ ترٛٹھ کتھ
یٔیمہٕ عتیٚ ژےٚ مندچھان زان باٚسی
یوسہٕ دوہٕ ہکھرٕ و رُسوا کرتام گٔر
یوٚد ژٕ ووپر توتہٕ پنہٕ نٕے چھُکھ
اکھ راتھا مےٚ نِش از کر ٹھہراوٗ
کٔینٛہہ ونہٕ نٕے یٔیلہٕ سُہ واپس وژاو
دَو ترٛاوان ووت جل سڑکے پیٹھ
حاٚران سَپدِتھ دوران گوس
دۄپمَس ! "ہے بابا وۄن کٔیاہ مےٚ
سوٗسُن کوٚ پھیوٗرُے ژےٚ رولیس؟"
دۄپنَم : "پنڈت جی! بوٚز بہٕ ونے
تقدیرن گٔری اَسہٕ کم کم ژھل
نٕے کُنہٕ سُہ حرم نٕے کُنہٕ احرام
پوٗتلبن پتہٕ کعبہٕ تہٕ نہنوٗ کھ
لارُک لوٚگ دار دارُک ژوٚل لار

نےَ مڑٕ مازس نےَ سبزی ساد

بیہٕ چھُ شہر بدل ییٚتہٕ بوٗلی بدل

ییٚتہٕ طہارت کرنٗک طور بدل

لبٚکھ لول لبٚکھ آداب اٰہی

لبٚکھ لبٚکھ بوٗزِتھ ییٚتہٕ لبٚکھ سَپدان

ہے! میٲنی دڑٕے چھے سیٚود ژٕے وَن

کھبٚکھ چکھ کٔنیاہ تی ون، رنہٕ ناوو

پتہٕ رالتس باوے دأدی پلٕنز

ژٕ تہٕ ونہٕ ہم توٕرچ شیٚچھ خبراہ

آخر چھُس پوتل بہٕ تہٕ تمہِ کعبُک

یتھ پوتلوٕ روٗس چھنہٕ شوٗبےٕ کانٛہہ۔"



ووٗش ترٛاُوِتھ ہنگہٕ منگہٕ تھوٚد سُے ووٗتھ

کیٚنٛہہ ونہٕ نےَ کرنےَ لوگُن بوٗڑھ

حأران سَپدِتھ نظراہ گُرمَس

پرٛژھمس: "بابا! زوٗر ما چھُکھ

ووٗنۍ خاب سُہ یٔنٛدرازُن دربار
شٕمنۍ رۆدرٕ مال وٕڈسۍ چھےٚ زن
ٹیپ از مٔلتِس چۄنہِ جران
تُتہٕ نأرۍ فُتۆٕ دِوان کٛیاہ کٛیا!
رٛیٚش وأر چھےٚ بٔنۍ مٕرٛ پٕنٛج بٔستی
بس مازا مازس باپارا
کلشنکوف گتہٕ رٛیٚنٛز ژھٹہٕ ماران
مہدٕ مانۍ کران مس ہٕتھ جامن
ووٗنۍ لاشہِ کران لاشن باپار
ژٕ تہِ لاشا اکھ بہٕ تہِ لاشا اکھ
دوٗشوٕی چھو ہنہِ ہنہِ مێوٗٹھ زہر
مٔنٛزۍ اسہِ کُن سوُرے کھنٛڈٕ پھلبن
مٔنٛزۍ وُچھ وُچھ خودا أسی پھلوا گٔے
تانو نیرِتھ زانٕے مٔشراو
وہہ پہو موٗلن اسہِ واراہ بڑوٗنہہ
کُس شنکر وۆتھِ چیٚیہِ یہِ زہر

گامن گُن پیہُم پھیران گرٛبد

دبد صاٗبن آہی از دم پھٹٗٹ

وبد مُٹھہِرٛ سوزٛے الم غلم

شٔبرنٛگ سیاست راٛنٹس ہِش

واٛنٹس مَنٛز از لتس آدم رتھ

لاشن ہٕندی لگیٚمتۍ ویٚتھِ از شاٹھ

ڈلہِ پمپوشن وونٛی بدلےٚ رنٛگ

ریٚش تہٗران کاٗلیہ خوٚنچ ترٛیش

دِلہِ مَنٛز دِلدارن دآدی بدل

اٗنٛی سوزان لنہِ نےٚ لتہٕ گتھ ہیتھ

ژٗکھی در لیٖڈر گےٚ ہنگہٕ منگہٕ غاٗب

کُنہِ دوٗر درشنہٕ درشُن ہاوان

جیٚمہ دِلہِ لنٛدنہٕ کڈان فورمان

وُنہِ زانان لوٗکن الہٕ واٛنگن

حبہٕ خوٗتوٗنہِ گےٚ وژن یتیٖم

روٕسلنٛز کوٗنگ گیہِ وُریاں سخ

# تیج راوَل



ناو : تیج راوَل

قلمی ناو: تیج راوَل

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 1950ء

زہنہٕ جاے: کھڑٛ وِ پانپور کشمیر۔

حال: دہلی۔

تاٲلیم: پوسٹ گریجویٹ

پیشہِ: سٹیشن ڈایریکٹر، آکاش وانی شِملہٕ۔

مطبوعات: (ا) گۆژھ پوشہِ وناہ

(شارِ سۆمبرن۔1999)

پتاہ: معرفتِ آکاش وانی، شِملہٕ۔

کانٛہہ سقراط بہٕزیا پۆز ونہٕ نس
کوسہٕ لل دېد ننگےَ دِیہٕ لولس وٕنی
سورنیہِ زدیو مۆنٛزی نیران رتھ
وونی چھےٚ نہٕ ژزارٕ بڑٕسوار لگان
اتھ گٹہِ کر زیوٚ ہیٚہ بڈشاہ
کرِ بنجرس سگوِتھ چمن چمن
ساٲنی علم گٔیہٕ ہہنہٕ رن مَنٛز
آسیا کانٛہہ علمدار گرٛژھِ بیدار
آسیا کانٛہہ علمدار گرٛژھِ بیدار



# غزل

پرٕزٕچ راشا ہیٚو چھُم من
لوٚلٕچ باشا ہیٚو چھُم من

یتھ کرٕہنس اندکارس منٛز
غنچی گاشا ہیٚو چھُم من

یٕتھ کُنٕز باسان سوٗرٕے ٹھیکھ
توٚتہٕ نبراشا ہیٚو چھُم من

شُری سٕنٛدِ اتھٕ منٛز وُسی پیٚومُت
شیشہٕ تماشا ہیٚو چھُم من

پرٛتھ وِزِ أندری روٗز وُزان
چاٗنی آشا ہیٚو چھُم من

# غزل

یَتھ نارٕ بدن وارِ مَنٛزس چھُم مےٚ شِہُل کُل
پڑتھ ساتہٕ دِوان زیٖر دپان تازٕ کتھا تُل

یێتہِ نظرِ گژھان چھُم مےٚ ژۄواپاٚری سکٕھے سکھ
کتہِ رۄد سُہ سبزار، ہوا، مُشکہٕ برٔتھ گُل

گٹہِ ہُنٛد یہِ وۄلُت ہێتھ چھِ یێتی بال سگٛرتام
کُملِن یہِ گُہُل گاش بِین وُنہِ چھِ سبٹھاہ سُل

کیٛاہ واش کڈکھ پانہٕ ژٕ دِو دأری کُلبن ستی
قَد رۄد گوڈس تل تہٕ لُنٛجن تام تہِ ما پیُٛل

سوٗرٕے چھُ سۆپُن لی چھِ وُچھان تی چھُ سرابا
ہا پانہٕ ژٕٚے چھَے پےٚ تہٕ گژھان کیٛازِ ژٕبے چھے بُل



کرٕہنٛز چھِ راتھ مَہ کر زیر لٔنجن
گولابہٕ، پوشہِ تھرٕہٕن نیٚنٛدرِ ہٕژن

دِلس مبے حال لِکھِتھ یارِ وُنٛک
کنٕہٕن مبے ناو لیکھِتھ تاپہٕ تٔژن



## غزل

کھنٛڈرن چھَس وُنہِ سونہٕ بُنٛیاد
اَس زمینا یِژ آباد

میلن پیٚٹھ چھَنہٕ بُستی کانٛہہ
کیٛاہ دِمہٕ آلَو گَس دِمہٕ ناد

یَس اتھِ خنجر تیر تہٕ تیغ
تَس برٛونٛہہ کنہِ کتھِ کٔنٛز کرٕ واد

یێتہِ گۆو سوُرے پھُٹِھ پھوکھ ہیٚوٗ
وتہِ پیٹھ لاشا ہیٚوٗ چھُم من



## غزل

جواب میلہِ یێتھِن ہوشہِ پرٛژَن
وجوُد ہوشہِ ڈلن ژھایہِ نژَن

ہُپاٚری اَسی گوٗان ریٚش تہٕ گنٛدر
یپاٚری اَسی گرٛشھان ویدٕ وژن

مےٚ گوَ یہِ دِپوٚ دیٚہا داٚوی چھوٗگو
اُسری ہےَ حال وُچھن تِم تہِ ترٛژن

قرار روو مدن وار دِلن
طُمار راٚوی یمن سوٗنتہٕ مرٛژن

مےٚ زاف چھُم تہٕ مگر داٚر وٗژھے
وٗنو ساٚ واوِ رِنٛگن یوٗری اژن

# غزل

ذؠہن تہٕ دِل چھُ شِھٹھێومُت بێ سوکھ یہِ پانا روٗد
ٹُلان نہٕ سوٗنتہٕ وژُن کاںٛہہ وکھُت زمانا روٗد

وُجارٕ دارِ تہٕ بَر وُچھ دِیان زن آنٛگُن
مکٔین زانہِ سُہ وَے کتہِ، ژھوٗرُے مکانا روٗد

جِسم چھُ ژھایہِ گِتمِن پیتھ دَوان فلواہ ہیٛو
مناہ یہِ کاوٕ شپُٹِن مَنٛز تہٕ موکھتہٕ دانا روٗد

تھَپِل تہِ آیہِ تہٕ نیٛوٗہم گرێگ مُہتھ سورُے
شُکُر چھُ توتہِ دیَس کُن أنٛدری خرانا روٗد

وُچھو یہِ راتھ ڈٔلِن گوڑٕ تہٕ گاش ہتھ سوٗنچو
چلو سُہ گاش ہِنس تام یلی بہانا روٗد

زوٗنہٕ ڈباہ شیٖتل ژٕندرم
دزٕوٕنہٕ سیٖکہِ منٛز ٮ۪تھٕ پیوٚ یاد

روٗز نہٕ ترٛیشی ناگہٕ بلن
ووٕنۍ چھِ ہسنز گاٮ۪متۍ کولہٕ راد

کوٚت گوَ شوٗژر کاشرَس
کوٚت گٲیہِ ریٚش تہِ کوٚت گٲیہِ ساد

کٲم بابہٕ وے باغٕچ وتھ
کٲم با ووٛنَنے لنٛجہِ لنٛجہِ بژاد

آیہِ سبٕٹھاہ ووٕنۍ پھیرِتھ اَسی
سفراہ کٔھٹین تہٕ تھکٕمتۍ پاد



## بِملہ رینہ



ناو: بِملہ رینہ

قلمی ناو: بِمہٕ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 27/مٔی 1947ءٕ

زٕبنہٕ جاے: انت ناگ۔ کشمیر۔

وأرِو: سرینگر۔

حال: گانٛدھی نگر۔ جۆم۔

تألیم: دٔہمہِ جمأژ تام۔

پیشہِ: گرٛہست پالن۔

مطبوعات: کأشُر: (۱) رێشۍ مالِٔین مۄن (1998) واکھ۔

(۲) وٕتھ ماچھێ شۆنٛگتھ۔ (2003) واکھ

(۳) لٔل میانہِ نظرِ (2006)

واکھ لیکھنَس لرِ لۆر چھێ بِملاجی بھجن تہٕ نظمہٕ تہِ لیکھان۔ یہِ چھێ ؤنی کیٚن ساہتیہ اکادمی ہنٛزِ کأشرِ زبأنی ہنٛزِ ایڈوایزری کمیٹی ہنٛز ممبر۔

اوارڑ: ا۔ فنکار کلچرل آرگنائیزیشن۔ سرینگر۔

۲۔ رسا اوارڑ۔ رسا جاودانی میموریل۔ جۆم۔

۳۔ صادِق میموریل اوارڑ۔

یُتھے مبے شوقہٕ عمارتھ بنأو لاثأنی
تِتھے سُہ واو موچھن مَنٛز رٔٹتھ طُفانا رۄد



## غزل

کوسہٕ شٔرٛ وُڑ سۄنٛچہِ ترٛاے گُٔجس آس بد خیال
تٔمۍ پٔر یہِ کِرٛتھ کِتاب گُٔیس زہرٕ زد خیال

پھولُون سُہ سۄنٛتھ پڑان تہٕ ڈلۄن ہوا قرار
چھُم یارِ ون جِسم تہٕ مُٔرٛجھ لولہٕ ند خیال

زٕہ چھُس پھِران ونہٕ بہٕ أمِس أسۍ تہٕ کرَولۄٹھ
وُٹھ چھُم سُوان أنٛدرٕ کران چھُم سُہ رَد خیال

اتھ یاپہٕ ڈلس کالہٕ تٔمُن حدٕ نہٕ حدۄدا
یۆد آسہِ ہَنا گاش أتۍ ڈیٛشہِ حد خیال

چھا میۆن ہِوُے سۄنٛچہِ سفر زرٕ زرالتس
چھا تارکن تہِ دۄر دِشاین تہِ وبد خیال

(۴)

منَے دورُم منَے وبڑ ورُم
منۂ نۓ ہاآوِم منچ وتھ
منکۂ منکَے مالے تاآرِم
منۂ نۓ دِژنم منچ ستھ

(۵)

نۆ ٹا تُجوم ناۂ گچہِ رایے
مہۂ چے مایے پاتاآلی پیۆم
ووٹھ مبے لاآیم تڑیٹہِ ہۂنڈِ آیے
گوۂر کڑ پایے اتھۂ رۆٹ گوم

(٦)

رنگہِ رۆنگُم رنگۂ چے مایے
گۆٹ گوم پۆٹ نوِ رنگُن پیۆم
رنگرۂ رۆنگُم بے رنگۂ آیے
بے رنگۂ رنگس کونگۂے گوم

## واکھ

(۱)

ہَلہٕ تیٚمی کوٚر دِش ناژِ پژانس
شمہٕ کے دگہٕ رٹہِ آہستان
ہمہٕ کُے خم ژلہِ اِدٕ لتس پانس
مَنز گُرژن سُے ییہِ پرمہٕ ستھان

(۲)

لیہٕ تہٕ لوسم لیوٕم تہٕ پانس
لینہٕ لیَن لگِم تاٗری
بڑمَے سرِکس ییتھ واٗنی وانس
اٗنہٕ خانس وزٕوگ باپاٗری

(۳)

دم دمہٕ کے دمٕنے گرِتھ
پمہٕ سرِکے سرٕسے ژرِتھ
ہمسہٕ دارِکہِ دارَے اٗژِتھ
شاہ شبنم شئیہِ گوَ مرِتھ

(۱۰)

لیہِ چے لاکمہِ خویے کھوُرم
وگے روٗٹُم دُتِمس پھیش
ژٕتھےٚ ژوٗنٛم ژٕنٛدرم دوُرم
دِوے پٔرٛاوم ترٛوٗگُن ویش

(۱۱)

نکھُک نٔرکون مکھٕ کنٛتھٕ درے
ہکھ دِنہٕ پرے توتہٕ کیٛاہ رام
پھولہِ ما بُمہِ پوش ہوچھمٕٛ تھرے
موٚت بیٛوٗٹھ گرے لرِ بکیٛاہ کرٛام

(۱۲)

برٛمس برٛہمُک برٛم کوٕ پیٛویو
سأر کوٕ لٔجیو بأر خر زن
زہرس امرٕتھ برٛونٛت کوٕ گویو
کھیٚیہ ژٔلی نو یمس کھن

(۷)

ژٕ ے اَے اٹہٕ تےَ ژٕ ے مَنٛز گارس
ژٕہتہٕ ووٚنٛدِ یارس سٹہٕ اِدٕ کیٛاہ
ژٕیےٚ مَنٛز پھاٹِوتھ ژٕ ے پٕٹھ تارس
ژٕہتہٕ بآزی گارس یکہٕ وٹہٕ کیٛاہ

(۸)

ژٕسیٚنٛدِ شرٛان کر زان کر گارس
پرٛتھوی آکاش مِلہٕ وِتھ دون
شیٚشٕتری نار زن اتھ ژٕندن دارس
وسہٕ مدٕ بنہٕ اِدٕ پارس سون

(۹)

میٚژٕ ے میٚژٕ ے وُپٕچھِم کوٚچھے
میٚژٕ ے میٚژِ کھیٛاوان ژُو
میٚژٕ ے وُچھم میٚژِ ہٕنٛز بوٚچھے
میٚژٕ ے موٚژِتھ زوٗنُم ژِھو

# جگن ناتھ ساگرؔ



ناو: جگن ناتھ کول

قلمی ناو: ساگرؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 14/اکتوبر 1936ء

اصل سۆکۄنت: منز گام۔ کولگام۔ کشمیر۔

حال: اپر لکھمی نگر۔ مُٹھی۔ جۆم۔

تٲلیم: ایم۔ اے/ بی۔ ایڈ

پیشہ: رِٹایرڑ ووستاد محکمہ تٲلیم۔

مطبوعات: کٲشر شٲیری

ا۔ نوو پرتو (1962)

۲۔ پارِ دِی زِہر (2003)

یِہُند شوغُل چھُ سمٲجی خدمت۔ لہذا چھِ سوشل ورکر تہٕ وارِیاہن ادبی تنظیمن ستۍ تہٕ چھِ وابستہٕ۔ یِم چھِ مضموٗن بیٛترِ تہٕ لیکھان۔

پتاہ: 152/14، اپر لکھشمی نگر۔ مُٹھی۔ جۆم

(۱۳)

کلہِ مل ژلہِ اِݜ پوݨی وُزِ ناگس

ژݜ ژمہِ ہݜ ہمہِ نوّو نوِ جوش

گوشہِ گوشہِ پلژُن آتم آغس

اِݜ لل تژاگس پھولہِ ہوشہِ پوش

(۱۴)

ݜُت کرُن لتس کیاہ ویٚژے

یُس رژِ رژے کژے چھُے

ژہنہِ ون دِوان ووݜنݜ تےَ ہژے

کس کوٗت پژے زانان سُے

☆☆☆

زۆنہِ گومُت کاژ گاٹٕتی رأسی از تارکھ نبَس
زِنٛدگی ییٚتہِ شورٕ بُزی سۆر روین از پھولان
لولہِ ہٕتی دردِل تہٕ گاٹلی میٚأنی ساری پیٚیہِ چھٕنِتھ
یِی وُچھِتھ چھبس خۆن ہارن زۆن چھم لُجمژ أچھن
أتھی طُفانس منٛز مےٚ دۆربر چون کوتاہ کرٛیۆٹھ پیوم
ژٕدی گیٚم وأنٛجہِ ونےَ کیٚاہ روپہٕ بدنٛس سۆر گوم
چانہِ رۆس کتہِ دأدی بلنم، داغ ژلنم ڈٕبکہِ پھولیم
مأج کر چھےٚ نہٕ سارِنٕے پۆترن دوہے کانٛچھان آے
ماجہِ چھےٚ وأرِنٛج ژھبن پِتراتھ کرن پیلہِ بأے بأے
از تۆے شیٚچھ سۆزمےَ چھبس چانہِ رۆس سخ بے قرار
وَچھ مےٚ آمت از چھُ پھٹنَس کر رٹتھ بیٚیہِ کوچھِ انٛدر
میٚٹھی تےَ مُتی تیٚتی کرٕہے یتھ مےٚ ژٕلہم شر دِلس
عالمس تھکٕبہِ ناوٕ ہا اکہِ لٹہِ بہٕ بیٚیہِ پنہٕ نُے ریٚشت



## ماجہِ ہیٚنز شیٚچھ

سۆزمُت چھُم خبر گرِ پیٚٹھ ماجہِ از اکھ واو رِنٛگ برٛونٛٹھ وژاسس لول بۆرِمس بیٚیہِ مےٚ گٔرِی مس میٹھۍ ماہ شوقہٕ بیٚہناوِم مےٚ کوچھِ مَنٛز ماجہِ ہیٚنز پرٛژھمس خبر تَمہِ مےٚ وۄنُم ہوشہِ رٔزِتھ بوز وونی شیٚچھ ماجہِ ہیٚنز پیٚنہٕ پیٚنےٚ حال وٕنُنگ تَمہِ مےٚ چھُم تھۆوُمُت قسم بانٛد بانٛد کۆرُنم ژےٚ باوُن دگ چھَس رگن رگن لَس چھُ باسان چانہِ رۄس سۆنٛتس بہارس نار لۆگ کونٛگہِ وٕنٛس اہرِبل کِس آبشارس نار لۆگ چانہِ رۄس بادم پھُلےٚ گٔیہِ ہلیہِ ڈٕدی کم پوشہِ وَن نےٚ چھُ کُنہِ پوشن سو خوشبُو نےٚ چھِ ووٕنی بُلبُل پچِھن لَس چھُ باسان علم وادبس ژھین چھُ لۆگمُت چانہِ رۄس کاشرِس رِیٲژتس تہٕ رِشتس، مۆلہِ پرٛاٹےٚ از گٔمُت لولہِ سےٚ پرٛژھ پار گومُت شےٚ تہٕ ستھ از رٲومُت پرٛژھ نہٕ بٲیِس بٲے ہینٛز ماژس تہٕ گۆبرس رٲو کتھ دوہ چھِ ہائیمتی تہٕ سِری یَس از چھُ سۆسُن پھیۆرُمُت

کیٛاہ خبر کس آسہِ چھٹھِ دسخط گوٚمُت
آسہِ واتٕن سبٕنٛدِ کھٔسِتھ اوٚت کس پگاہ
سینہٕ شمشانن تہِ پھوٚٹمُت کیٛاہ کرن
تِم پڑٕ ژھان ذاتس چھُ نامرنس حدٕ بے
سانہِ اپشرٕ اسہِ چھُ کھوٚتمُت کیٛاہ خطا
اسہِ چھےٚ کڈٕمژ ظاۓلمو ریٛہہ تالہِ پیٛٹھی
اسہِ دزن پھوٚر کیٛاہ کرو راتس دوٚہس
ماہلِوٕ ے روٚس شُری جماتھاہ اٰنتھٕ روٚس
صُبحکِس سری یَس پڑٕ ژھان
اسہِ یتیٖمن ہٕنز ژٕ ون کس روزِ کل
سانٔی پنٕہٕ وأنی دوہ ما گٹہٕ بُزی گرٕ ژھن
یتھ زمانس آسی بَنَو ما وولہٕ بور
چانہٕ ستٕبن یٛیتہِ چھِ باغن گُل پھولن
چانہٕ ستی نظامے قأیِم کأینات
سانہِ کنہِ پنٕہٕ روزنےٚ ٹھرٕ ی کتھ ژٹکھ
ہاو ووٕنی یٛیتہِ تزٕ ھ کراماتھا لِلاہ

# لبلہٕ

گوڈٕ پێیم تھاوِنی مےٚ وٲنٛجہِ کُنٕ ڈکھس
اِدٕ ہیوٚتُم سوچُن وُچھن کیٛاہ کیٛاہ سپُد
توسہٕ شالس واے لوٚگُمت أتھرِ کیوٚم
ژٕونس پھُتہٕ پھُتہٕ گُرِتھ
رٕوز کتہِ اتھ پێنٛز، وۄنُن، گٔنٛڈی تہٕ پوٚس
بُنگرِ پھُٹرِتھ مہارٕنو دِژ ژٔنٛڈ وَچھس
کُس ونکھ ڈبکہٕ بٔڈ تہٕ کُس آہی گُرٕبکھ
ماجہِ رۄس شُری زٕنہِ کُن مُدیا گٔنٛڈِتھ
لُس پرٛژھان تِم وٲژ ما اۆت ماج سٲنٛی
زٕنہِ وۄنِنکھ ماج بہٕ تہِ چھبس زانہٕ بےٕ
ماج راوٕنہٕ کیٛاہ گرژھان موصوٗم دِلن
ماجہِ رۄس شُر تیلہٕ رۄس ہوٚچھمژ سوٗتھ
لوکہٕ ارساتھا گوٚمُت از ہُتھ مزارس مَنٛز جمع
یَم منگان کس تام مہرازس چھِ شاید مغفرِتھ
یَم تھوان زیٛنتھ چھِ پانس کیٛت دُعا

کُس ہےٚ یتھ دیوانہٕ شہرس مَنٛز اتھس کیتھ کٔنٛہ رٔٹتھ
لولہٕ ہٕتۍ دِل عارٕ ہٕتۍ گُفتار دٔدی، انہار دٔدی

عأشہِ مٔتۍ از تٕریشہٕ ہٕتۍ چار سویس پیٹھ ہیٚتھ
أچھ وٕٹتھ زِترن چھِ شاید کیازِ تم شٕہجار دٔدی

حالِ دِل باوُن سہل چھا، یادٕ وٕترس چھا بٕتر
کیٛاہ ونےٚ زہِ پیٹھ ییٚنےٚ میٛانٛی سوٚم اِظہار دٔدی

کرٛأل وٕتھی مٔتۍ چھی چھوکن ونتہٕ ساگر کیٛاہ کرکھ
دگ پیٛپی ژالنٛز ژٕےٚ، دردس آسی ییم بُلغار دٔدی



## غزل

ییٚتۍتھ چھےٚ نارٕ بزٕیہہ ووتھان چھُسےٚ بہٕ از تتی بسان
ییٚتۍتھ دوہے چھُ نب دزان چھُسےٚ بہٕ از تٔتی بسان

یُتھ نہٕ ووٗنۍ پیٚتہٕ یور مرِ کاتھہ بے گوناہ

بۄز پیٚلہِ سرۍ ین تہٕ ووٗننکھ ژھوپہٕ کرِو

کن تھٔوِو بۄزِو چھُ کس تام لولہٕ ہوٚت

آشہِ کمہِ تام از گیٛوان للہٕ واکھ پیٚیہٕ یم شیٚخہٕ شُرکی

مےٚ تہٕ چھےٚ کیٛاہتام شے دِلس

نیرِ پیٚیہٕ للہٕ ماجہ پیٚیہٕ سُے میٛون نُندہٕ ریٛوش ہیتھ علم

بأے بنٛدِتس ریٚشتِس پیٚیہٕ گوڈ برن

اکھ أکِس نِشہِ دوٗر گاسِتھ دِل رلن

دِل رلن اِدِ دوکھ تہٕ دأدی ساری بلن

ووٗنۍ نہٕ زانہہ ریٚشی وارِ ریٚشتِکۍ ڈکھ ڈلن



## غزل

گژاو ہردس کیٛاہ سنا سوٗنتَس مےٚ یم سبزار دِٕ دی

شوٚق دِٕ دی، ارمان دِٕ دی، پیٚیہٕ لأوی یم امار دِٕ دی

اوٗش وٕٹھِ چیٚشمن اندر، دِل امارن ہُند مزار

ہوش دِٕ دی انمان دِٕ دی، خابہٕ پھُٹِتھ یکبار دِٕ دی

# رتن لال جوہرؔ



ناو: رتن لال بٹ

قلمی ناو: جوہرؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 22/اگست 1954ءٕ

اصل سۆکوٗنت: مانی ہل،

بٹہٕ پورہ شوپیان کشمیر۔

حال: روٗپ نگر اینکلئیو، جۆم۔

تائلیم: گریجویٹ۔

پیشہ: سرکاری مُلأزِم۔

مطبوعات: (۱) ثقافت جلد ا (کو ایڈیٹر۔ 1988 بزمِ ثقافت)۔ (۲) لُکہٕ بأتھ جلد 10 1997 (کلچرل اکاڈمی)۔

(۳) ستی سر 1 (نثر) 1997 ترتیب (سمپرٛتی جۆم)۔

(۴) ستی سر 2 (نظم) 1997 ترتیب (سمپرٛتی جۆم)۔

(۵) أزیُک کأشُر ادب (تنقید) 1999 ترتیب (سمپرٛتی جۆم)۔

(٦) عہد ساز نادِمؔ (تنقید) 2000 ترتیب (سمپرٛتی جۆم)۔

یِتھنتھ چھِہ کنھ کرٕنۍ گوناہ یِیٚتھتھ زوٗن چھُہ بوڈ خطا
یِتھنتھ چھِہ ماتمس اَسان چھُسےٚ بہٕ از تٔتی بسان

یِتھنتھ ہوٗہے چھُہ راتھ دوہ یِیٚتھتھ ہوٗے چھُہ ہار پوہ
یِتھنتھ نہٕ دٕدرِ، جل گبوان چھُسےٚ بہٕ از تٔتی بسان

یِتھنتھ نہٕ کانٛہہ چھُہ کانٛسہِ ہُنٛد یِیٚتھتھ خٔندِس پتےٚ چھُہ خوٗنٛد
یِتھنتھ نہٕ سیٚز کتھے وٕیان چھُسےٚ بہٕ از تٔتی بسان

یِتھنتھ نہٕ شالہِ مار کانٛہہ یِیٚتھتھ نہٕ آبشار کانٛہہ
یِتھنتھ نہٕ کوٗنسرِے گرٛزان چھُسےٚ بہٕ از تٔتی بسان

یِتھنتھ امار نارِ تٔتی یِیٚتھتھ گرٛھان چھِہ شوق پٔتی
یِتھنتھ چھُہ دِل، جگر وُہان چھُسےٚ بہٕ از تٔتی بسان

یِتھنتھ اُسن چھُہ کربلا، یِیٚتھتھ دوہے چھُہ واویلا
یِتھنتھ چھُہ ساگرٕے متان چھُسےٚ بہٕ از تٔتی بسان



نہٕ رۄٚد تَخیُل ڈٔنجہِ نہَ سۄٚنٛچی
زُواں زُواں زن زُوَن کھورِ ے مُر
وہٕژار وودِنی تہٕ بانٛبرِ لد زن
نہَ پۄٚت صدا کانٛہہ
نہَ طاقچس پٮ۪ٹھ کِتاب رٔژھرِتھ
فقط سراپا سوزالہِ نٔیبرَ ے کھِنٛگارٕ ماران
بہٕ زال ژٹہٕ ہا
تہٕ واش کڈٕ ہا
مےٚ نےَ اتھن زن حسےٚ چھُ باقی
مےٚ ما اتُر کۄٚر یہِ پأنٛی پانےَ
تہٕ آدِ رۄٚستے انٛجام پزٕ وُوم
تَصوُرٕکی تِم بُرش، سُہ کنواس
چھِ گردِ اندر غرق سَپدی متی



(۷) جلایہِ وطنی ہُنٛد ادب )(تنقید ) 2003 ترتیب
(سمپٔرتی جۆم)۔

(۸) زولانہٕ (آسامی افسانہٕ سۆمبرنہِ ہُنٛد ترجمہٕ ) 2004
(ساہتیہ اکاڈمی)

(۹) حٔرف حٔرف گواہ (شارٕ سۆمبرن) 2006

اواڑ: ا۔ وِتستا اواڑ تہٕ جے۔آر۔ایس ویڈیوِ جن طرفہٕ موٗمنٹو۔
جوٗہر چھُ افسانہٕ، ٹی۔وی ڈرٛاما، سکرٟپن پلے تہٕ دستاویزی فِلمہٕ تہِ لیکھان۔

پتاہ: روٗپ نگر اینکلیو۔ جۆم۔

## زال

تصوٗر گوٗ گنان أنٛدری
ؤری وادن تھُرِم موٗرتھ
شٔکل پژاٲون
طواف کٔرِ مَس ظھوٗر پژووُن
تہٕ تژووُن زال رٲسے

بنہٕ رٔحمت بڑِ بۆڈ سٕہلا با
سۆرٕ ڈیر، غلاظتھ، لژھ تہٕ گرد
پدٕ پدِ ؤہرِتھ نیہ پانس ستیٚ
پتھرِس ژلہِ مل
کرِ پیٚہ نیٚہ نیٚہ



## کتھِ کتھِ منٛز

کتھِ کتھِ منٛز کتھ رأوتہٕ ونہٕ کس؟
یَس ونہٕ ہاتس پرتژ این ستیٚ گاٹٕھ لے
ژھاین ستیٚ اتھِ واس
ٹُلمُت چھُن کہٕی کاس
پنہٕ نبن مۆلن پانہٕ دِوان ینگہٕ
پنہٕ نِس انہارس نہٕوان
میٚون آسُن لتِ وتھراوِتھ
بوٚ ہتانن منٛز نو سَرٕ قأد



# واو تہٕ الاو

گرٛنی گوٚ کیٚا ہتام ترٛم ترٛاکھ

دٕپو از بُجہِ ہِنٛز لرانٛد رپھوٚٹ آدٕمی بم تہٕ سیٚز مِسمار

دِہہِ لمبکھ لنہِ گٹ چشمن منٛز

دوہ راتھ ہِوٗے

رٛیٚہہ تھٔز تھٔز بالن پلن کران

ہو ہراے فقط ٹسرا ے ژوپاٚری

دٕپو زاٗلی تموٚتم پزٕاٗنی ورق اکہِ اکہِ ساٗری

وچہِ واونٛژان ہوٗ ہوٗ ہوٗ

نارس لٔج ہٕر پرٛتھ طرفہٕ الاو

شلوٗک، شبد، کلمات پرِس

زُوٕ ڈنٛڈ تہٕ برِس

کنہِ کنہِ تام تاوٕن بسماوٕن

موٗلن سیٖز راٗوِن تھٔبرِ امبر

ہیوٚر رُکن درٕ لجہِ مرٛ أچھ پزٕاران......

وسہِ باراناہ تہٕ وبتہٕ گرٛشھِ رٛیٚہہ

## خیال

خیال گوٗ آکاٗش وُپھوُن شاہپاٗزا

واواہیٗو ڈلہٕ وُن ڈلہٕ وُن

ناگہٕ نبر پوٗنیا ژلہٕ وُن

ٹھہٕرِ تہِ ٹھہٕران ٹُلہٕ گُترا ہیٗو

تھامہِ تہٕ کوٗٹھِشا گُلی تیٗہر بن پٹھ

زن سوٗنتُک شیٖنا پشہِ پُٹتیٕ کنیٕ

ڈٕری یاوس اندر سیٕکہِ فلہِ پُٹتیٕ ہنہٕ آمُت کرٖیل

وٕتھرن پٹھ صُبحُک شبنم

یہِ چھُ پارُد

پارُد چھُنہٕ ٹھہٕران



## غزل

نےٚ آسہٕ وۄنُن کینٛہہ تہٕ نےٚ اِشارٕ کوٚرُن کانٛہہ

معنے کڈُن اسرآری ژھوپہٕ تہِ گوس بر طباہ

کتھِ کتھ منٛز کتھ رأوتہٕ ونہٕ کس؟
کرٛہنہٕ قدٕک ہنٛجأری پۆت پٔتھ
ژالان ژالان شُٹلۍ گیم
وِزِ وِزِ سوچُس تہٕ پیٚم
سأری بُرٛزۍ وونۍ پتھ کُن تہٕ آوِتھ
سمیچھ تورِ ستۍ پیٚم ما حالاتن ہیٚنٛز نوسرِ تراش
میےٚ چھا پٔتھ وِزِ ژھرِنۍ تأریخ
میےٚ چھا سونتہٕ جرٕن حبس تھاوُن
میےٚ چھا شینہٕ تھوسبن گرٛند تھاوِنۍ
میےٚ چھا تاپہٕ لین وتھ ہاوِنۍ
بہٕ تہٕ گوٚپنہٕ نی وژن وون
وٕتھ بٔتھ ژھبدِنس تل
کتھِ کتھ منٛز کتھ رأوتہٕ رأوِن



سُہ اوس ژھُنِتھ بدل خرقہٕ نالُک مے پژٕ نوو
وبداکھ وُٹھن پیٛٹھ تہٕ مگر شژاکھ کرٛتھس تل

یٚیمہِ بونہِ کوٚرُس سایہِ بٔنِتھ مأج ہارس مَنٛز
تٔتھی بونہِ بوٚرُن گولہٕ تےٚ بورٕوٕ گوڈس تل

دیان چھِہم ژبے چھُے نہٕ کٔنٛہہٕ آکھ گُنے نوٚن
ژٕ ما سنان ژبے پانٕسے گٔمژٕ نظر بدل

جوہرٕ ژبے کرُن کیٛاہ ژٕ کراں کیٛاہ تہٕ پران کیٛاہ
ولہٕ پکھ تہٕ کرَو پاز وتھٕستایہِ کڈَو مل



مےٚ اوس دیدمان تَسُنٛد سُہ روے تہٕ رٕوایتھ
سُہ اوس تسنٛز توتہِ ونم واہ تہٕ مرحباہ

پژتھ کاُنٛسہِ اِنسانس اندر گۄش دِتھ چھُ اکھ حیَوان
یُس ژھِپ گرِتھ نیران متان کُنہِ وِزِ، کراں رُسواہ

یُس ساٛد بنِتھ آو تہٕ گرٕمس جاے چیشمن پیٹھ
تٔمی مےٚ ییٚز بۄر دِلس تہٕ حق کۄرُن اداہ

بے عار کلنڈر تہٕ مُدے گنٛڈِتھ خشمہٕ ہۄت
اَنٛدرٕی طلاطُمن تہٕ بُزٕنزٕی تہٕ پھِر گرٕی قضاہ



## غزل

وُنہِ چھِم مےٚ پھوان یاد شہِلی ساتھ، سمن بل
وُنہِ چھِم نہٕ مشاں ماے تٔہنٛز ژھاے تسنٛز کل

# غزل

جوٗشِل چھسَے جوٲنی یاوَن ترٛزر چھسَے
لگہٕ یِو بلایہِ قدمن بہٕ نا کانٛہہ ووٕپر چھسَے

سٔری سٔری سراب کأیتاہ روٗ چھمکھ خیالٕنے منٛز
ہوٕلِچ مُرتھ سراپا لولُک مژر چھسَے

دَے زانہِ سِرو چھَن ہُنٛد مقصد مُراد منٛزل
قدمن مدد بہٕ کانٛچھے سوکھٕ ساٴوی سفر چھسَے

سوٕنٛچ وُچھِل ہوا رِنٛگ رقصاوِ پوٗشہِ وارٕبن
یِوٕنٛچ گوٲلِ خوٗشبوے ماچھرِ نظر چھسَے

نظرن بِتُر چھُیا وُچھ لا حدیحاتہٕ لولُک
شاہ پر تھزر ہِمالُک قُلزُم سنبر چھسَے

آویزٕ زِنٛدگی چھم بس چانہِ نٕے اِشارن
تارکھ تہٕ نظرٕ وَتھرے مارکھ امر چھسَے

# پی۔ اہن شاؔد



ناو: پی۔ اہن بٹ

قلمی ناو: شاؔد

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 2/اپریل 1936ء

اصل سۆکونت: قاضی باغ، بڈگام، کشمیر۔

حال: بن تالاب، جۆم۔

تالیم: بی۔ اے/ بی۔ ایڈ، ایگریکلچر ڈپلوما۔

پیشہ: ووستاد محکمہ تالیم۔ رِٹایرڑ۔

مطبوعات: کاشُر: (۱) نو بہار (1952)۔ (۲) خوٗنہٕ سُرۍ کربلا (1987)۔ (۳) سرِ وشہُل (2001)۔ (۴) وندنا I (2003)۔ (۵) یادن ہُند آدن گام (2006)۔ (۶) وندنا II (2006)۔

اوارڑ: ۱۔ مہجور فاونڈیشن کِہ طرفہٕ نقد ینامہٕ تہٕ سٹرفکیٹ۔

۲۔ وِتستا اوارڑ۔ (2004)۔ ۳۔ مومینٹو۔

۴۔ بہترین ووستاد آسنُک اوارڑ (1986)۔

پتاہ: بن تالاب، جۆم۔

منہِ موکھتہٕ دلنہٕ شاد و ارپن کمِس کرِتھ
صُبحٲے دُعا کری کُس پنٕنا لسُن تہِ چھے



## غزل

وقتس چھُ ما ٹھٔہراو توٚے ساتھ غنیمتھ
کتہِ آو کپاٚری دڑاو توٚے ساتھ غنیمتھ

گٔنڈی تارکو ڈٔری زوٗل کوٚرُکھ ماہِ ہلالس
أچھ وٚٹ اوٚبُر پھالٔیاو توٚے ساتھ غنیمتھ

دوشوٚے وجوٗدس آے تہٕ دوشوٚے چھِ حقیقتھ
شبنمی شہُل صحراو توٚے ساتھ غنیمتھ

آدن چھُ بنان آنہٕ پوٚٹ یاون چھُ لگان پھیٖر
خوشبوے تہٕ وِہُل واو توٚے ساتھ غنیمتھ

دُب دُب وَچھکھ تیزیوٚو شاید شاہ تہِ پھِرن بُتھ
وأنٛج چھِ وُڈان واو توٚے ساتھ غنیمتھ

شادٕنۍ غزل غٔنیمتھ للہٕ کھۆل مٔتِس امارس
روزکھ اگر تہٕ بوزکھ سوزِ جِگر چھُسے



## غزل

سنہٕ رَن انٛدر تہٕ روؤکھ تھزرن کھُسن تہٕ چھےٚ
دورلیہٕ اۆش تہٕ ہوٗرتھ ٹھاہ اُسن تہٕ چھےٚ

شوہرتھ اکاشی وُڈٕوچ واوس پکھن لیکھِتھ
ووٹھ زن نٔفس کڈی زانٛہہ زالس پھسُن تہٕ چھےٚ

پنہٕ پارِ کرَ تہٕ ترٛاوِتھ ننہٕ نبہٕ نیٚنٛدرٕ پیٚی
پٔنی پرُن لبنہٕ چھےٚ بۆنٛگلن بسُن تہٕ چھےٚ

ڈل ڈٔہی دِژےٚ تراوتھ پاں ژادرو سرٛؤدا
سہٕلابہٕ سۆتھ یِرُن چھےٚ سیٖکہِ لم ژسُن تہٕ چھےٚ

سٕدرٕ کھونہِ ہُنٛد سُے تُرن شیٚہجار ہیٚتھ
وتہِ گتھےٕ سمکھی اگر کانٛہہ سۆزی زیٚم
نیلہٕ ناچٕ ترٛیش بیٚیہٕ شی شی صدا وٕستہٕ وُنک
میٛانہِ آنگن بونہِ آسی تھوومُت رژٕھرِتھ شِہُل
میٛون وٕنی زبس پھٹہِ مَنٛز پِلوی ضۆرۆر
تأجلی چھَم یُتھ نہٕ سہٕل انٛگأری کرکھ
یُتھنہٕ تھاوَکھ وأنٛسہٕ وادن میٛأنٛی گرٛاو



## یادَن ہُنٛد آدن گام

پیٚیہٕ از نظرن برٛونٛہہ کنہِ آم یادَن ہُنٛد اکھ آدَن گام
دیٚدِ ہٕنٛدۍ آلو ببہٕ ہٕنٛدۍ ناد بتہٕ بانٛس ییٚلہِ اتھہٕ واجام

ژۄنٛٹِس وُلوَن ڈۄنٛس گَبل ٹنگ ترٛیل بوٹہٕ ژٛیر بالہٕ بادام
سرٕ لأنٛگۍ ووٹہٕ پۄنٛژ لٕٹھی کجہِ ٹھِل تھکنُک غم کتہِ شونٛگنس تام

الماس بۄرتھ زاگہِ وتن کنڈی تہٕ ڈرمن تلی
یم گلی تہٕ آدم کھاو توَے ساتھ غنیمتھ

دِن شاد گوٗہی یمن دل دوز صدمن ہنٛز
یمہٕ سڑکہٕ یم ڈٔریاو توَے ساتھ غنیمتھ



## توٗت تہٕ ترُن

چھُم دزان اوٗند پوٚکھ مےٚ سوٗرے
نارٕ لمبکو نال وۆل ژٕلنس تہٕ وار
تیمبرٕ تیلُن یتھ چھوکل بدنس پھہان
پێن دِتھ اہریزٕ وہراٗوِتھ وتن
جانہٕ وارن پھوٚر پھرٛکان دَم پھٔٹی نظر
تَل پتبن دگ آمہٕ تاوٕچ موٗصمن
کھور تچھان پھێیہہ پھێیہہ کران بے بس گمتی



واوٕ رِنگ اکھ بابہٕ سوزکھ نا ڈٕلیچ

أنٛدری أنٛدری

لۆت لۆت سۆت سۆت

لاوِسرس ما پھیران گرٛکھ

سرِ شامَے لۆگ ژٕکھ بورٕ دس

اسمانس تام کھۆت ووٕزٕ جار



گتہٕ گیپرس منٛز

پھرٛکہٕ وأنٛج ہۄتھ

ہنگہٕ منگہٕ ہیٚنہٕ آولگہٕ ارساتھ

پھرٛٹہٕ پھرٛٹ ارٕسرٕ

گرٕگرٕ ماتم

برتل موتک ٹھُک ٹھک ووت

ہُتۍ نس مورکھ

تیتۍ نس پوٗکھ

کوچہِ گلِس پٹھ

دفتر نیران

بنہٕ پپٹھٕ شاہ ہبتھ کبڈی توٚر مرٛژھِ تھف دِژمس کرٛژھٕ تئلی دژام
کترِو کیوٕآر کانہِ گٔری دون تھنہِ دوٗگلس اَم گُرسس دام

ژٔژی ژٔژی شینہِ تھٔوسی اڑٕ وٕژھ دآر ژھوپہٕ دوٗپہٕ کھوپرٕن روٗپہٕ سُنٛد بام
آشہِ زٕژن ہٕنٛدی گاشِلی ژِہی وَن وَن ہُری شُری باشہِ تہٕ شام

سوکھٕ ساٗوی آنٛگُن ہوکہٕ چی چی موکھٕ پرٛوٗن لوکہٕ چار بیٚیہٕ ووشلیام
یٚژھِ ہُنٛد بنٛدن پرٛژھِ ہُنٛد ہار پن ژھیٛوٗن پھلہِ پھلہِ چھٕکرنہٕ آم



## سوراتھ

انہِ گوٚٹ روتُل
گُس ونہِ کیٛاہ ونہِ
کیٛاہ گو کیٛاہ بنہِ
اسہِ ماخبرٕ ے



بتہٕ پنٕہ منگہِ کاثٕہہ



الہٕ ہور ہلہٕ ہور

ژلہٕ لار دور دور

سڑکن کوچن شور چھُ تیز ان

بۆزو...... بۆزِو :

زِندہ باد

مُردہ باد

ہم کیا چاہتی......



نرٕ کاکس گوسپنس دُب دُب

بآے ٹاٹھس گو وآلنجہِ وٕٹھ

شُبن چیَس زن زیو گیہِ ننٛگلتھ

سنتوشن ہیٚتہٕ بُتھ بُتھ دِنہٕ

پُپلی وِژنس اَسس پھٕنڈ

سُشمن بوکہِ بوکہِ مس ہیۆت پڑانُن

سڑکہٕ سبے مَنٛزس
بُٔستی بُٔستی وۄتھ کو ہرام
شہرٕچ ریٚہہ وٲژ گامن تام
لنہٕ گۆٹ روتُل
راتھ سو ہٲبتناک سو راتھ
کرٕ ہٹھ کٔڈٕر منحوس سو راتھ
زانٛہہ متہٕ یی تن



دارِ برن جل ہٲنٛکل دی تَو
یتھی کمرس مَنٛز سٲری ہیٚ تو
ژھٔتہٕ گُٔری تو جل بجلی گاش
چوکس مَنٛز ییٚنہٕ ٹھس گرشہِ بانن
دانس دی تَو دٲرِتھ پوٚنٛز
کتھ متہٕ گُٔری تو
پوٚنٛد ییٚنہٕ تڑٛ آوو
شُر ییٚنہٕ ودِ کانٛہہ

لنہِ گوٚٹ روٗتل

راتھ سو ہاٚبتناک سو راتھ

کڑٕ ہِٹھ کٔڈٕر منحوٗس سو راتھ

زانِہہ متہٕ یِی تن



رِنٛگو پاپس کوچھِ مَنٛز شرٛ ؤپ
بھابھی نِکہٕ رؤٹ دھوتہٕ پُڑٕ ھس تل
زُوٗ ہا وۄنٛد مے
بلایہٕ نٔج سَے
ممی ممی۔ اسہِ کم مارن؟
ببلی، ٹاٹھی گٔیہٕ بے ہوش
دادی کرٛ کھ دِژ
سپٔنس دوگ دِتھ
ہے کیٛاہ گوم......!
تاوَن پیٛوم......!



لبہِ پیٹھ لٔا رِگتھ
شِہٕ سُنٛد فوٹو
دیٛاپچ مُدرا
نظرِ درَس لجہِ
اوم نمہ شِوایہ

# غزل

چیٚشمن اندر ووتلىو مَرٛر اتھ کیٛاہ کرکھ
راوی اگر پنٕہ نی نظر اتھ کیٛاہ کرکھ

تھٲر آیہِ پھوٚلِتھ گرٛنٛد تھوَکھ پوشن کنٛبن
سیٛنس اندر کیٛنس چھُ ور اتھ کیٛاہ کرکھ

أچھ پھورِ ہے ما واو نَے ترِ ہے بدل
پوٚشن اندر ڈوٗل موٚت پٔہراتھ کیٛاہ کرکھ

شاید چھُ بنہِ وُن ییٚن پھوٚلِتھ وٲرلنہِ دِل
ہرگاہ اتھو کانٛہہ سَپدِ شَر اتھ کیٛاہ کرکھ

موسِم چھُ لاغر ہوشہِ ڈٔج پنٕہ نی نظر
گاہے تہِ سپدِ یُتھ اثر اتھ کیٛاہ کرکھ

ٲلی کتھ کرکھ سوچٕنٛچ جِگر ٹوٚرِ بَن ژٕٹن
یہِ چھےٚ کتھ کھٔٹِتھ پردن اندر اتھ کیٛاہ کرکھ

# موتی لال مصروٗف



ناو: موتی لال مٹو

قلمی ناو: مصروٗف

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 13/دسمبر 1952ء

اصل سۆکۆنت: دِی گام۔ ناگبل شُپین، کشمیر۔

حال: لین نمبر 9، گُراہ کیرن، برنائی روڈ، بن تالاب، جۆم۔

تاٗلیم: انڈر گریجویٹ

پیشہ: گورنمنٹ مُلاٗزِم۔

مطبوعات: کاشُر: (۱) یتھ واوِ حالہِ منٛز (شاٗیری)

(۲) شرٛدھا پوش (بکھتی شاٗیری)

پتاہ: لین نمبر 9، گُراہ کیرن، برنائی روڈ، بن تالاب، جۆم۔

چھوٗنتھ پیوٚ نہٕ موکھتےٚ برکھ کیٛاہ ژٕ ہلمس
مےٚ ٹاربن پیٹھےٚ اوٗش ڈٕرِتھ چانہِ کتھِ چھم

کرکھ تارکن گرٛنٛد کتتبن مصروٗفو
نبَس پیٹھ خیالن جُرِتھ چانہِ کتھِ چھم



## غزل

گہے دِیُت اَچھن تھوٚپ گہے ترٛاو کتھ
بےٚ نیپیٚ سُہ قاٗفلہٕ وتے راٗو کتھ

گوبنوٗمُت چھُ ٹاربن تمِس بار ہیٚوٗ
مےٚ ما اُف کوٚرُس زانہہ مےٚ ما باٗو کتھ

ٹلِو حظ، کِنٛدُن لوگ نازَو زبر
خیالو ہنگس پیٹھ جُرِتھ تھاٗو کتھ

ڈٕژھے ٹھانہٕ گاٹگل نہٕ یاوِر سوٗخن
یوٚہے خاب دردِس ژٕتس پاٗو کتھ

پننہٕ دول دِکھ مصروٗفہٕ کتھن واش کڑ
ٹیوٗٹھ باسہِ ییلہِ چھوٗن پیٚنہٕ زہر اتھ کیاہ کرکھ



## غزل

وُچھس منٛز مے جِگرس سٕنتھ چانہِ کتھہٕ چھم
رٕقص ژھایہِ نےٚ منٛز کٔرتھ چانہِ کتھہٕ چھم

پژی یوٗد نہٕ دِل ژیٚنے تھوٚہم وَتہٕ مے شیٖرتھ
وُچھکھ نا اتھس رِکھہٕ کھٔنتھ چانہِ کتھہٕ چھم

پیٚنی یاد ییلہِ زانٛہہ تہِ ووتلتھ ییٚنے غم
نتےٚ وُچھتہٕ ہلمس بٔرتھ چانہِ کتھہٕ چھم

وُٹھن پیٹھ چھِ رقصان رٕسلی نغمہِ چانی
وتن ہُند دِتم پےٚ چھکِتھ چانہِ کتھہٕ چھم

رٕنگم ہاوسن ہٕندی مے گُل کٔنڈی پدٕ ہو تٕلی
نٕنی چاکھ سینکی پھوٚلتھ چانہِ کتھہٕ چھم

نتہٕ ییٚتھٕن ہَے پۄدی وُچھِم ننہِ ولنہٕ چاۓنی
مول ہُرے اۘش قطرٕ گۄڑ تامے رٕچھِتھ
یا درٕنی شبنمہٕ گۄڑھی دُردانہٕ چاۓنی
رٕچھ کتھٕن نَے ونتہٕ یَم نوزُک حوَس
ڈۆل ہِشر وُچھتھےٕ مےٚ یَم انمانہٕ چاۓنی
رنٛگ برۄ مصرۄفہٕ سنٛگرن ووشلہِ روے
تِتھی تہِ آوِلی وُچھ مبے یَم میزلنہٕ چاۓنی



## اۘہی

چھَم چاۓنی وزٕرے مےٚ چھِ چاۓنی ہَن
چھِم ناز چھۄکِتھ چانے آنٛگن
چھِم کاۘر ٹۄلِتھ تھۆد خاب زُوان
مرِژ نیٛندرِ امارُن اسہٕ ناوان
ڈبکہٕ ٹِکہٕ چھُم چونُے گاشہِ مُنار
ناگن ہُنٛد سرٕ یٛہہ چھُم ژنٛدن دار
ژھوپہٕ بالن ہِنٛز چھَم کتھٕ باون

اَوپزاں چھِ سوٚنچکو ملر واوِلس
اکی واوِ رِنگہِ زیرِ پکناو کتھ

شوزر روو ذٕہنَس زہر پھوٚر وِہل
نہٕ کانٛہہ شِکوٕ روٗدُے پلن چھاو کتھ

اچھر بدِ کڈُن کھُر چھُ مصروٗفہِ تیُتھ
مےٚ لفظن اندر رِکتھِ یہِ ورتاو کتھ



## غزل

وُچھتہٕ ہلمس مَنٛز چھِ أش بارلنہٕ چانٛز
ہاوکس أدری چھِ وُنہِ افسانہٕ چانٛز

یا تہٕ رتھ وَن ژٕے کتبن ڈنٛجہِ روزِ دِل
تِتھی صدم میےٚ ٕکتی للہِ وِم پانہٕ چانٛز

ناز أوِجہِ پوشہِ لنٛجہِ ہُنٛد چھےٚ بدن
چھُمتہٕ غاُرتھ وتھٕرِ یم سامانہٕ چانٛز

کرِژِ روٗٹُم موچھِ مَنٛز یہِ من پاٹرِدی ہوا

بہٕ تہِ راز وَنے سیٖرن باوکھ
چھکھ یارٕبلن ہٕنز شٕہج کتھا
چھکھ باگہِ بُرزٕ چھم یہَے ستھا
چھکھ پاں ژادر پۆز موکھتہٕ ہرن
سنگرن چھکھ وۄشلُن ڈٕہکس جرن
پۆز باو چھُ باوتھ چاۓنٕ کرن
منہِ مَنٛز تصویٖرن شۄب جرن
چھَم چاۓنی دزٕے مےٚ چھِ چاۓنی ہَن......



آدن کتھٕ باقٕے کرٕنے چھَم
یاون وتہِ پکھوَ دِمھو تم
یۆد میلوہے گُنہِ ساعتہٕ ونےَ
پانس ٕستی آہی ژےٚ انےَ



وَنہٕ یارِ وتن ہُنٛد پے ہاون
آکار گرن چھِم چانٛی صنم
ہێتھ چانے بڑٕ آنٛژ مے کتھ زنم
چھِم چانٛی دزٕ رے مےٚ چھِ چانٛی ہَن......



یاون مُژی کتھٕ ژٕ مےٚ ستھٕ کر
چھِم سینہٕ پھۆلتھ چھِم اُدری ہر
وُچھ وارِ گُلس چھِم داغ جُرِتھ
رَنٛگ رآوِتھ جافُر پیۆمُت ہُرِتھ
پر پھُٹرِتھ سونٛچس روو مِزاز
یہِ چھُ لیکھُن اتھ چھُنہٕ کُنٛہہِ جواز
مِضراب نُوِکھ تھپہِ سازس ہَے
سِرفاش کۆرُکھ ییٚتہٕ رازس ہَے
چھِم چانٛی دزٕ رے مےٚ چھِ چانٛی ہَن......



ژٕ تہِ نکھٕ یِکھ ٹھہرِتھ پۆد ترٛاوکھ

# غزل

کِتھٕ برأنٛژ تھٔرِ تل عالماہ بدلیٚو تِتھے گٔی
شۓ ڈٔج توٚے آکار پدٕن روو تِتھے گٔی

ٹٔلی تھاوِ رٔچھِتھ خاب بہارٕکی مٔدری تہٕ میٹھی
ہرٕدُن زژر گو نالی تےٚ ؤہلیٚو تِتھے گٔی

احساسی ونس ژٔھنڈ دِژم پیٚہم تہٕ وۄنُے روو
میٚۓ پوشہِ پتھرُ ترٛوو ژمُ چھکرو تِتھے گٔی

یِیتہِ گوٚب گوٚمت شہہ ہیوٚن چھُ رتھ بأنڈی وانن منٛز
گٔیہِ پژتھ نظر یِیتہِ تھامہِ وَچھ ہٕنٛدریوٚو تِتھے گٔی

کانٛہہ شوٚب روٗزاہ ون یِمن نالان شارن ون
عنوان ڈٔول افسانہٕ مبے تہٕ واہرو تِتھے گٔی

ؤژھ ہوٚل بانگے کاٗنسہِ ما گٔر ساٗنی زٕنہِ کتھ
انہار وتن روو اسہِ روٗد کھٔژوو تِتھے گٔی

# روشن لال روشن



ناو: روشن لال بٹ

قلمی ناو: روشن

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 7رجنوری 1949ء

اصل سۆکۄنت: وچی۔ پُلووم۔ کشمیر۔

حال: رادھے شام پارک، دہلی۔

تائلیم: بی۔اے، بی۔ایڈ

پیشہ: ووستاد محکمہ تائلیم۔ نیوز ٹرانسلیٹر (کیجول)

مطبوعات: کأشُر: (۱) باوِ پوش (بکھتی شأیری)

(۲) وُنلی وَتو منٛزی (شأیری)

وُنی کٕنہِ چھُ این۔سی۔پی۔یوٗ۔ایل نئ دہلی ہِندِس پروجیکٹ Corpora Development in Kashmiri Language ستۍ اتھ روٗٹ کرنس منٛز مصروٗف۔

پتاہ: 71، رادھے شیام پارک، پروانہ روڑ، دہلی۔ 51۔

نکھٕ روٗزِتھ سنٛ چھُم روے وُچھٕ ہس
کر آیہِ مےٚ فُرصتھ رأو دوٚہے

ورقن پٮ۪ٹھ اسہِ کر لیکھِتھ تھوٚ
روشنؠ چاأنی کتھ رأو دوٚہے



## اکھ سوال

پۆت نظر کر
اَسہِ تزٕ وو کیٛاہ
پزٕ اوُن چھُ کیٛاہ
بس برِتھ کاڈٕبن زہر
کاینٲتس کیُتھ بجر اَسہِ ژیٚوٗن کر
بُترٲژ پٮ۪ٹھ گٔری نغمہٕ بٔلی
گاہ سوٚتیہِ ارمان
گاہ ڈوٚنٛٹھ پھوٚ آشن اٲتی
کُنہِ واوٕ ہالبن منٛز پھسییہِ

وونۍ ژۄنگۍ ریٚہن کیاہ تھوَکھ ٹھرِ واوِ ہالن بوز
تمۍ روشنوٚ لیوٚکھ آنہٕ پچہِ مۄشرِوو تہٕ تھےٚ گۍٚ



## غزل

پۄدۍ درٛینٹھۍ گرٛھان وتھ راو دوہے
ستھ روٗز تہٕ کیاہ، کتھ راو دوہے

وَچھ ہۄندریٚو شِٹھنیارَن وۄل دِل
رٕچھ اسہِ ننہٕ کر ژۄتھ راو دوہے

پھۄلۍ پوٚش تہٕ واون ویٚور تُلکھ
اسہِ سوٗنتہٕ تراوَتھ راو دوہے

وونۍ روو سَمن بل کتہِ سمکھو
کولہِ رادن لۄج وۄتھ راو دوہے

# برج ناتھ واتل بےتابؔ



ناو: برج ناتھ واتل

قلمی ناو: بےتابؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 20/اکتوبر 1953ء

اصلی سۆکوٗنت: أکنِگوم، اننت ناگ، کشمیر۔

حال: مِنٹو روڑ، نۆ دِل۔

تألیم: گریجویٹ۔

پیشہ: نیوز ریڈر/نیوز ایڈیٹر دوٗردرشن تہٕ آکاش وأنی۔

مطبوعات: خابن ہُنٛد خریدار (1995) کأشُر شأیری۔

میں کوی نہیں ہوں (2003) ہندی شأیری۔

اواڑ: بھارت سرکار کہِ طرفہٕ اکھ لچھ روپیہٕ اواڑ ہندی شأیری۔

نیوز کارسیانڈنٹ آسنہٕ موکھہٕ چھُ یِمن دُنیاہکبن مختلف مُلکن مَنٛز گرٛھنُک موقہٕ میلان۔ تحقیقی مضموٗن تہٕ چھِ لیکھان۔

پتاہ: مِنٹو روڈ، نۆ دِل۔

کُنہِ رؤدِ قطرن دور پھۆر

دُنیٰ یاہ بناوَن والہِ !

رنگ جُری جُری ژٚے تھاُوِتھ کاینات

کاش اکہِ دوہ مُیل ژٚے گرِڈھی

اِدِ ژِ آدم زاد ڈٖیشتھ پانہِ وُچھہکھ

کیُتھ گوناہ کۆرمُت ژٚے چھے

آدم تھُرِتھ۔



وتہِ رۄد کتہِ تام پتھ بے تاب
کتھِ ءستی اوس مٔشراون تاپھ



## ہارُن سوٗنگو پان

صُبحن شامن نارس کارُن ہارُن سوٗنگو پان
کاٗرِتھ پارُن من چھُنہٕ مارُن ہارُن سوٗنگو پان

دٕبن داٗری گٔیہِ تارکھ گٔنز رٕنی
شامُک گرٛز پھیُر اتھ انجام

گرٛبکھ ہِنہٕ برٛوٹھے کیاہ وَے پھیارُن ہارُن سوٗنگو پان

اتھ ماٗدانس شیٖنہٕ بدلٕے
اتہِ ہۄنٛدریرس سنخ وُشنیر

سُے لبہِ یَس تگہِ پُتھرِس سارُن ہارُن سوٗنگو پان

أندرٕ رے زوتان نیٖول آکاشاہ
اتھ بُتھ زاٗلتھ چھُنہٕ کُنہِ سۄر

نارُک سٔدراہ شہہ سُمہِ تارُن ہارُن سوٗنگو پان

سمیُک سٔدراہ ووٗنت چھُنہٕ ہاوان

# غزل

کٲیاہ کٲیاہ چھُہم گۄدراون تاپھ
خصلتھ ییٚلہِ چھُہم ہاون تاپھ

تنہِ پیٹھ پن چھُنہٕ زٕرٕناون
برمنٛدنبن چھُہم ساون تاپھ

سرٕوِ شہُل اوس آنٛگُن سون
تُتھی مَنٛز آسی ہوکھناون تاپھ

میٚے دِژ مے مُرٕژراۆتھ دأر
ووٚزٕ چھُکھ میٚے تھکِہٕ ناون تاپھ

بُتلہِ بۄوان ییٚتہِ نارٕ ے نار
کتہِ انہٕ شٮ۪ین تہٕ کھٲیاون تاپھ

# وِجے ساقیؔ



ناو: وِجے کُمار رازدان

قلمی ناو: وِجے ساقیؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 19 رجنوری 1961ء

اصلی سۆکۄنت: مہنوٗر، بڈگام۔

حال: سروجنی نگر، نئی دہلی۔

تألیم: پوسٹ گریجویٹ۔

پیشہ: نیوز ایڈیٹر، پرٛسار بھارتی۔

مطبوعات: ا۔ کأشر شأیری: پارٕدٕ پوش (1998)

٢۔ انگریزی پأٹھی: ساقیز کشمیر۔

٣۔ ترتیب: کشمیر، تاریخ اور تمدن

پتاہ: D/713، سروجنی نگر، نیوٗ دہلی۔ 23۔

## وٲنٛساہ راوان پہٕرن منٛز

اتھ پیٚٹھی سپدان دارُن ہارُن　　　　ہارُن سونٛگو پان

دَے چھُنہٕ ہۆتہٕ نَس پۆزا کرٕ ہوس

اتہٕ گٔیہٕ کس کس بزارے زۄن

اتھ کارس گرٛشہِ تھۆد گور دارُن　　　　ہارُن سونٛگو پان





کتھِ زن آسہِ نہٕ وار وَنو کس
دم پھُٹٔر جاناوار وَنو کس

ہلہِ لبٕ بیٚیہِ ہن کاڈ چھُ کوٚڈمُت
رتہٕ سٔری کم شیٚہجار وَنو کس

سِریس پھٔرٕ مژ لاے چھِ ششرس
زوٗنہِ گِنڈُکھ ٹِکہٕ تار وَنو کس

بونہِ بلن گوَ یاوُن اڈٕ کبھو
ون چھیٚپہِ گنڈِ وزٕ نار وَنو کس

حرفس حرفس ووٛنڈٕ ۂنڈ ریوٗمُت
ژھیٚنز مژ سازس تار وَنو کس



# غزل

وٕسی وٕسی ترٕن دیٖوار دوٗپُن
کتھ کرنس چھنہٕ وار دوٗپُن

گٹہٕ زٕلی گاشی روٗٹُمت تل
تھامہِ گوٚمُت شیٚہجار دوٗپُن

اکہِ اکہِ ژٕلی تِم پٕرین ٲستی
ہنٛگ گُٹھِ شوٗنٛگہِ شہمار دوٗپُن

أنٛدری شرٛ ژوٗپرُم ویٚہہ بیٚیہٕ گار
شیٖنہٕ بٕنٛس گنٛڈِ نار دوٗپُن

للہِ ہُنٛد اوٕے پٕن یَنہٕ ژوٗٹ
سوٗنٛتس رتہٕ پھموار دوٗپُن



# نظم

(موتی لال ساؔقی صابَس نذر)

ون چھیٚپہِ پتھ ما گوَ لوتہٕ ژھپ دِتھ
ہنگ کُٹھ کھوٚت ما روٗنہٕ گوڈ مُژ رِتھ
وہِر وارس چھا شِہلِس کھون دِتھ
یا سٔنٛدی جہِ ڈلس مَنٛز ییتھ سون وٕہرِتھ
گزلن ما کھوٚت پربت ژوٗٹ ہیتھ
ژژار گوٚمُت ما پیٚیہِ دشہِ مُژ رِتھ



واوس کوم کرِ پن وہٕژھہِ ناوبس
کلہن سُنٛد دوٗپ ئوی رنٛگ کھاربس
بُرزی ورقن پیٚیہِ ریٚش نامن
پرٛانٮ۪ن کھنٛڈرن پیٚیہِ کنہِ کترٕن
لُکہٕ بأتن پیٚیہِ صوٗفی وژنن
معنےٚ ژھاران کوٚت گوَ نیرِتھ



سونہٕ سوو سُہ پڑونُے خابہٕ شہر چھُم ناٗلی أچھن
وُنہِ یادن ہُنٛد اِنہوٗر مژر چھُم ناٗلی أچھن

گوڈٕ آبہٕ ملر ہبوہرلیہِ ژۆلُم اڈٕ وٕننم کتھ
رٕسہِ آرُک سوٗرُے شور ترٛژر چھُم ناٗلی أچھن

وُچھ سۄنٛتھ تہِ یٛیتہِ تتہِ آے اماپۆز یاد چھُیا
تمہِ ہرُدُک دزٕوُن دیٛہہ تہٕ زہر چھُم ناٗلی أچھن

یہِ چھےٚ ازلچ مِلہٕ ون نتہٕ اسہِ دۄربر نال وٕلتھ
وق دیٛتن پھِرِ پھِرِ ور تہٕ سبزر چھُم ناٗلی أچھن

ہنہِ ہنہِ چھُس چھکٕرِتھ کاٗڈھ میٚے سۄمبرِتھ نیری کیٛاہ
دزٕ دزٕ چھُم دزٕنےٚ سۄرٕ اثر چھُم ناٗلی أچھن



سُے نایَس أچھ زوتان تارکھ
سُے نایَس موکھ چھُکران شنگرف
ژۏل ووٗنی شِو نتھ
روزان ووٗنی ہُتھ بالہٕ تھۆنگس پٔٹھ
بوزان چھُکھ یہِ آواز چھِ تٔمی ہٕنٛز
بوزان چھُکھ یہِ ساز چھُ تٔمی سُنٛد
زٕ ژٕ گیہِ سِریس مِیلتھ کرتام
وآے! تٔمی ہٕنٛز گرٕزیٖتہٕ صُبح شام



## ماجہِ کٲشرِ کُن

از کتھ پٔٹھ چھکھ ووسہِ ہِش آمٕژ
شیٖنَس ما از شاپھ چھُ ژۏلمُت
کرٕ ہیٖنس اۄبرِس نار چھُ لۆ گمُت
تاپُل دوہ چھابیٖہِ وولسیۆمُت
آرن چھابیٖہِ وولُن ہیۆتمُت
رۏ وکرنس ماٹھا کھ چھُ وۏتھمُت

کر پیہٕ پھیرِتھ



للہِ ہُنٛد اوبٕے پن پرٛزٕ ناوِتھ
نُنٛدم ریٖش سُنٛد دۄپ لولہِ للہٕ ناوِتھ
ابھِنو گپُتنٕے پرٛژ وبڑٕ ناوِتھ
کرٛشنہِ بکھتی یژھ پرٛژھ چھاوِتھ
نیٖل متٕچ کتھ پھِری پھِری باوِتھ
کیٛنٛہہ نک کیٛنٛہہ اسہِ باوِتھ کۄت گوَ
کیٛنٛہک مَس چیٖتھ کۄت گوَ نیرِتھ
کر پیہٕ پھیرِتھ



تھاو قدم کتھِ میانہِ ہَناسَن
سنیاسی جۆگیا یارٕ بلس پیٖٹھ
سنٛدیا کرٕوُن ژونگ کلس پیٖٹھ
راتھ سُہ یکدم بالس پیٖٹھ کھۄت
یُس نا پزٕی کنٕی پرٛزرس گو مۄت

آرٖ پلس پبٹھ ڈاپھا تڑ اوو

وچھ مُژٖ رأ وِتھ سوکھ دوکھ باوَو

سنٕین ہُنٛد کٹھٕ کۆش وُشناوَو



سائہِ متبن ماماٗئہِ چھُ لوٗ گمُت
تھُج کادس پٹھ گرژز چھا وۄتھمُت
لٔڑ تارُکھ چھا چھلہِ چھلہِ پیۄمُت
کِنہِ شیٚہجارن کاڈ چھُ کوٚڈُمت

دوہ دِش ووسہِ دژ وس یلہِ چھا گاٚمژ
صُبحن شیٚہلتھ عام چھےٚ کُرمژ
کِنہِ شامس بیٚیہِ وۄشلُن کھوٚتمُت



تنہِ پٹھِ ازٕ چھُکھ بیٚیہِ سمکھیۄمُت
شِشرن بیٚتہِ کرڈیٖر چھُ ڈیۄتمُت
شامس صُبحس سوکھ گُمُی مُچھمُت
سیٚزِ وتہِ پکہِ نس ٹھاکھ چھُ لوٚ گمُت

وولہِ اٗسی نیرو
پوٚت ون شیرو
پھیرو تھورو نَے ہیتھ نیرو
لولہِ ہتبن ہشدی مائہِ مناوو

(۲) رِنٛج یاد (شاعری 2001)

(۳) سوٗنٛزل (شاعری 2003)

(۴) پوٗت زوٗنہِ وُتھنتھ (شاعری 2005)

اوارڑ: (۱) سرسوٗتی اواڈ (2003)۔

(۲) وتستا اوارڑ (2005)۔

پتاہ: C-19، مہاگُن ایسٹیٹ شالیمار گارڑن،
ایکسٹنشن 2، صاحب آباد، (یوپی)

## غزلہٕ

رووُمت زن لڑتھِ گوٗمُت پتہٕ چھا شہر
أچھ وُٹِتھ ہأرِتھ یہٕ لاپروا شہر

شرٛیہہ نہٕ چشمن زِندگی رُسوا گٔمُت
میلہٕ پچہٕ نٕے لیکھی تو ہا ہا شہر

# سُنیتا رینہ



ناو: سُنیتا رینہ پنڈت

قلمی ناو: سُنیتا رینہ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 25/اپریل 1967ہٕ

اصل سوٗکوٗنت: پٹھ بگ،

انت ناگ، کشمیر۔

حال: شالیمار گارڈن،

صاحب آباد، یوٗ پی۔

نوٹ: باگنہٕ چھےٚ آمژ ہندوارہ، خاندر سپُدس

مارچ 1993ہس منٛز۔

تألیم: بی۔اے، ڈِپلوما اِن ایجوکیشن، ٹیچنگ،

مینجمنٹ، پلانگ اینڈ ایڈمنسٹریشن۔

پیشہ: کینژس کالس نوکری کرنہٕ پتہٕ تژٲون

نوکری۔ وونی چھےٚ گرہست پالن کران تہٕ

بیٚیہٕ چھےٚ سوشل ؤرکر۔

مطبوعات: (ا) چنار کے آنسو (ہندی شأیری 1998)

یاد چھُیہِ لوکچار پھۆل تتھ بوِنہِ تل
مێون سۆری سۆری آسہِ ما گاٹٛھ گوتن

ژێتہِ وۄنتھ لوتہِ پاٹھی وونی سمکھو نہٕ زانٛہہ
مبے تہِ کربم لوٕ زن تمِن پڑانٛبن وتن

سوٚنٛچ اِدٕ باہوش وتم کس پھۆرُکھ
مژرٕ کے مدٕوس تہٕ معنے ننہِ کتھن

زِنٛدگی دِتہٕ پڑان کُنہِ نوِ آیہِ وونی
سبزٕ زارن مَنٛز گرٛزٕنی گُرٛھی بێیہِ وژن



بێہہ دما أنٛدرِم پزر باوَے بہٕ دِل ہاوَے وولو
رلتہٕ کبن زخمن دگیٕ دگ سوے بہٕ للہٕ ناوَے وولو

یتھ گرس مَنٛز چانہِ باپتھ اوس پرٕتھ خاصہٕ کُٹھ
تمہِ گرٕکی از دارِ بر کوچن انٛدر ہاوَے وولو

تێلہِ چھُ از قٲیم زِ موچھِ مَنٛز پڑان ہێتھ
وُنہِ تہِ چھاپےٚ ڈێنٛشہِ بێیہِ کٔیاہ کٔیاہ شہر

دادِ أنٛدرِمہِ زیوٚ تہِ گو ٹٕچھُرک اثر
یِی ڈٕپِتھ پگٕہچ مبے پڑٕزٕ ناوٕیا شہر

تێلہٕ سٕڑکن میلہٕ وادن ژھوپہٕ ژھوپےٚ
یۆت گدُرن ونتہٕ نتہٕ باوٕیا شہر

ناو ہێتھ میٛونُے سوالن زیٛر دِتھ
پہٕڑ اٰنٛی زن کانٛہہ کتھ مبے دۆہراوٕیا شہر



از تہِ ووشلوٕ شام پٕرِتھ جامہٕ زن
از تہِ نۆن گو سِریہِ لوٕ ہۆت ہێتھ بدن

از تہِ ونہٕ وَو شامہٕ پتہٕ پۆت وارِ مَنٛز
یُتھ زِننہِ آکاشہِ پٹھٕ اژھٕ رژھٕ وسن

# برجہِ ہاٮ۪لی



ناو: برج ناتھ بھٹ

قلمی ناو: برٛجہِ ہاٮ۪لی

اصل سۆکوٗنت: ہال، پُلوامہ کشمیر۔

حال: دُرگا نگر، جۆم۔

تاٲلیم: میٹرک

پیشہِ: تجارتھ

مطبوٗعات: (۱) میٲنۍ آلو (شارٕ سۆمبرن۔ 1999)

(۲) سوزِ جگر میٲن (شارٕ سۆمبرن۔ 2001)

(۳) کرٛیشوٗنۍ امار (شارٕ سۆمبرن۔ 2003)

ایواڈ: وِتستا ایواڈ۔

پتاہ: 148۔ سیکٹر 3، دُرگا نگر، جۆم۔ 180013۔

دۆد مبے دِل ژیےٚ پۆت ہیۆتھ مُشراو پانس نیر گژھ
دار اشہِ چی دون روخن پیٹھ موکھتہٕ سومبراوے وولو

راوِ بتہٕ اکہِ دوہہٕ تہٕ ژھانٛڈکھ راتھ دوہ کُل عالمس
چیٚشمہٕ لگنےَ درٕ تہٕ پژارکھ پان ما ہاوَے وولو

ریٚہہ گٔنٛڈن میانین امارن ڈٕدی تہٕ أنٛدری سۆر گوکھ
چاو کیُتھ آسُن گۆژھُم کیٛاہ مَس پھُلے چھاوَے وولو

پاس دِتھ دیہٕ سُنٛد مبے وۆنمےَ بوز ازیوٗرک ژٕ روز
یاد لوکچارُک چھُیے کیٛنٛہہ بڑژُری ژتبس پاوَے وولو



شاہن مَنٛز شاہ بےٚہ گنٛزرن مےٚ گوَ دیدار درٚمن
ڈلس از جل چھُ بولن مےٚ گوَ دیدار درٚمن
ؤلتھ پان وونی گُلِتھ گوم کٔتھ لبہٕ ساوُن پیٛوم
چھُ زاؑوِیُل وارِ تھو ظوٗن مےٚ گوَ دیدار درٚمن
رنٛگن ہُنٛد چھُے رنٛگرٕ وان رنٛگن منٛز چھُ بے رنٛگ زان
رنٛگان شوٗبہٕ وِنی ہن ہن مےٚ گوَ دیدار درٚمن
مےٚ پیرن دِژ فقیٖری رُمن چھُے سوے مےٚ سیٖری
گُنہٕ چھُم ساز واین مےٚ گوَ دیدار درٚمن
منس گوم من مناہوٚ کنو بوٗزُم مےٚ سوٗ سوٗ
فنا گژھی تھےٚ ہَنا سن مےٚ گوَ دیدار درٚمن
گوٚمُت بژجہٕ ہالی در سجوٗد وُچھان بوٗدن سُہ نابوٗد
سفید جامن ؤلتھ تن مےٚ گوَ دیدار درٚمن



سرٕ کر ؤحدتھ چھے ذرٕ ذرے تمہٕ تور تتہٕ ناو پرٕے کیٛنہہ
پونپرٕ نی گتھ کٔری شمہن سرٕے تمہٕ تور تتہٕ ناو پرٕے کیٛنہہ
تھپھ دِتھ کوٚڈنس کھیٛلہِ اندرے زِنٛدٕ پانہٕ اُلم تھرٕ تھرٕے بوز

## صوٗفی کلامہ

وصلہٖ ئستیٖ وات اصلس حاصِل چھُ جبرۄلتس
ہمہٖ آسُک آم حبس حاصِل چھُ جبرۄلتس
پڑانٛچ لأے نس کان زِنٛدٕ گو شکلہِ اِنسان
نتہٖ کیٛاہ میٛرِ ڈیرس حاصِل چھُ جبرۄلتس
بَوسرٕ بوٗنزرَن پان زِنٛدٕ مرنٛچ کر زان
رِنٛدٕ وأتیٖ متیٖ مژُلس حاصِل چھُ جبرۄلتس
تیٚمی ژۄپ پَوٗنُک نار لتس گو حاصِل کار
شۆد بۆد چھُ دربارس حاصِل چھُ جبرۄلتس
شوٗد واسنایہِ تھَو میٛلُ پھولہِ گُل شولہِ بُلبُل
سٔدرٕ مَنٛزٕ مول لٔدرس حاصِل چھُ جبرۄلتس
بڑ مانٛڈس نظر ترٛاو شیٚشکل گوڈٕ وُزناو
قطرٕ اکھ بنان سٔدرس حاصِل چھُ جبرۄلتس
بڑجہِ ہالہِ ووٗنٛدٕ ووٗنٛ پھیر زیرٕ زیرے کرُن زیر
شینکُن حقیقتس حاصِل چھُ جبرۄلتس



# اشوک کول رٛیپس



ناو: اشوک کول

قلمی ناو: رٛیپس

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 9/اپریل 1954ءٕ

اصل سۆکۍنت: 11/35، نازُک محلّہ،

اننت ناگ، کشمیر۔

حال: 94/2، روٗپ نگر، جۆم۔

تاٛلیم: بی۔اے

پیشہ: سرکاٛری مُلاٛزِم

مطبوعات: یِہٕنٛد کلام چھُ اکثر رِسالن تہٕ جریدن مَنٛز چھاپ سَپدان۔ وُنہِ چھُ یِہٕنٛد کلامہٕ کِتابی صوٗرتس مَنٛز چھاپ سَپدٕ نے۔

پتاہ: روٗپ نگر اینکلیو، مکان نمبر 94/2۔ بلاک اے جۆم۔

تولس تہٕ مولس لٲج دٕرۍ درَے    تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ
کھیٚنہٕ وٲلۍ کم تام گُستانٛ درے    چھُم ذٕرۍ ذرَے للہٕ وان چھُس
یِی گوم عیاں تی گوم سرَے    تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ
ہلمت گنہٕ یَس گو آشرٕ رے    گُنٛڈِتھ ہٕنٛڈِس ییٚلہِ آلیس زبان
بنٛدٕ بنٛدٕ زِنٛدٕ ناو سودا کرے    تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ
ہا قصابہٕ أچھ کٮ۪ازِ لجہِ یوٗدرَے    یُتھ مرُن مارُن چھُ زٕمن ہُنٛد
اتھ رزِ لوٚگمُت چھُے یُتھ ورَے    تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ
سٲلا چھُ مٲلُک ییٚمہِ بوٗسرے    ییٚتہِ چھُ نہٕ گرے چھُ گرٕ واتُن
زان کر بزٕجہِ ہالَہِ منہٕ منٛدرے    تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ



مِکھایِل سٕنٛز لٔٹ گِلہٕ وان
کاٰنٛتیاہ ناگ ارزن رٔود ماران
رتہٕ سٔری کۆرُن عالم
پھُٹہٕ روُون قداوار گوتم
أژھبہٕ نژُن خوش یِون
پڑتھ پولرس کھوڑھ زد کرَن
بہٕ چھُس اسٔندی قُہرک تازٕ وُژھ پڑنٛگ
خشمہٕ ہۆت ووڈِ ووڈِ دِون
ڈٕہشتھ یہِ دور زن
ہارٕ کاٰنٛٹھ کاٰنٛکل مس کٔرِتھ
ہرکاٰنٛسہِ دِوتاہَس بُتھ زٕلن



## دَگ

کالہٕ نبکی گجری سِیاہن
دم پھٔٹِ کٔر بُتر اتھ میاٰنٛز
ہاٰناٰوِن ستھ

# اُرنگ اُٹنگ

دماہ ژھوپہٕ کٔرِتھ
وۄتھ سُہ مے خشمہٕ ہۄت:
یہِ چھُنہٕ سوکھہٕ ٹلی نارُک مۄدُر میۄٹھ گرُس
یٚیمہِ کہِ چینہٕ ستۍ پھۄر چھُ شیہلان
یہِ چھُنہٕ مُعتدِل نہَ عادِل
اَمِس گرژھِنہٕ وُنن کینْہہ
نہَ پرُن وعظ، نہَ کرُن واد
اَمِس چھےٚ نہٕ مانۍژ بوے
یہِ چھُ ڈیۄٹھ شوخہٕ چٔشم
بۄزنہِ صِفتَو اُرنگ اُٹنگ
اتھ لاگہٕ ہس نچھِتھ ژھُنی
اَمۍ مۄتھ سوُرے وٹہٕ کرٕم تہٕ چوچُر
پمبہٕ ہاکھ تہٕ پنگہٕ واٹھ چھُس سبٹھاہ ٹوٹھ
کٔدرۍ ژۄٹ چھُس اَچھن
نۆژ دِتھ چھُ کنَن

وُسخانٕن دگ



## ہےَ کٔشِیاہ گوم

شاید ما چھُس شتہٕ گتھ لوٗ گُمت
وتہٕ گتھ ما چھُس وُنہِ زن تھمہٕ نَے
بیٚیہِ زن گیہِ کرٛکھ:
ہےَ کٔشِیاہ گوم!
شاید ما گوَ ڈُلہٕ بیٚیہِ پاوٕن
شاید ما بیٚیہِ پھُٹرُن کوٚٹھ
پان پَنُن مازن ترٛ و دِترٛ ووُن
کیس پَنُن ما شاید ہورُن

ترِٛ تاپرٕ سیکہِ پٕٹھ ما رَوٕنوُن
پنہٕ نُے تورُگ تہِ ما تونوبُن
شاید برزُن پنہٕ نُے تازُن
پنہٕ نُے سَمَند پانٕےَ مامورُن
غُبارٕ ذٔہنٕگ ما پھاٹہٕ نوُون

پتہٕ ہٕنس دٕمس تل
کرٕ چ ییٚلہِ کوٚرنس
کیٛاہ تام پھٔژرٕن
بِسیار دگ دِتھ تانٕن تانٕن
ژاپھ زن دِتھ گوٚو
شاپھ کُسٕند تام بارِ لٔدِتھ
پاپھ کُسٕند تام مٹہِ کھورُن
پھلہِ پھلہِ پھٔژرٕن
چھلہِ چھانگرِ کوٚرُن
میٛانہِ وجوٗد دُک اَنہٕ پٔرٕ ون
پان پٔنٕن پاٗراوُن مُشکِل
کاژ وجوٗد دُک پھُٹر آوِتھ
کرتل ارمانن بوڑٕ ناوِتھ
وُسجار دِلُک ییٚنہٕ سوریوٗ و
ناحقہٕ اکہِ ہوٚت تتہٕ زانٛگلِس منٛز
وُسوٲسی پھٔٹِم

واوُلن شاہ، ناپر ریٛہہ



کپٹۍ ریۆش ہوٚنژُر
جانگُر بولن
کوزن، سوزن نبٔنگن
شیٛش رس اُمی سُنٛد



کپٹۍ ریۆش کرٛؤل نہناون
لیٛہُل گیان باٗگرن
کرٛے اُمی سنٛز



کپٹۍ ریۆش مہرنبن ٹۆپ کاسن
ژرٛاٗلِس مارَن
پٔہسہ سوداگر کوچھِ برَن
صِفتھ اُمی سُنٛد



پاڈٕ ووٚتُر پنٕہٕ نُے انلووُن
پنٕہٕ نُے گورٕ پد مأشر ووُن
ڈاں تھٲر پٕنٕنی زیٚچھٕ زن لاگٕجن
ہیٚلچن ماسنٕہٕ لوگُن پان
گیٖوٗر چھُ ہیٚلچن ہُنٛد عاشق
گچھُ سِیاہ پھیرٕ ناوَن أچھٕنے
شاید تِمنٕے ماگوس انہِ گوٚٹ
ژٕنُزرَ روَن ما شاید کوٚر اوم
کرٛکھ چھِ ژٕنُزٕ ہے زن
ہَے کٔیاہ گوم!!



## ریٚوٗش

کیپٹٕی ریٚوٗش
دِژٕ ہہ ہٲتھ
وُژ رَن
انتہٕ مل، انہِ گوٚٹ

شانٛن پٹھ ہٮ۪تھ پرٛا أگریٔ کلُک

شانٛت مَس بٲگرن

مژہٕ بل أمی سُنٛد



**نیٚشہِ بود**

نیٚشہِ بود نادان

اپُزے داناہ

ازلےَ بیٚقل

باکھ باگہِ ہٮ۪تھ

گٹہٕ پچھ کھوٚنہِ کٮ۪تھ

ماجہِ زامُت دزٕ ہہ لدڈ بکہٕ ہٮ۪تھ



رخزال دایُک

انزان ورتن

دیٛارٕ تھٲر زٲلِتھ

زٲم تھٕر گٲلِتھ

ستہٕ ریٛوش آہی ہبتھ

وُژرن

ووپشم

گیٛان برزن

شیٛش کل اٚمی ہٕنٛز



ستہٕ ریٛوش کوٚ ستوٗری رٕ چھ ہبتھ

سیٛنگِستان پٲرن

ؤنی دِون کوسمن

ستہٕ باو اٚمی سُنٛد



سنیاسی تیٚپہٕ ریٛوش

ٹیٛٹھی اچھر کھبتھ

کرٕ ہہ گِگس منٛز

دِلچہٕ کوچھِ منٛز

بوٚیے گُل رٕژھرِ تھ

# کلہن کول



ناو: سُبھاش چنٛدر کول

قلمی ناو: کلہن کول

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 19/ اگست 1963ء

اصلی سۆکوٗنت: ژِترا گام کلان، شوپیان، پُلوامہٕ، کشمیر

حال: گلی نمبر 1، بُلاک بی، روٗپ نگر اینکلیو، جۆم

تالیم: بی۔اے

پیشہ: سرکأری مُلأزمت سِول سکرٹریٹ جے اینڈ کے۔

مطبوعات: یِہنٛز چھنہٕ وُنہٕ کانٛہہ شارٕ سومبرن چھپے مژ۔ مگر یِہنٛد کأشُر کلام چھُ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھاپ سَپدان۔

پتاہ: گلی نمبر 1، بُلاک بی، روٗپ نگر اینکلیو، جۆم۔

بنٛتھر مأرِتھ

دس بوس بأ گرن



زٕٹھ لد مہراز

پرٕ دستار دِتھ

قزاق کم تام

ییٚنہٕ وول پرٕتھ

نارٕ لد أچھ، رتہٕ کھٔلی زبو ہیتھ

وٹھلہٕ رۆ سُتے

وٲلِمس پزٕ اران



ترٕ پچہِ پلوَن

ماے تہٕ مِلرٕ ارُ وچھُم



ٹِٹہٕ وار کۄ رُم

قرنہٕ پھیُر اہیُوٗ

واون دِیُت ورتاوس پھیش

پن آیہِ ژھینٛز ژھینٛز

زن اُسۍ اُمی

گُلی آے پھُٹ پھُٹ

دِل پھُٹ پانے

گگرایوٗ ژھچہِ باکہٕ کوپاٗ ٹھبن

وُزٕ ملہِ دِژ تلوارن تیزی

ہوہَس تھرٕ تھرٕ

مۄلن الہٕ الہٕ

شرٕ ئے گھرٕ گھرٕ تلو اساہ

ٹکھ ترٕ اٗوم ہتھ لگہٕ ساساہ

# دِل چھا کُل پھُٹِہ ٹاس گوھبس

ژٕہتہٕ سےٚ یامتھ یلہٕ گٔیہِ لاکم
سوٚنٛچن لچِہ کوٚڈ ٹاس تہٕ ژٕوٚل
کم کم کوہ تےَ بال ژٕھنٛڈِن
ہتہِ نیٚوٚنس لِتھٕ واں پانس ءستی
یادِ وتن رہدار دواں گوَ
گٔنڈی زالوَ مٔنزی زن ننہٕ وور
ہٕلی ہٕلی وتہٕ پوٚ دوتہِ روٗشِتھ ژٕوٚل
یِتھٕ کنی ماجہِ چھُ شُر روشان
تٔمی سےٚ پتہٕ پتہٕ بڑٕ وٕنٹھ پوٚگُس
کھور ٹھٔہر وٗم
ژٕلٹہٕ باجن ہُنٛد چیُر گٔیش بٕوٗزُم
نظراہ تژٕ اۄدِم
بونہِ شیٚہجار وُچھُم
ہارُن زیٔن

سرتاز حقیقتھ باکہٕ ژھٹان
ونہٕ کھےٚ تہٕ بےٚ ہاوے وُنی کھوٚلتھ
لاشن آسن پنجرٕ گمتی
گُل آشن آسن برٕ گاٗمتی
موچھِ موٚران آسن وُنہِ ارمان



شاہ ماتژ ووُم
وہتہٕ رووُم
ییٚہِ چھُ نوٚن چھوکن
ییٚہِ چھُ تژ اش پکھن
دِل چھا گُل پھُٹہِ ٹاس گرٛ ھبس
ووٚلہٕ واپس پھیرَو
سمجھووُم
جاےٚژ چھا بارٕ کنڈ ہن منٛز پھیرُن
ننہٕ ووزُے چھُکھ
رتہٕ داٗوی گرٛ ھکھ

موچھِ منٛز زٕو ہێتھ دٔو رژٕلُس



دم سنٛبلوٗ وُم

ووٗش ترٛ ووٗم

چھوٚت چھوٚت اکھ درویشا ڈیوٗنٹھُم

زن تہٕ ورُق اِتہاسُک کانٛہہ

لوٚت لوٚت وٕنی نم کتھ ؤری ین ہنٛز

ییٚتہٕ قاُد نظر

رتہٕ بانہٕ جگر

رتہٕ دآوی زبان

بے معنہٕ اچھر

ییٚتہٕ کوچس کوچس کال نژان

ییٚتہٕ تان وٹان اِد لاش سمان

مبے چھُ تھوومُت پرٛتھ کُنہٕ قبرِ لیکھتھ

کوس لاش تہٕ کوس کوس آش دفن

ییٚنہٕ باسی ییتہٕ کانٛہہ گُر ہرٛ کتھ

راتھ یُتھے گگراین ہُنٛد گوم شور کنن

کل وڑ ایم

مے تہِ نالہٕ پلو کڈی

یُژ کاٹی دۄپُم

کینٛہہ کھو کھری پۆز احساس زُوکھ

وٲہراٲژ پھیٚر بوٚ شیٚہلاوِ بدن

شیٚہلاوِ یہِ تن دیوٚ شیٚہلم من

از مُشر اون سُے ٹوٚٹھ وطن

افسوٗس مگر؛

مے چھِ کھٔتۍ تی پانس نارٕ پھٔکتی

رۄدنہٕ زن اٚس نارٕ بُسر

ہُہ چھُ چون پزر

یہِ چھُ میون پزر

مے چھُ باسان اٚس

مگر وٲہراتھ ووپر



رگہٕ نٕے سٕرٛیٛہہ چھٕے

دگ تیلی

دۄیمس بیٛہہ پانس



## واٗہراتھ ووپر

ازٕ بیٛیہٕ باٗوٕتھ سوے پرٛاٗنی کتھ
ازٕ بیٛیہٕ وُزٕ ناٗوٕتھ شوٗنجرٕ ستھ
بیٛیہٕ راتس باسیٛوٗ وے تی
بیٛیہٕ وُچھتھن واٗہراتھ اَچھو
ہوٗل گنڈی تھٕے بے ولیہٕ نرٛان

رۄدٕ شرٛانہٕ وسان
شرٛونی شرٛونی شرٛونی

بُترٛاتھ گبوان
یہٕ چھہٕ چاٗنی نظرتےَ چون یقین
کرٕ سوندرتےَ کوٗت حُسین
پرٛھ کرٕ کھا؟

وقاہ گوَ تتہٕ میانِس وطنس پوشے چمنن دِویا اُس
ہر دِچ زردی پوشن از کل ٹۄرٕن گوَ پژٕ پارا ہے

ییٚتہٕ کُس بوزان زبو جذبن ہنٛز ییٚتہٕ کس فرصتھ ییژاہ ہے
کٔھن وۄلمُت میٚژ ہنٛزٕ مایے لگھ دِپنس فنکارا ہے



## مأج

مأج چھکھ ژٕ رے مایہِ گٕج مستانہٕ مأج
دأدی لدیے درد منٛد دُردانہٕ مأج
لولہٕ باغس چانہٕ رۆس کوسہٕ شوٗب چھم
مایہِ پھُلجٕژ پوشہِ گٕج چھکھ پانہٕ مأج
چانہِ رۆس کتہِ آسہِ ہے میوٗنُے وجوٗد
آنٛپہٕ دِتی تھم پانہٕ دودِ تےَ دانہٕ مأج
چأنٛز آہی ہکہٕ چھِ واتان آسمان
اِدِ چھِ بٔری بٔری میأنٛز سأری بانہٕ مأج
میانہِ لۄہژ آشہِ تےَ اڈٕ پھٔلی امار

# غزل

موصوٗمن کٔمی ہٹؠ ژھنی ژٔڈی کٔمی دِیُت شہرس نارا ہے
قبرِستانن لۆگ تاٛمپرا بٔستی گۆو لرٕ پارا ہے

عکتبن گوَ پیٚتہِ لۆٹھ امارن لاشن پیۆو لا وآرِث ناو
کیٚژوَ نکھ دِیُت ٹاٹھبن گۆبرن کیٚژن ربہِ وستارا ہے

کٔمی نیہِ کُکلِن پرَ تۄر کرأوِتھ وِرِ وارن کٔمی تبرا وآے
بُچھِ تھےٚ گوَ یُس پوشے نۆلس کتہِ آو یُتھ شہمارا ہے

تہذیبس تھۆو بُتھ نہناوِتھ اسہِ مۄژھ پانس پانےٚ ہاے
کُلی شیٚہلبن گٔر بنہٕ ٹکرأوِتھ بونبن کۆر تِکہِ تارا ہے

مٔتی آباہ وۆتھِ سانے وارے شہرن گامن گھرٕ نے ژاو
ژۄے تہِ زُو دتھٕس رَتہٕ چھیٚپہِ پانےٚ مےٚ تہِ پرٕ گوگرٕ بارا ہے

# ڈاکٹر پریمی رومانی



ناو: سُبھاش چنٛدر رایہ

قلمی ناو: پریمی رومانی

زاسنہٕ تہٕ دۄہ: 4 /مارچ 1954ء

اصل: جانی پوٗر، جوٚم۔

تٲلیم: ایم۔اے، پی۔ایچ۔ڈی۔

پیشہ: وۄستاد۔ وُنی کٕنہٕ چھہِ پرنسپل ہائیر سیکنڈری سکول۔

مطبوعات: کٲشُر: ترتیب (۱) وہٕژھنہٕ (۲) وراثت۔

اُردو: جدید اُردو شاعری، اوراق، تحریر تقریر، ردِ عمل، تاثرات، اِقبال اور جدید اُردو شاعری، پیش رفت، اِنتخاب مضامین، مظہر اِمام حیات اور شاعری

شاعری: سنگِ میل، زیادٕ تر کِتابہٕ چھےٚ تحقیق و تنقیدس ستی واٹھ تھوان۔ یِہنٛزٕ کٲشرِ شاعری چھےٚ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان۔ وُنہٕ چھُنہٕ یِہنٛزٕ کانٛہہ کٲشرِ شارٕ سومبرن چھاپ سپٕزمٕژ۔

پتاہ: 1/3، نصیب نگر، جانی پورہ۔ جوٚم۔

شوقہٕ رٕچھتھکھ دامنَس تل پانہٕ مأج
میٲنہِ باپت موم بٔتؠ ہِش چھکھ گلان
چھُس بہٕ چونُے گتھ کرَے پروانہٕ مأج
خأرِ بٔرژی! خأر چأنی أَتھہِ روٗسی
کوٗل بہٕ کلٕہن زٕو دِمَے نذرانہٕ مأج



# رویندر روی



ناو: رویندر کُمار

قلمی ناو: رویندر روی

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 13/اپریل 1964ءٕ

اصل سۆکوٚنت: صوف شالی، کُگرناگ، انت ناگ۔

حال: دہلی۔

تألیم: ایم۔اے (کشمیری) بی۔ایڈ۔

پیشہ: ریگولر نیوز ریڈر آکاش وانی۔ دہلی۔

مطبوعات: یِہُنٛد کلامہِ چھُ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھاپ سَپدان۔ یِم چھِ عام طور شأیری کران۔ مگر تنقیدس ستی تہٕ چھُکھ لگاو۔ أہنٛدِ مضموٗن چھِ مختلف رِسالن منٛز چھپان۔

# اکھ نظم

اِڈ دُتھس نکھ ٹاٹھو
انڈکُن وُڑ روۄکھ

لُکہٕ ارساتن پتہٕ پتہٕ ووٚ دنس
مےٚ تہِ وأنسن انہِ گٹہِ منٛز پھاہ لوٚب
غم خانہٕ پٔژن اٹہٕ بارِ تُلُم
وتہٕ وتہِ پھیوٚرُس
شنٛز یاہ مأنڈِم
سیکہِ لبن منٛز زأجم پاٹہٕ دیتن
غم میأنٛز ......
یِمن دفناوِم کُس
چھا کأنسہِ ہمتھ
ژٕھر کتھ کرنس حاصِل کیٛاہ



کمہِ تنٛدلہِ پکان وارِ سبدان کھارِ پتو کیٛاہ
اتھ رٹھ تہٕ دارن پانہٕ وُچھ کیٛتھ چھُ پہتھ از



اَچھر ونہٕ وأسی مِلہِ ہوکن چھُ داوُک
صدا مہمل تہٕ لفظن باش ناوُک

کلیمتی زیوِ پیٛتی ورقن چھلُن گو
شلف بٔری بٔری دُکاناہ ہاوِ باوُک

اِسم، فعلکی حرف کاغذ کیٛمنن ٹأٹھی
نظر گردان حاجتھ آمہٕ تاوُک

بےٚ پڑھ ناون یہِ بُستی خوٗب زانان
پتاہ چھکھ نا لگان ییٚلہِ باس واوُک

ہیٚچن پرگأٹی گٔری گٔری معنہِ سأوِس
وٕسِتھ سنہِ رَس گُماناہ چھا تلاوُک



# غزل

وٗج اَستہٕ موٗژان میلہٕ کنٛن ژھاپٕھ بہتھ از
یَتھ پوکھرِ اندر تاپہٕ پدٕ بن لاپٕھ بہتھ از

تمہِ دٕنٛدی پکان راتھ تامتھ اُس کیاہ رُمہٕ تٕنٛی
یٖمہِ دِوِیہِ پکان ساٗری مگر زن چھِ رٕہتھ از

نبہٕ رٕوٗدِ جربٕن شینہٕ رزَن گُس دِوان آلو
بُتہٕ راتھ ییٚتہِ لوٕ سٕری گٔمٕژ یٕژ کاٗلی مُہتھ از

یوٕ گام پٔنٕن گام دِوان اوس خبر ءکتی
ووٗنی شہرِ ژھاران نام پٔنٕن ءکتی سٔمتھ از

دِتھ موہرِ کنٛن سام لٔب بیٚیہٕ چھےٚ زُوَن باتھ
کھسہِ رَو تہٕ عالم شولہِ ما، روٗتُل تہِ نیٚمتھ از

مشقن تہِ سٔطرِ مٔتھ رِکھہٕ یادِ ووٗتُر کیٚتھ
تِم دوہ مبے چھا یاد یاداش ژٔرِتھ از

## مأصوٗم

اڑٕ گرۍ مڈٕ گرۍ
خاب یِم تٔمۍ ہِنٛدۍ
ہأوِس ما
کأنٛسہِ وُنِستام
توٕ چھِس پھیرٕ
بتہٕ چھُس گُستام
کوٗس تام چھَس یوٗس
وأنٛگہٕ پَنٕس مَنٛز
اکھ نوٚو مایا زال ہیٚہِ ووٚنٛتھِ



مبے بتہٕ ییہِ مُستی
وحشت، شِدت ییہِ ارمانن
پھٔٹۍ پھٔٹۍ نیرن
نیٚلہٕ سرس پیٚیہٕ نوٚو پمپوش



# آر۔ ایل۔ بٹ



ناو: ڈاکٹر آر۔ ایل۔ بٹ

قلمی ناو: آر۔ ایل۔ بٹ

زاسنہٕ: 12/اکتوبر 1957ءٕ

اصلی سۆکوٗنت: دمحال ہانجی پورہ،

کولہٕ گام، کشمیر۔

حال: سوریہِ وِہار، بھوری، جۆم۔

تألیم: بی۔وی۔ایس۔سی اینڈ اے اِیچ (بھونیشور)

ایم۔وی۔ایس۔سی (بایوٹیکنولجی) عزت نگر (یوپی)

پی۔جی۔ڈی، جرنل اِزم (اِگنو دہلی)

ایل۔ایل۔بی (اکیڈمِک) کشمیر یونیورسٹی

مطبوعات: یِم چھِ کاشُر شاعِری ستۍ توٗلُق تھوان مگر اَمہِ علاوٕ چھِ یِم سماجی، سیأسی، تنقیدی مضامین لیکھان یِم زن مختلف اخبارن تہٕ کِتابن منٛز چھپان چھِ۔ یِم چھِ کھیر بھوأنی ٹائمز تہٕ وِچار جریدن ایڈٹوریل بورڈس منٛز کوایڈیٹر۔

پتاہ: 425۔ لکشمی وِہار، بھوری، جۆم۔

## فنا فی اللہ

موجوٗد تہٕ بقا

نصر بابُن مول ون چھُ کُس؟

کنہٕ واجن منٛز بنٛد کیا زِ ذاتھ

طریقتس تہٕ مأری فتس

گنٛڈوٗن چھُ کُس

منصوٗرنی ون ییٚہ حالات

وُچھ ظُلمات

کُرٛہُن چھُ کیٛول

ووٚزُل اَنتر

دوٚشوٚنی منٛز باگ

دوٚشوٚنی ہیوٚ ربون

عیُن الزات

رازِ حیات

تیٚلہِ ون ژٕ کُس؟

ییٚچھِ لار یوٗمُت

لس پٕچھ ووٚمید

اتھ پمپوشس

کھسہِ نہٕ جل اُدبھَو

کشپس پیٚیہِ نہٕ بڑٕمن پھُٹراوُن

پھال ہٕتھ بالس لارُن

پیٚیہِ نہٕ انتس

متہٕ وٕنۍ توس

اڑٕ گٲری مڑٕ گٲری

خاب یٕم تھٕوۍ ہشدی

وُنہِ پٕچھ شہلی

ہاوِس ما

کانٛسہِ وُنِستام



## ذاتھ

ہُہ گُسُن بہٕ گُس

تیٚلہِ ون ژٕ گُس

ون کثِاہ مانکھ

کوتاہ زانکھ

دٔپچھِنٖ کھوٖری

وُچھ وأراگ

تَنُد عتاب

تمثیلِ آدم

پھُٹُمت آدن

ازلےَ گُنڈِتھ چھُس وسواس

ےٚ پڑھ بےٚ ژۄک

زبنہٖ بڑوٗنہہ مأرِتھ

وشفس کھأرِتھ

اشرف، آزاد

خودسر، خۆدی

ون کثِاہ گرٛھی

پٹھٕ پٹھٕ گاران

پڑاران کرپہٖ

ژٕوچن، ژٕنجن

کٕنن اثبات



## خوٗدا

زاٖنتھ تہٕ ماٖنتھ

پزر پزٕ اٖنتھ

صحیفن منٛز

لفظس سٕہ لغزِش

زیرِ سٕہ زبر

پزٕ کھٹ تہٕ ۄیوٚٹھ پوٚٹھ

سمیَس پیٚٹھی پیٚٹھی

قلاے گٔرِتھ

تارکھ نب

ہیٚرِ بون گنٛڈِتھ

گنٛڈ وَ رُستے

کر حاٖرتھ

نێشہِ بوٚ د بود
تێہہ روٗس تبنٛگُل
کُنہِ نہٕ کہیں
کتہِ آنند
کتہِ ناد ببٛند
کتھ کٕیت سَرُن
دھرم دَرُن
سنٛگس پھرُن
أڈۍ جہِ کرٛنز
مسوال تےٕ دٛند
گاٸمتیٚ بٛند
پٛزاران کس تام
تلوارِ تیٛزس
یُس ژُھنہِ پھُٹرِتھ
شِنٛہک زال
آنند سال شیرِ بےٚ فرٛوک

چون اعتقاد



## پٕر باپہٕ

بُدھ چھا بُنٛد

کٕرنہٕ آنٛنٛد

شِنٛیاہ گومُت

کرٕ ہنٛس کرتام

امہِ بڑ ونٛہہ

از تام

بیٚیہِ بڑ ونٛٹھ گُن

کٔیاہ چھُے پےٚ

کتھ کرٕٔ لےٚ

کیٚتھ آنٛنٛد

کُس پابنٛد

پانٛ روٗس شیٖن

اٗلفہِ روٗس میٖم

# مکتوٗم جے کِشن رینہ



ناو: جے کِشن رینہ

قلمی ناو: ماسٹر مکتوٗم

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 20 دسمبر 1943ء

اصلی سۆکوٗنت: ژوگام، دِوسر، اننت ناگ، کشمیر۔

حال: احاط امر سنگھ، کچی چھاونی، جۆم۔

تالیٖم: بی۔اے، بی۔ایڈ

پیشہٕ: سرکاری ووستاد (رِٹایرڈ)۔

مطبوعات: ہِندی بھجن تہٕ غزلہٕ چھِ مُختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھاپ سَپدان۔ یم چھِ افسانہٕ تہِ لیکھان۔

پتاہ: کوارٹر نمبر 4، اولڈ ایس۔ایم۔جی، احاط امر سنگھ، کچی چھاوٕنی، جموں۔

تمہٕ بانن

یمو چھُ لارُن

وجوُ دُک سرٔ یہ

دُنیاداری

دوکھہٕ مکاری

وَنی گوو لِتھ

ایمانہٕ پلوس

پۆزِس رنگس

شرٔ دایہٕ سان

☆☆☆

یمہٕ تھرٕ لُجمو اُڈی جن خس گوم    دمہٕ دمہٕ بۆلی بۆلی گۆوبنٕد گۆ
ہمراز کُکلے تی ونہٕ کس گوم    گنٹایہٕ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

ببن مُشرِتھ ہبن مکتۆمسؔ گوم    دبن راتھ ہرشہٕ نے کھۆنتم کھۆہ
شن وِنٕی طرفن ذرٕ ذرپھس گوم    گنٹایہٕ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ



## تھاوزیرٕ بمہٕ ہے گوش

لےَ کر پانو شبدٕ آؤمہٕ ہے    تھاو زیرٕ بمہٕ ہے گوش
زےَ کر پےَ بوز نِش سۆہم ہے    تھاو زیرٕ بمہٕ ہے گوش

اوم شبدس چھُنہٕ ژھبن کُنہٕ دَمہٕ ہے    سۆم پکھ بوز کر تہٕ ہوش
بۆم ٹھُک فِکرن اندیشہٕ غمسے    تھاو زیرٕ بمہٕ ہے گوش

مس چھُکھ گومُت مَنز مہُہ بزمہٕ ہے    سوستھ روز بن مہٕ بے ہوش
خستہٕ ہینہٕ سپدکھ بستہٕ اُہم ہے    تھاو زیرٕ بمہٕ ہے گوش

## سۆہم سۆ اللہ ہۆ

استانہٕ پنہٕ نے مستانہٕ مس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ
دِل گوم دیولنہٕ سے پتھ کس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

سِلہٕ گوم سینس ہشہِ وسوسہٕ گوم دِلہٕ رٕکنۍ کوٚرمس گۆ تےٚ گۆ
نِلہٕ وٹہٕ ہے للہِ کلہِ تنزرس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

رُمہٕ رُمہٕ بُمہٕ نے منٛز باگ چس گوم ڈُمہٕ ڈُمہٕ ڈابرٕ وایان چھۆ
چُمہٕ کیٛازِ وہ پرن پاٗنۍ پانس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

من مۆہت آتٕمہِ دیٛانس گوم ہنہِ ہنہِ ادِ پرٛزِ نووُم رُح
دن دیٛار رکتھ رٕکتۍ فاٗنۍ فانس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

شلہٕ بۆزی بۆزی وۆل خول مےٚ پس گوم واہ لۆب لاچس کوٚرمس تھۆ
گاہ تڑوو گاشن گٕڈ ہے بس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

# شریمتی چنٛدرا ڈاسی



ناو: چنٛدرا ڈاسی

قلمی ناو: چندرا ڈاسی

زاسنہٕ ہٕنز دوہ: اول ستمبر 1942ء

اصلی سۆکوٗنت: ہرے کرٛشن نِواس، نئ بستی،

اننت ناگ، کشمیر۔

حال: ہاوِسنگ کالوٗنی روٗپ نگر، جۆم۔

تألیم: میٹرک

پیشہ: گرٛہست پالن۔

مطبوعات: (ا) چنٛدرٕ واکھ (2002)

(۲) لولُک ناد (2006)

پتاہ: ہرے کرٛشن نِواس۔ اہن 45۔ سیکٹر 3،

جے۔ ڈی۔ اے ہاوِسنگ کالوٗنی، روٗپ نگر، جۆم۔

دم چھے غٲنیمتھ راور مہٕ دَمہٕ سٟے　　چمہٕ خمہٕ بوز بول بوش
سمسار بالہِ یار چۆن جامہِ جمہٕ سٟے　　تھاو زیرٕ بمہٕ سٟے گوش

پڑہلادن کوم کٔر نارٕ تھمہٕ سٟے　　ڈٔلہٕ نٔہلس پہوٚ کوش
مہُلا گو پڑکھُٹ رویہِ نرٕسہم سٟے　　تھاو زیرٕ بمہٕ سٟے گوش

دَے نوٚ چھُ وُچھان زیاد س تہٕ کمہٕ سٟے　　طے کر لولُک ژٕ جوش
سَے چھَے وتھ ژھار لار پرٕمہٕ ہمہٕ سٟے　　تھاو زیرٕ بمہٕ سٟے گوش

کیاز چھُکھ مُشتاق مایایہِ سمہٕ سٟے　　رازِ دِلہٕ سٟے کر تہٕ اوش
نازِ عُطرٕ بوے خوے ژٕے آتم سٟے　　تھاو زیرٕ بمہٕ سٟے گوش

حالس مکتوٗم لالس نمہٕ سٟے　　کالس جفادِ بر دوش
پیالس گرٕاے پنہٕ لگہِ آگمہٕ سٟے　　تھاو زیرٕ بمہٕ سٟے گوش

☆☆☆

(۴)

پانےَ پُچ تےَ پانےَ شڑاکھ

پانےَ کڑھ تےَ پانےَ گڑاکھ

پانے نارس پپٹھ دِوان پاکھ

شِوٕ چھُکھ پانےَ کاثہہ نو بیثاکھ

(۵)

اثت رۆس ویٚشیوَ کوتاہ وۆلہکھ

دۆلہکھ دلنہِ زن کثزٕبے مَثز

تِلہٕ وآئی دانڈٕ ۂنڈی پڑ دِکھبن دیۆوٕہکھ

مۆثٕ رووہکھ ۂہہٕ شال سُثد کڑثز

(٦)

منہٕ چے زیوِٚ ۂتی پر سۆہم سۆ

ہم تڑ آدِتھ پتہٕ روزِ سۆ سۆ

دم دِتھ نۆن نیرِ پانےَ ہم سۆ

ہمہٕ کُے گلہِ خم چھُے سۆ سۆ

# واکھ

(۱)

آشا ترٛیشنا سورٕے ترٛووُم
پرٛووُم منہٕ اِنٛدرِیہٕ ووٚپہٕ واس
سد گوٚرٕ ژرٛنن تل پان سووُم
نۆن دزٛاو پانٕے باسکر ساس

(۲)

یاوٗن زولُمت اوسُم کامن
کرٛوٗدن تہٕ زاٗجہرٛ اٗہم کاے
مہُن، لۆبن اوس وۆلُمت دامن
نۆن دزٛاکھ باسکرٕ غاٗب گیہٕ ژھاے

(۳)

سۆم کھار سۆم ترٛاو سۆمٕے سۆمراو
سۆم لاگ سۆم وُچھ سۆمٕے سار
سۆمٕے زاٗنتھ اوٚمچی تار پرٛاو
سُم دِتھ دِیہٕ یو بوسرٕ تار

# چمن لال کانٹرٗو



ناو : چمن لال کانٹرٗو

اصل سۆکوٗنت : انت ناگ، کشیٖر۔

حال: کرن نگر، جۆم۔

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 25/جولائی 1947ءٕ

تالیٖم: بی۔ایس۔سی

پیشہٕ: وۄستاد

مطبوٗعات: (ا) انگریٖزی شارٕ کِتاب: "Eternal Sin" کانٹرٗو سٕنٛز اُردوٗ تہٕ کأشر شأعری چھےٚ وۄنی لگاتار رِسالن اَنٛدر تہٕ چھپان۔

(۷)

ستہٕ گور منہٕ مَنٛزلِس مَنٛز سوۄم
واوِ داوَو ءستی دِژمَس زیٖر
سۄہم شبدَے اُدگیت گیٛوۄم
نوۄم من تےٚ بوونم سیٖر

(۸)

منہٕ آسنَس ژےٚ پمپوش وتھراو
شنکھ نادَے ءستی لائِس ناد
سۄہم شبدے اُدگیت بوزِ ناو
شانٛت لےٚ گُرٛشی تھےٚ سپدکھ شاد

(۹)

أنٛدرِم مپچھر کمٕی ژہہٕ نوۄکھ
کمٕی ہیٛچھِ نوۄکھ زٕتھ دوٗد چوٚن
سمساری مایایہِ ژےٚ راوِ روۄکھ
حبس کر سنہِ رس دیٛو لتس ووٚن



# نظم

گُلہٕ پھُلہِ یَن سُلہِ وولہِ للہٕ کھوٗل کر
مُلہٕ وُنہٕ لن ظُلہِ جل گاہ چھوٗل کر
پوٗشن پوٗشی پوٗشُن یُتھ اند
سِیہٕ اوٗ برس اسہٕ تھوٗسی پڑو زوٗل کر
زٕژ، زگتس زم زٕمی وُزِنو سگ
ڈبکہٕ مُژ رِتھ سمہٕ یَس گاہ چھوٗل کر
ٹٕرش وِگہِ نٔبن ساز ُک جودٔ ہٕتھ
صُبح مسولہِ وژنن دُرٕ دوٗل بَر
پکہٕ بکہٕ وِزِ وِزِ یتھ سمسارس
مٔدی بوٗمبرن یمبرٔن مایاہ بَر



## واو وَج

رأژ گاٹٕژ گَٹھ تہٕ واوس وَج پکھن
''گاشہِ ژٕوچہِ'' زن وبگلٕنۍ مشرف گوٗمُت
گُلۍ گُمتۍ رٕوٗزِتھ ییٚے زن لاٗنژھ ہی
آبشار زن خوجہِ شُرٕبن ہی سونہٕ گوٚبرۍ
گُس مژر بیٚتہِ موردٕ آمٕتۍ ووسنس
رٕوفۍ کران کرٕژز آو ریٚنہِ ہکہٕ چنن گِنٛدن
سوٗنتہٕ بل سوٗرِتھ بنٛیوٗمُت موتہٕ بل
وچھ پُژان وتھ دوال موٗنٛڈ مالِنس
گاٹہٕ جارس کوٕ سپُد بیٚقل مذاق
اسہٕ وٕلِنس رِکتھٕ بڑیڈۍ کڈان وُٹھ پنٛنۍ
اوٗش نہٕ بہٕران راوٕ رُن یاوُن مژر
ژٕتھ مزارس چل گِنٛڈِتھ نیچر لسوٕان



# اکھ ڜکو

ڗّے پتھ پکِتھ تلُم سفر پَزر ونےَ پَزر
دِڗتھ مہ ساَ ڗّے ڗھر نظر پَزر ونےَ پَزر

کران ڗ پانہِ اُش چھکھ رٕنگتھ ڗّے ماَٹزِ نم
مۆلُتھ یہِ میۆن خۆنِ جِگر پَزر ونےَ پَزر

گرڜھان مبے چاَنٕ بڗ اُٹتِ چھِم نمان یہ چھُس کنبن
ڗ وُچھتہِ چھُم یہِ کیُتھ سبز ر پَزر ونےَ پَزر

یہ ترٛووتھس ڗّے مَٹزِ وتے یہ نیرِ کور گُن
دیٖتُھ یہِ لولہِ سپے لوڗر پَزر ونےَ پَزر

یہ مایہِ چانہِ وٕنٕ دِوان تہ دشہِ گنڈان چھُس
ونان چھِھَم یہِ چھُے مڗر پَزر ونےَ پَزر

فقط مبے کر اکے نظر ڗلبم سورُے ہجر
مبے لانہِ چھُم لیٖکھِتھ ہڗر پَزر ونےَ پَزر

# پیارے لال بھان



ناو: پیارے لال بھان

قلمی ناو: پیارے بھان

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 2 رفروری 1946ء

اصلی سۆکوٗنت: بُلبُل لنکر عالی کدل، سرینگر۔

حال: جۆم۔

تالیٖم: ایم۔اے، بی۔ایڈ

پیشہِ: رِٹایرڑ ووستاد محکمہ تالیٖم۔

مطبوعات: یِہُنٛد کلامہٕ چھُ مختلف جریدن تہٕ رِسالن منٛز چھاپ سَپدان۔ یَم چھِ دراصل صوٗفی شأیری ستۍ توٗلُق تھوان۔ باضے چھِ لیلا تہٕ لیکھان

پتاہ: دُرگا نگر۔ جۆم۔

کمہِ شاپہٕ ولنےٚ آس تاپن ژٕنٛ گٕرم بدنس
بے آر بٔتھی پھِر چھِم پیٛنچ وٕہراتھ أچھن تل

کمہِ آشہِ گنٛڈان پیارِ بھان وُنہِ دشہِ چھُ استانن
چھِم تُل مُلکِی بیٛیہٕ پرٕبتکو رٕتی ساتھ أچھن تل

☆☆☆

کتھن ہران ژٔے موکھتہٕ چھے ژٕ پیارِ پوٚختہٕ بن
ووٚنٛدے رٕتُن کھٕٹُن تژٕر پٔزر ونے پٔزر



## غزل

چھِم وُنہٕ مبے روٗنیلی ژِہی تہٕ مُژِھلی ساتھ أچھن تل
سُے لول بیٚیہٕ تِم لولہٕ ہٚتی آیات أچھن تل

ہنگہٕ منگہٕ گیہٕ ٹھسراے ژوپاٗری بس فقط وٗہراے
گٹہٕ زوٗل تہٕ سُے اندکار بیٚیہٕ سوے راتھ أچھن تل

پھرٛٹہٕ تَم تہٕ ژھرٛٹہٕ ژھرٹھ، اوس تتہٕ سٔیز کتھ کرنس زاپھ
بس روٗز پتہٕ ریٚش وأر تہٕ مساوات أچھن تل

اسہٕ اوس کُنے رنگ تہٕ ڈنگ بیٚیہٕ اوس کُنے زُو
وَنہٕ کس مبے وُنی کین چھِم یہِ کیٚتھ ظُلمات أچھن تل

یہٕ آس تژٕ اُوِتھ مال۔او۔زر بیٚیہٕ زُو جان پٔژن تٔتی
بس چھِم مبے تِم لیلایہٕ بیٚیہٕ تِم نعت أچھن تل

# رۄدٕ ہ مال

ڈل راژ مبے ڈیٛوٗٹھم
صُبحاۓ پگہاۓ
پن تاران
رۄپہ لاٗ نکہِ زُوِس پٹھ
لل دێدِ ہنٛدٕ ن رۄ درٕ پھلٕن
یِم چھکرِتھ پتھرِس بے ترتیب
أڈی ہور ڈلان
أڈی یور ژلان
أچھ رۄٹہٕ گٔیس
یامتھ ڈیٖنٹھِن تھٔدی نارٕ لمبھ
مَنٛز باگ ڈلس
ملربو وۄن ہَس اَسِہ دِتہٕ ترٛیش
تھونبہِ تھونبہِ ترٛ اۄن ترٛیش تمن
پۆز کرِ ہے کیاہ زن نارٕ برٛیہن
تم گٔیہِ تیز ان

# شُبن ۔کے۔تِکوٗ



ناو: شُبن تِکو

قلمی ناو: شُبن تِکو

زاسنہٕ : مئی 1942ء

اصل سۆکوٗنت: وَڑوَن، سویہِ بُگ، بڈگام، کشمیر۔

حال: منور ما وِہار، بھوری، جۆم۔

تٲلیم: بی۔اے، ایس۔اے۔ایس (دہلی)

پیشہ: آڈِیٹر، اے۔جی آفس، سرینگر۔

مطبوعات: یہنٛزِ شأیری افسانہٕ بیٛترِ چھِ مُختلف رِسالن منٛز چھاپ سَپدیٚمتۍ۔

اے۔جی محکمہٕ کِس میگزینَس چھِ یم ایڈیٹر روٗدیٚمتۍ۔

اوارڈ: (۱) آفیشل لنگویجز ڈِپارٹمنٹ کہِ طرفہٕ، ریجنل اوارڈ۔

(۲) پارلیامینٹری کمیٹی آن لنگویجز کہِ طرفہٕ اوارڈ۔

پتاہ: 151، لین 18، ای، منور ما وِہار، بھوری، جۆم۔

کارِ وُٹھنۍ دِتھ

ہاران چشمو موکھتہٕ موٗلُل :

''آنٕچہٕ منٛگان چھِ بچہٕ میٲنۍ اَمی''

آسہٕ پتھر پھٕو ڈل رازس

لل ژھانڈان مال

کنہٕ وان گٲیس :

''وولہٕ بےٚ کھسہٕ کاٗٹھس

کاٹھ ژٕ سۆمبراو

دٕو دگ لوتہِ زٕگتس

کھر نیرِ رٕۄ درس''

لل دێِد ووٗنِتھس :

''راز ٹھہر

وُنہِ کھُر چھُ پێتی

وُنہِ کھر او پێتی

وُنہِ بابہٕ شکوٗرس نٲٹس چھُ پونۍ

وُنہِ بابہٕ رێشِس آسہٕ پێتی

کرٛ کہٕ ناد زبرون تیٚنٛتاٗلی تُل :

''ہے ہتہٕ سآ ہے ......
درجاتھا زینکھ
شرٛاکہِ لمکھ
یوسہٕ گٔمی تام بوڈٕوم وٲلنٛجہِ مَنٛز
ہے! کرٛیشان چھُس ، ویٚہہ چھُم جِگرس
تیٚاگےٚ یۆ دوَے پرٛان بہٕ وُنی کیٚن
رٲچھ کری کُس یتھ ریٚش وارِ؟''
آسَس تھچھ دِژ ڈل رازن

بیٚیہِ لۆگ ژھانڈنہِ
کوٗنَش کھورن ہٕنٛز
تھرِ تھرٕ آٗسس بدنس ہیٚرِ بون
ویٚہہ زن تیلیوٗس
یامتھ ڈٲنٛشِن

ہٕنٛد ریمٕژ وٕہٕ پھرٛ کہٕ ہٕژ جٔو ریٚا
پوٗشہِ نٔولن ہٕنٛز

لاثکہِ ہُٹد پوشہِ نؤل پیٚہِ کرِ بول بوش

پیٚہِ پیہِ سبزار

پیٚہِ پھیرِ شیٚہجار

روپہِ ہنٛزِ ریٚش وار

ژزٲرِ کَس پیرِ سنٛزِ مأری مٔنٛزِ پیرِ وآر



## آلو

یِزکأ لی مبے ڈیٹھٹھ

مأج ژِ پیٚہِ از

سٹد یا سمیٖس

دؤ را فرؤڈی کوہ دامنٛ

رِژ وارا ژأرِتھ

ترٛ نگہِ گنڈان

از کلہِ پؤش چون اوس گاہ ترٛ اوان

ٹیٚکی تالہِ ہنٛزِ زِژِ آسہِ ژھٹہِ ماران

زر بأفی چؤنی تالہِ ژؤک پژِزِ لاوان اوس

رێش مول یہٕ سوزکھ یارٕ بٔلی
آلو ترٛ اوبکھ ناد دِیکھ
یکہِ وٹہٕ رۆ زِتھ آسن دارَو
بیۍہِ اکہِ لٹہِ أسی نۆفُل پرَو
بیۍہِ اکہِ لٹہِ أسی ذِکھرِ کرو
بیۍہِ اکہِ لٹہِ أسی سُجدٕ کرو
اللہ ہو اکبر
اللہ ہو اکبر

بیۍہِ اکہِ لٹہِ أسی پرَن پہمو
شرٛناگتہٕ وتسلہٕ ونتی بوز
ترٛ اہہِ مام، پاہہِ مام
ترٛ اہہِ مام، پاہہِ مام
دیٛو کھُر نیرِ مالہِ
پن بیۍہِ تاروس
شرٛ اکھ نیرِ زبرون بالس وچھِ منٛزٕ
نارٕ برٛیہن دیٛو بیۍہِ پیۍہِ امرٕتھ

مأج! دِکھ نا آلو شری بٹ ہے
دوٚ میٚنڈ لد بُتےٖ رأ ژ دِیہ ہے پاڽ لوٖ
وےٚیہہ لد واوس پھیرِ ہے شیٚہجار
ڈل ژٔنڈی ما ووٚشلن
أنہٖ وُچھن پیٚہ وِگنہ سرس منٛز
پأرن مس پیٚہ نِشاطس منٛز
تر اون ژٔینڈ را ویٚتھِ ووٚ ترِس پٹھ
پیٚہ گرشہِ کنن للہِ ہٕنڈی واکھ
زوٗنہِ تےٖ أری نہِ ہٕنڈی لأنی وژن
مأج! ہاو بجر
دِس آلوَ ووٚنی
دارِ وسان چھُس اوٚش چیٚشمو
بوز وٚنتی ووٚنی
دِس ووٚنی آلو



سدٕ ٲ پیٹھس

بیٚیہِ شنکر اچارس

گاہ ترٛ اوان ٲسۍ چانہِ ترٕنٛگکۍ لاٹھ

گاہ ترٛ اوان ووز جار کلہٕ پۄشُک

ڈلہٕ ملرٚن مَنٛز

یمہٕ یۄرۍ پکان

سنٛد یا سمیَس

بیٚیہِ پکناوان

تس مسولہِ ہنٛدِ روٗیُک ووشلُن

یوسہٕ زلیہِ گُمُژ از نارٕ وٹن پیٹھ

دۄر جِھرٕڈی بیٚیہِ پُرکھۄکبن جنٛدٕ خمن مَنٛز

وٹھ گومُت تس ارٛ مانن

دٕج لاٗ گِتھ پھبرٕنس ووش ترٛ اوان

ووش ترٛ ٲدِتھ سونٛچان ۄُچھِ ہن مآج

بیٚیہِ شیٖرِ ہَس پۄژ تہٕ ترٕنٛگکۍ لاٹھ

بیٚیہِ نیٚنٛدرا ترٛ ٲدہَس کوچھِ مَنٛز کاٹلۍ

# بدری ناتھ اِبھلاشؔ



ناو: بدری ناتھ

قلمی ناو: اِبھلاشؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: اگست 1942ء

اصلی سۆکۄنت: اچھن پُلووم

کشمیر

حال: دُرگا نگر جۆم۔

تأليم: میٹرک

مطبوعات: کھماپوش (شارٕ سۆمبرن)

پتاہ: سکٹر 1 دُرگا نگر جۆم۔

# مأج

یۆد مے آسم میل قلمس تیٚژ یُتاہ پونٛی منٛز جھیلِ ڈلس

کاغذس آسم مے راداتیۆت یُتھ مانسبلس

توتہٕ پیٚیہٕ پرٕ چأنٛی گون وکھناونس

چون تھزر، چون بجر

چأنٛی عضمت مأج میأنٛی

گرٛشمہٕ ژنٛجہِ منٛز وتہٕ گتھا ڈیٚشان ییٚلہِ یخ نیلہٕ ناگ

وأرٛنجا شیٚہلان چھِ لس تہٕ چیٚشمن ترٛ اَتھ چھس پہوان

چانہِ پۆژِ ہنٛزِ گرٛلہِ منٛز باسان مے کأتاہ نیلہٕ ناگ

کۆت شیٚہجار

کۆت سبزار

چانہِ کوچھِ منٛز مأج میأنٛی



ڈیٚنٛشِتھ بۄزتھ اِنسان تڑٛہران موتَس اَنٛجرٕ تتہٕ کھۄہٕرن
زِندگی موتس چھِ اِستقبالس حالس چھِ روٗتُل حالس چھِ سُل



## من گولرووٗم مایایہِ نِش

گیٚلِ گیٚلِ ءستی ییٚلِہ اُلرووٗم من گولرووٗم مایایہِ نِش
گولِ مٔنٛز ولہٕ ءستی یلہٕ کرنووٗم من گولرووٗم مایایہِ نِش

مُہہ مد موچھِ موچھِ ییٚلہِ منسووٗم کام کرٛۄد کوچھِ مازِ رِنووٗم
سنتوشہِ سٔدرُک لٔدر گنڈٕنووٗم من گولرووٗم مایایہِ نِش

لالس پادن تل کلہٕ ترٛووٗم پان پنہٕ نُے تتہٕ مٔشرووٗم
آشہِ ہٕنٛزِ کھونہ مَنٛز گاش سومبرووٗم من گولرووٗم مایایہِ نِش

لولِہ مَنٛز لالٕنۍ پاد رٹہٕ نووٗم اشہِ ولنہِ گرٛایا کڈٕنووٗم
پادن وٹھٕ نُے پان ہیٚچھنووٗم من گولرووٗم مایایہِ نِش

# حالس چھِ روٗتُل حالس چھِ سُل

بالس پتھ کُن کالس آلوَ نالس تھپھ تےَ مالس لوٗٹھ
لنہِ گٹہِ مَنٛز لوٚگ آدم زالس حالس چھِ روٗتُل حالس چھِ سُل

تتہِ گو سمیا ہِریَس لوٗسِتھ گاشُک چھٔنہٕ تتہِ کانٛہہ پرتو
رتہٕ چھیٚپہِ گلہِ ٹوٚری لگی مہاکالس حالس چھِ روٗتُل حالس چھِ سُل

اِنسان زاگان آدَم رتس ژتبس ما چھُس بُرٛژ مرُن
میٚرِژ موٚر ہبتھ گرٛدھِ تل پاتالس حالس چھِ روٗتُل حالس چھِ سُل

گونہاو ہیوٚل کوٚڈ ییٚلہِ اِنسانس پانس تانٛی ما روٗدُس کینٛہہ
رتھ کھوٚت بُرلیہِ پیٹھ پا ژٔالس . حالس چھِ روٗتُل حالس چھِ سُل

شیٖرِتھ پاٗرِتھ باغا اوسُم ماٗصوٗم تتھ مَنٛز اٗسی گُلی کٔٹ
ۂٹ ژٔٹ ژھنٔی کٔمی تانٛی نالس حالس چھِ روٗتُل حالس چھِ سُل

سمیَس لیکھُن تتہِ نوٚو اِتہاس ستہٕ ٹاس تمہِ کنٛز لگٔی پھٹنے
یمراژٕ گومُت ریٚش وارِ سالس حالس چھِ روٗتُل حالس چھِ سُل

# بھوشن ملا بھوشنؔ



ناو: بھوشن لال ملا

قلمی ناو: بھوشنؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 24/اپریل 1948ء

اصل سۆکۄنت: سنگرامپورہ، سوپور، کشمیر۔

حال: شالیمار گارڈن، صاحب آباد، یو پی۔

تاٗلیم: بی۔ ایس۔ سی، ایم۔ اے (ایجوکیشن)، ایم۔ اے، پری وِلیس (کشمیری) اِنگلش آنرز، بی۔ ایڈ۔

پیشہ: سرکاٗری ووستاد۔

مطبوعات: یِہنٛز بکھتی شاٗیری تہٕ واکھ چھِ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان۔ کِتاٗبی صورتس منٛز چھُنہٕ وُنہٕ یِہنٛد کلامہٕ چھپیومُت۔

پتاہ: شین اپارٹمینٹ۔ پلاٹ نمبر 907، فلیٹ نمبر UJ-2، شالیمار گارڈن، ایکسٹینشن-I، صاحب آباد۔ غازی آباد، یوٗ پی۔

تامسی تہٕ ماسی کھن ترٛاوِ نوٗوٗم ست سنگہٕ پیٛالا چاونوٗوٗم
بوچھِ بوچھِ کرٕدٕن موچھِ مَنٛز تھوٗوٗم من گولروٗوٗم مایایہٕ نِش

لولُک بیٛولا ییٚلہٕ نٔروٗوٗم انتاہ کرنٛن تہٕ بأگروٗوٗم
وہٕ ہارس مَنٛز تی پاٗنٛزٕروٗوٗم من گولروٗوٗم مایایہٕ نِش

لزٕ پزٕ وزِ وزِ سُے سگہٕ نوٗوٗم رسہٕ رسہٕ حبسہٕ ہیٚول پُرٛوٗوٗم
ابِھلاشٛ ہبتھ راٗچھِس پُشروٗوٗم من گولروٗوٗم مایایہٕ نِش



أنٛدری أنٛدری چھُکھ سپنٛدن شکھتی
ڈ‍ٲڈ چھِ سپدان چانہِ لولہٕ ستیٚ بکھتی
ناوِ چانے مالا پھِران روزے
لبہِ آتما سۆہم سۆ مۆشلے

رتھِ کھالُن برٛہمن زٕنم میٖونے
شاہ کھسہِ وسہِ منٛز چھُم ساز چونے
برٛ وِمدِ پٹھِ چاٮ۪نی نامہٕ سمرنے
لبہِ آتما سۆہم سۆ مۆشلے

رژِ رژِ منٛز شولان چونے ظہور
ییٚنہٕ وُچھمُت تتھ منٛز تہٕ ژٕ ے چھُکھ پۆر
پادِ کملن پۆزان چھے ژٕ ے سمے
لبہِ آتما سۆہم سۆ مۆشلے

پننہِ درشٔنی راکھبس پرٛکرتھ کۆر
سمسارِ کبن اُگر رٕ پن کرسۆر
گُل ژٕ پھولہٕ راو میانہِ میٛرٕ ننہِ وانے
لبہِ آتما سۆہم سۆ مۆشلے

## وَنِہٕ

چانہِ درشنہِ میلہِ دِیہ زٕبون پٔے
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُشلےٚ
پرمہٕ داپِھ ترٛپتی سپدِ منٛےٚ
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُشلےٚ

اَنہِ گژھہ چانہِ میلان پٔزرُک گیان
موکھ وُچھنےٚ پراوان چوٗنُے دِیان
سہٕسرِ دارس ناد ببٕنٛد چانٛنی شٔے
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُشلےٚ

چھِی بژ ہمانڈس بھاسکر ژٔرےٚ پژزلونی
رنٛگہِ کلشس اوم کار چھِی شۆبہِ وِنی
یہِ چھِ چانٛنی کرٛپا نارانےٚ
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُشلےٚ

لولہِ نیٛتھرٕ و گیانہِ پرٛکاشہِ پھۆر بر
دۆیتہِ باو تےٚ پاپھ شاپھ سانٛری ہر
پان پُترٕے میٛہ پادن دِلہِ جانے
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُشلےٚ

(۳)

ہرِ اوم تت ست منتھر زٕپتھے
گیر رنٛگہٕ وسترٕ ترٛأوِتھ نالی
سیر برٛہمانڈُک سرٕ گرٛتھ گٔری تھے
لبہٕ ہَن پرمےٚ داپٕچ ڈالی

(۴)

اَپُرا ترٛأوِتھ پرٛرا پرٛووٗم
یرٛتھِ پرٛتھِ ءستی دَے رنٛگہٕ نووٗم
پانٛژتھ داہ کاہہ ءستی نرٛنووٗم
انٛترٛ آتما رنٛزٕ نووٗم

(۵)

شہن ہٕنزٕ کھسہٕ وس ءستی ءستی پورشس
مؤلا دارس دیان دأرِتھ
اِدٕ اوٗم شؤلِتھ گرٛتھِ وبرٛشس
ادم نیرِ شاہ پانس پأرِتھ

منہٕ بھوشَن چھِی کران چاۍنۍ آرتی
نودارٕ رِکس رَتھٕسے بن تہٕ سارتھی
ژلہِ شک سورٕ ے گلہِ مرٕنک بھےٚ
لبہِ آتما سۄہم سۄ مُٔژلےٚ



## واکھ

(۱)

ستہٕ کُے وژُنا ستہٕ سٕے پڑاوے
اگیاۍنۍ ہسٕزرس پھٕٹہِ گوتھ دِتھ
ست وژن سادس سیٚز وتھ ہاوے
سُٕہز سُہ پڑاوے دَے پڑزنتھ

(۲)

من رنٛزٕنوُم بٕہ بٕہ کٕری تھٕے
لأرِگتھ ابھِ مانٛچہِ کاژے
دیہِ ناوُک یام تیٖر گوم ترٕی تھٕے
ژہنن گوم کٕری تھٕے موٚہچہِ ہاژے

(۹)

ترٛ ہن سیٚنٛدٛ یایَن امرٛ تھ پۄزِتھ
سگہٕ ناو دیٛہہ کایہِ رنٛگہٕ رنٛگہٕ پوٚش
مشکہِ ادفر پۄزِ پۄزے سۄزتھ
پُزٲرِس آ، اُتہٕ مأ کُے ہوش

(۱۰)

ترٛ ہن بوٚنَن مَنٛز زُو چھُکھ پانے
زُوٕ زأژن مَنٛز چوٗنُے نوٗر
سِریہِ پرٛکاشس تیٛز چھُکھ پانَے
جایہِ جایہِ شولہٕ وُن کرٛشنہٕ کرپوٗر

☆☆☆

(٦)

وتہٖ وُن کُری تھے وَنہٖ یُس پیے
کل کُری کُری سُے دِیہٖ نا ژتھ
یَس حد پڑاُٹھ لولہٖ نَدِپے
سُے نِہٖ پرمہٖ دامہٖ امرتھ چیتھ

(٧)

رَسہٖ رَسہٖ حبہٖ یُن چھے مَنز دِیانس
ریۆش بنہٖ زپہٖ مال زپہٖ ناوِتھ
اۆم کُے تیز شولہٖ ناوِتھ تھانس
پانس گژھِ پان پڑزناوِتھ

(٨)

ست زَن کھُسی تھے ست سنگ وزِیس
ستہٖ دپوس ستی ماران ژھال
گیر رنگہٖ دستار النکار جوٗرگس
زِندہٖ موٗرژن ستی نالی نال

## وُنۍ کبن

رُٹن من ڈنٛجہِ گژھ بیدار وُنۍ کبن
گژھی اِدٕ زان وُچھِ ہن یار وُنۍ کبن
ژلی سورُے منُگ مل پژار وُنۍ کبن
رُٹس دامانہٕ تہٕ کر زارٕ پار وُنۍ کبن
کرکھ ہے سُل سُہ میلی لار وُنۍ کبن
مہٕ کر آلُژھ ژلی اندکار وُنۍ کبن
چھُ تختس پٹھ بہِتھ سرکار وُنۍ کبن
اگر رٹہٕ ہَن چھُ گژِت یار وُنۍ کبن
ژٕ بن شیٛتل تہٕ کر رٕتی کار وُنۍ کبن
گژھن تیٛلہِ یلہٕ سورٕگی دار وُنۍ کبن
سرُن صاحب یِی درکار وُنۍ کبن
سُہ تاپس مَژ بنی شیٛہجار وُنۍ کبن
پریٛم ! وٕنۍ دِس تہٕ ژھارُن یار وُنۍ کبن
تیٛلے سۆپُن گژھی ساکار وُنۍ کبن



# پریم ناتھ پرؔیم



ناو: پریم ناتھ پنڈتا

قلمی ناو: پریم ناتھ پرؔیم

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 13 /جون 1943ء

اصل سۆ کوٗنت: راوچھ رفیع آباد سوپور قتع پورہ بارہ مولہٕ کشمیٖر

حال: دُرگا نگر، جۆم۔

تأئیم: میٹرک

پیشہ: انسپکٹر جموں وکشمیٖر پولیس (رِٹایرڈ)

مطبوٗعات: (ا) پریم بکھتی ساگر (1999)

(۲) میأنٛی سمرُن (2001)

(۳) مأنٛزِ گُلو (2006)

پتاہ: 329۔ بی، گلی نمبر 3، سکٹر 1، دُرگا نگر، جۆم۔

# اے۔این۔در



ناو: پروفیسر اے۔این۔در

قلمی ناو: اے۔این۔در

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 2/مارچ 1929ء

اصلی سوٗکوٗنت: کنٹھ پرستان، صفا کدل، سرینگر۔

حال: 504، نیو پلاٹس، جموٗم۔05۔

تألیم: ایم۔اے، پی۔ایچ۔ڈی، پی۔جی ڈِپلوما اِنگلشس سٹیڈیز، پروفیشنسی سٹرفکیٹ اِن جرمن۔

پیشہ: سابقہ ہیڈ آف دِ ڈِپارٹمنٹ انگریزی کشمیر یونیورسٹی، سرینگر۔

سابقہ ڈائریکٹر ای۔ایل۔ٹی سینٹر کشمیر یونیورسٹی، سرینگر۔

مطبوعات: انگریزی:

1. Mysticism in Literature (1985).
2. Mysticism across Cultures (2002)

## ولو شیوناتھہٕ میٲنے

کٔنٹھو چھُکھ ژٕ گوسانے ولو شیوناتھ میٲنے
ژٕ پِکھنا سالہٕ سانے ولو شیوناتھ میٲنے
بصوٗرت چھُکھ ژٕ گوساٗنی وسان جتہٕ مَنز چھے پوٗنی
زاٲلِتھ چھُکھ ژے دوٗنی ولو شیوناتھ میٲنے
ژٕ چھُکھ نِرمل نِراکار بہٕ چھُس نادار تہٕ لاچار
کوٗرُس پاپو گرِفتار ولو شیوناتھ میٲنے
سادن ہُنٛد ژٕ بوٗڈ ساد جایہٕ جایہٕ چھُسے دِوان ناد
تِتھ جل کرے فُریاد ولو شیوناتھ میٲنے
مے گولو کچار ژے ژھاران ڈیڈِ چانہٕ تل پڑاران
أچھو کِنی خوٗن ہاران ولو شیوناتھ میٲنے
بہٕ چونے وژتھ درٕیو پوشن ژے مالہٕ کرٕیو
ژٕ پکھ نتہٕ کاڈٕ مریو ولو شیوناتھ میٲنے
بہٕ داس چھُس پریم چونے ژٕ چھُکھ بھگوان میونے
کاسُتم مے زوٗنہٕ گژونے ولو شیوناتھ میٲنے

ما گھِ اۏ کدو از چھُنا بڑ وشٹھ کنہِ گوم نژُ نا
شنکر تےِ آمُت سائلی موکھتےِ ہار وُچھمس مبے نائلی

نشچے سَپُد مبے سۏہم ییلی ژیٖوُنم مبے اۏم
مس چوونس کلہِ وائلی موکھتےِ ہار وُچھمس مبے نائلی

گنیمژ مبے تیسژ کل پھولان چھُم ہژ دیہِ کمل
ومہا وُچھِہان بائلی بائلی موکھتےِ ہار وُچھمس مبے نائلی

درشُن دِوان ماٗج روز اٚندری وُزان چھُم سوز
ژھانڈان چھستھ پڑتھ کائلی موکھتےِ ہار وُچھمس مبے نائلی

ماجہِ ہُند مہما مہان ریٚش آیہِ تُسی پۏزان
سوے پۏز گر میانٕی مائلی موکھتےِ ہار وُچھمس مبے نائلی



3. Bhagawan Gopi Nathji Birth Centenary Volume Co-editor (2002).

کأشُر : درشُن (لیلا شأیری)

اوارڈ: ا۔ آشیش سٹوفکیٹ

۲۔ کلچرل اکادمی اوارڈ (2006)

۳۔ مومنٹو، سِکہٕ تہٕ سٹوفکیٹ (بھگوان گوپی ناتھ جی ٹرسٹ)

یِمن چھِ زٕ نیشنل فیلو شِپ، یو جی سی اِمرٹس فیلوشِپ، سنیر فیلو شِپ تہٕ برٹش کونسل وِزٹرشپ تہِ عطا کرنہٕ آمژ۔

پتاہ: 504، نیو پلاٹس، جوٗم۔

## ماجہٕ ہٕنٛز کل

موکھ ہوونُم مبے یٔژکألی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نألی
پۆزِ أنٛ مَس پوشہِ ڈألی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نألی

ترٛأون مبے کُن نظراہ ژیٚوٗنُم مبے کیٛاہ چھُ پزراہ
پزٕرچ چھبے نا سو مشألی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نألی

لیلایہٕ تہٕ واکھ شامِل چھِ۔ یہ سوٗرے کلامہٕ چھُ یِہنٛدِس فرزند چاندٕ کرٛشن کول صابس نِش پرٛژھرِتھ۔

پتاہ: چاندٕ کرٛشن کول، 458، وِنا یک نگر، سیکٹر II، مُٹھی، جموٗم۔

## واکھ

(۱)

آژار وانٛگ سودا کر با
وبژار أنِتھے لبکھ پےٚ
سمہٕ ژار گرِتھ سٔدرس تر با
وبتار ستبن لبہٕ ہن دَے

(۲)

أنِ کھلہٕ یُس پکہٕ اڑ وتہٕ سُے ژھوکہٕ
منٛزِلا لتس پیٚہٕ کرٛوٗٹھ
کوتاہ تھوِ ڈکھہٕ شنہٕ شنہٕ سُہ ہوکھہٕ
از لےٚ لتس گرٛشہِ بیٚوٗٹھ

# حکیم پریم ناتھ مستانہٕ

ناو: حکیم پریم ناتھ کول

قلمی ناو: مستانہٕ

زاسنہٕ: مارچ 1919 ءٕ

دیٚہہ تیٛاگ: 15 ؍فروری 1995 ءٕ

اصلی سۄکوٗنت: پٹھ کانہامہ، بیروہ، بڈگام، کشمیر۔

حال: 458، وِنایک نگر، سیکٹر II، مُٹھی جۆم۔

تاٚلیٖم: بی۔اے۔ایم۔ایس

پیشہٕ: حِکمت، آر۔ایم۔پی (آیور ویدک)،

جامیہٕ طبیہٕ کالج دہلی۔

مطبوعات: کاشُر: ا۔لولہٕ ناگ (نظمہٕ تہٕ غزلہٕ 1981)

۲۔لولہٕ مال (واکھہٕ سومبرن 1982)

۳۔شِون (واکھہٕ سومبرن 1984)

اوارڈ: ریڈیو کشمیر سرینگر کہٕ طرفہٕ اکھ میرٹ سٹوفکیٹ۔

یِہُنٛد وارہ کلامہٕ چھُ وُنہٕ چھاپ سَپدُنے۔ یتھ منٛز بھجن،

# کُمار اشوک صراف گھایَل



ناو: کُمار اشوک صراف

قلمی ناو: گھایَل

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 11/ اکتوبر 1961ء

اصلی سۆکونت: حبہٕ کدل، سرینگر، کشمیر۔

حال: کرن باغ لور گاڑی گڈھ آر۔ ایس پورہ روڈ، جۆم۔

تالیم: گریجویٹھ۔

پیشہ: بزنس منیجر پرائیوٹ کمپنی، دہلی۔

مطبوعات: یِہُنٛد کلام چھُ کاشرِ ن رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان تہٕ وُنہِ چھکھ نہٕ کانٛہہ شارٕ سومبرن چھپاوِمُت۔

پتاہ: مکان نمبر 10 اے، مُنیر کا گاوٗں، نئ دہلی۔67۔

(۳)

یاوُن آسان گرٛزٕوُن آرے
وہرأژ منٛز چھے ماران ژھوہ
دٕو دَو کران چھے دوہ تارَے
لرِ چھس ساوان ہرٕدٕنی دوہ

(۴)

کوٕ چھکھ کھوٗتمُت ہوڈل گرِس
ٹوٗٹری وتھ تے پھٹری بٔنٛد
پتہٕ نا پوشکھ اِدٕ تتھ کھرِس
چارُس لاکم تہٕ چھانٛس دٔنٛد

(۵)

مرنس یُس ڈرِ سُہ ہا مرِ گرِ گرِ
نتہٕ گو مرُن ترٛاوُن کرٛوٗژھ
زِنٛدٕ زان سُے گو دیہِ ناو یُس سورِ
یُس ونہِ پانس بہٕ چھس پوٗژھ



# منوج جد



ناو: منوج کُمار

قلمی ناو: منوج جد

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 19/اپریل 1966ء

اصلی سۆکوٗنت: ناژُک محلّہ، اننت ناگ، کشمیر۔

حال: سنتوش کاٹیج، لالے داباغ، مُٹھی، جۆم

تألیم: ایم۔اے (ہِسٹری)، بی ایڈ۔

پیشہ: لیکچرر محکمہ تألیمس منٛز۔

مطبوعات: مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھُ یِہُنٛد کلام چھاپ سَپدان۔ یِم چھِ سماجی کامبن ہِتۍ زیادٕ واٹھ تھوان۔ تَمہِ کِنۍ چھِ یِم سوشل ورکر تہِ مانٛنہٕ یِوان۔

اوارڈ: پنڈت پریم ناتھ شاستری ایوارڈ (2000)۔

پتاہ: سنتوش کاٹیج، لالے داباغ، مُٹھی، جۆم۔

# غزل

گُنی ووٚٹھ تٕلِتھ ژٕج فراغتھ وَنو کیٛاہ
بوچھے دٕز تہٕ دانٛس تیوٚنگل کیٚتھ رَنو کیٛاہ

گُنٕے درٕ بُنلِو دِیٛتُ سبز پپوٚ نٔنِس مَنٛز
پھرِتھ کاکدن پھُٹِر زہانتھ ژھٹو کیٛاہ

ریٚشوَ تےٚ فقیٖرو یہِ کیٚنٛہہ اوس سومبرُ مُت
تہٕ سوٗرے سپُد رَے یہِ رٕکشہ تژٕٹھ وَنو کیٛاہ

قبیٖلن، درٕبن، بأے بارٕبن وُژیٛرِ
پھرِتھ سادگی پھیرِوَر ہیُوٚ وَنو کیٛاہ

چھُ پوٚز کٔر ترَقی تہٕ قدٕ کھٔتۍ سبٹھاہ تھوٚد
ٹیچھر عقلہِ ژھچر ہُریوٗو رٕکتھ وَنو کیٛاہ

ژٕ ون گھاآیلاہ کانٛہہ ووٚپایا کتھا کر
وٕژتھ چشمہٕ آسس کُلُف دِتھ لبو کیٛاہ

# میٲنؠ وطن

یێتہِ للّی شۆری ہشدی واکھ گرٛزن یێتہِ بٲگھتی ہاو پرماندن
سُہ چھُ میٲنؠ وطن سُہ چھُ میٲنؠ وطن

یێتہِ امرِیشر ترٛأوِتھ آسن یێتہِ ٹُل مُل، مَنٛز گام، کھنہٕ برنبن
سُہ چھُ میٲنؠ وطن سُہ چھُ میٲنؠ وطن

یێتہِ زٕنم چھُ ہیوٚتمُت وبدوانَو کشپ ریٚشی نبو سنتانَو
یێتہِ ہیٖرٕژ، نوریٚہہ، رامہٕ نوم پٮ۪ٹھ گرٛز لیلاین ہُند طرفاتن
سُہ چھُ میٲنؠ وطن سُہ چھُ میٲنؠ وطن

یێتہِ رنٛگہٕ رنٛگہٕ باغن پوش بٔرِتھ یێتہِ کوہن تہٕ بالن چھُونہٕ جٔرِتھ
یێتھ جایہِ چھِ لیٛکھی ہتی لولہٕ ترانے مہجورن، ناٲدِم صابن
سُہ چھُ میٲنؠ وطن سُہ چھُ میٲنؠ وطن

بیۆن بیۆن مُلکو پٮ۪ٹھ آیہٕ ترٛٲتھ یێتہِ زٕنٛگتکی عاٲلم دزلیہٕ پٔرِتھ
یێتہِ دِوری تہٕ کلش گواہی دِن کھنڈرات اکھ اکھ کتھ باون
سُہ چھُ میٲنؠ وطن سُہ چھُ میٲنؠ وطن

# کل

سوٗنتہٕ واوِچ اکھ ژھٹھا ییٖہٕ چھاوٕ ہا
بونہٕ شیٖہجارس ڈوٗکھا ییٖہٕ ترٛاوٕ ہا

شانہٕ دزٕمژ تاپہٕ ستٕبن چھُس بےٚ حال
ویرٕ ناگکہٕ آبہٕ از تن ناوٕ ہا

چھُس بہٕ پوشٕرُ حاٗل چھم پوشن اندر
ییٖہٕ بہٕ باغس مَنٛز قدم ووٗنی ترٛاوٕ ہا

ماٗج یَس راوان شُرِس تس کتہٕ قرار
حال پنہٕ نُے چھُم طماہ تس باوٕ ہا

ییٖتہٕ نسأ چھُم تٕتیٚ مبے دادٕن ہُنٛد حکیٖم
گرٛژھ تتہٕ دأدِس اکھ نظر تتہٕ دیاوٕ ہا



# اومکار ناتھ ژرٛنگوٗ



ناو: پرٛوفیسر اومکار ناتھ

قلمی ناو: اوم کار ژرٛنگوٗ

اصل سۆکوٗنت: ملہٕ یار، حبہٕ کدل، سرینگر، کشمیر۔

حال: پٹولی، جانی پورٕ، جموٗم۔

تأليم: ایم۔اے، بی۔ایڈ

پیشہِ: رِٹایرِیڈ پرٛوفیسر

مطبوٗعات: (ا) دس کوِتائیں (1960)

(۲) پنچستوی۔ (ترجمہٕ۔پانٛژھ جِلد)

(سوٗندریہٕ لہری (ترجمہٕ۔ 2006)

یِم چھِ شیوازمس پیٹھ تہٕ دس رس تھوان۔ تنقیدی جائِزٕ تہٕ مضموٗن تہٕ چھِ لیکھان۔

پتاہ: 59۔اے-1، پٹولی، جموٗم۔ 180007۔

یێتہِ سورٕگچھِ حۆرِ چھِ ونہٕ ناون یێتہِ ذٕری یاو، آرِ چھِ نغمہٕ گوٚن
یێتہِ بُلبُل کۆستوٗر بولہِ کرن یێتہِ بوٚمبُر دِون گھ یمبرٕزولن
سُہ چھُ میوٚن وطن سُہ چھُ میوٚن وطن

کٔمۍ لُہرأوِتھ نیوٚ میوٚن چمن کٔمۍ چھکٕرِتھ ژھُن لتہِ خوٗن وتن
رنگہٕ وأر چھُ ٹلوبن تبنٛگلن پٹھ لتہِ زژُر چھُ ژامُت پوشہِ ڈلن
کتہِ میوٚن وطن؟ کتہِ میوٚن وطن؟

أسۍ جنجالن منٛز ہبنہٕ آمٕتۍ ننہٕ وأرۍ تہٕ نبتھٕ ننٛی گرِ دژامتۍ
أسۍ أسۍ شہنشاہ پننہٕ گرے أسۍ لاگِتھ ہنگہٕ منگہٕ تاپہٕ ژھنٛجن
اسہِ روو وطن! اسہِ روو وطن!

چھنہٕ أسۍ نوژُک اسہِ منٛز تہٕ چھُ دم پوٚز جِگرس اندر وطنُک غم
لہراوو بیٚیہِ پرچم بوٚنبن کوٚنسر ناگس منٛز ناوو تن
سُہ چھُ میوٚن وطن سُہ چھُ میوٚن وطن

☆☆☆

آدن یارس ژھانڈِ وبداکھ دِیِہ
نب وسہِ قہرُک نار ہبتھ
آہ لس ڈیکہٕ بجہِ ہُنٛد بوٚڈ چاہ کرِ
تہٕ ہَن تہٕ چھُ بنہٕ وُن



کُس پھوٚر اتہِ چے میٛڑِ، شیٛحارس
کُس پھوٚر اتہِ ہمسایہِ وبوہارس
کمیٚ دِیُت ژھبن اتہِ کِس بآے چارس
شُربن شوٗرِ بوٚرُکھ لوکہٕ چارس
لنہِ گٹہِ پیٚٹ زن از چھکھ اُچھِنےٚ
اکہِ دوہہِ بیٚیہِ ووتھِ سُے رِنٛد اِماماہ
نَنگہٕ کربھ منٛز لگہٕ ارساتس
تہٕ ہَن تہٕ چھُ بنہٕ وُن



کتہٕ تام زاو ژوٗرِ پیٚرِ منٛز تھُپلا
چھُکراوِن سآنی موچھِ پھوٚل تہٕ خار
پرٛژھ ماجن چیٚرِ گنڈ چھُے لوٚنچن
بڈِ ڈلہٕ ڈکھِ چھُے بوٚڈ ڈکھِ راو

## تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن

چھوکہِ لد دِلہِ نٕے یٖیلہِ چھوکھ پیٚیہِ لگہِ
ژھوکہِ ما تیُتھ گرٛزِ یتُھ پھیرِ عالم
تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



حق دار یٖیلہِ دِیہِ حقہٕ پنہٕ نچ کرٛکھ
ہتھی یور جاٖبر زرِ ما حقس برٛونٛہہ کنہِ درِما
برٛاثدِ گُنٛی لتس ہلہِ چھلہِ چھلہِ وٕسی پیٚیہِ
تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



ترٛیشہِ کُل یَس ماجہِ آتنٛکہِ گولہِ پوٗو
یوٚد سوے اتھٕ ٹُلہِ کرٛت منٛگہِ
استان دشہِ نٕے تھرٕ تھرٕ یرٛشھ لگہِ
زانہِ دَے کُس زَرِ ہاہاکار ووتھِ
تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



یٖیلہِ کانٛہہ أرِنہِ مال ژھبنہٕ گاٸمتِس لتس

اتھ واس ءستی زینٛو سۆاس
دُرگا دورگتھ کاسہِ تہٕ اَتھی پیٹھ
وژڈ تھَو وِشواس، بس تھَو وِشواس
تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



بیٚلہِ ماجہِ پۆتھرِ بُتھی پھِری نیرن
خۄنس زاگن، رٕٮ۪ہہ سٔنز رٕٮ۪ہہ ووتھہِ
کرٛکھ مجبوٗرٕ ی، سُمرن نٔو پھِر
نوِ نٔو لےٚ پیٚہہِ نآدِم نظمن
رآہی راہ ہاوِ وتہِ ڈٔلۍ متۍ نۍے
وٕتھ گرٛزِ زن لگہِ کھولو مہا سٔدرس
چھوکہٕ ناوِ راکھِسن
شرٛۆڈِ پانہِ، سوٗنتہٕ وانہِ وتہِ پۆد پۆد چھلہِ
آلتھ بیٚہہِ کڈِ
برٛہمن ویدن وکھنان اژن پرٛ باتن دیوی دارن
اۆ مکار ناد گرٛشہِ
تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



بےٚ غوٚسلے آیہِ ژلیہِ مٕشیدن
ژھۄپہِ رأوکھ ژھیٚپہِ ژۆرِ ٹشرٕوٚٹر جاے
کتھ نادس پپٹھ کتھ ناوس پپٹھ
چانٛدِ مأرِی لأجِکھ تہٕ ژٕٹکھ نماز
آش اَسہِ گاچھ بیٚیہِ وزِ گنٹا
کأٹھی درواز گرٛشہِ بیٚیہِ نادا
مخدوٗم صأبس کرَو فرٕیادا
گوٚرٕ دوارس مَنٛز گرٛشہِ اِرشاد
جو بولے سونہال۔ ست سری اکال
تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



ووتھ ہوٚل گنٛڈ بیٚیہِ، بیٚیہِ بن شری بٹ
کشپ تہٕ اَبھنوی بود وولساوُن
یوٚد کأنہہ سپہ بٹ بیٚیہِ گُنہِ باسی
ترٛپُرایہِ بیٚیہِ منٛگ آشرِ واد
شأنٛت روز شأنٛتی ستی شوٚمراو
أکی سے رزِ مَنٛز بیٚیہِ پأراوُن
چھانٛگرِ گوٗمُت یہِ ریٚش پرِوار

## گورٖ وٹھدنا

ستہٖ گور گو مےَ شبدا وٗئیٖ تھے    سُے مبِے منے کھُنٔزٖ تھے گوم
یِی تمُٔ وٗنتم تی گوم بنُٔ تھے    سُے مبِے منے کھُنٔزٖ تھے گوم

دوٗ پنم گورٖ مائلی روزٖ بی خاموش    پھولئےَ لولہٖ باغس ژبِے پوش
سونس تہٖ موکھتس کرکھ گونے    سُے مبِے منے کھُنٔزٖ تھے گوم

فرشے پٹھےَ عرشس کھاؔرنس    ژونوٖنٔ طرفن پھیرناؤنَس
ٹوٹھان تیٚلہِ گور ییٚلہِ لول گنے    سُے مبِے منے کھُنٔزٖ تھے گوم

أنٔدری روٗٹُم مبِے من تےَ پڑان    ژیٗونُم پانےَ گُستائیٖ تھان
مس مبِے پھیٗرُم زن ہنہِ ہنے    سُے مبِے منے کھُنٔزٖ تھے گوم

ژھوپہٖ کر پانو پنہٖ ژٖے تمبلکھ    پانہِ مَنٔز پڑٗزلان نار ڈیٚشکھ
نالہٖ ژٖے رٹہٖ ہن کرٖہس مونے    سُے مبِے منے کھُنٔزٖ تھے گوم

گورٖ مول پنہٖ نُے وُچھتہٖ دٔے گوم    دوہ کھوتہٖ دوہہٖ سُے بیٚے ٹوٹھیٗوم
تپٖنٔدِس خویس گُس اکھ نہٖ سنے    سُے مبِے منے کھُنٔزٖ تھے گوم

لگہٖ ہاؔس ژھالن تہٖ تمِن ڈالن    مول بولالن کرٖ ناؤنس
تس ہیٗو لال چھا یِوان ونے    سُے مبِے منے کھُنٔزٖ تھے گوم

# شریمتی موہنی کول



ناو: موہنی کول

قلمی ناو: موہنی کول

زاسنہٕ: جولائی 1941

اصلی سۆکوٗنت: کنٹھ پرستان، صفا کدل، سرینگر۔

حال: 504، نیو پلاٹس، جۆم۔

تائلیم: بھوشن۔

پیشہ: گرٛہست پالنا۔

مطبوعات: کأشُر: شہُل نار (لیلا شاعری)۔

یِہُنٛد کلام چھُ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان۔

پتاہ: 504، نیو پلاٹس، جۆم۔05۔

# وٕژُن

مَنٛزٕ تلوار کِتھٕ پاٚٹھۍ ترٕ لولو   دِل چھُم کران گرٛزہٕ ہا گرٕ لولو
گرٕ بار پیٛوم ترٛاوُن نمتھس مَنٛز   شرٛوٗژ جاے میاٝنۍ اٚسس جنتس مَنٛز
نر کنہٕ نارٕ دزَم ییٚتہٕ لرٕ لولو   دِل چھُم کران گرٛزہٕ ہا گرٕ لولو
ژرِ کٔنڈۍ تھرِ ہنٛزٕ ے چھےٚ کرٛ آش   دَے بۄزِن کانٛسہِ مہٕ گرٛزھن اٚلۍ ناش
شُری باٚژ ہیتھ پھیران گرٕ گرٕ لولو   دِل چھُم کران گرٛزہٕ ہا گرٕ لولو
لرترٛ آوِتھ شونگہٕ ہاتتھ گُٹھۍ سےٚ مَنٛز   دِمہٕ ڈُلگنۍ اکہِ لٹہِ وٕڈےٚ سےٚ مَنٛز
پرٛاران چھس اژنس برٕ لولو   دِل چھُم کران گرٛزہٕ ہا گرٕ لولو
پرٕ گگر چھِی گرِکبن ہگہٕ ناوان   بُتھۍ پھیٛرُ وق رازن بیٚچھ ناوان
چھوکھ کھیٛیٕ گاٚمتۍ وسہٕر لولو   دِل چھُم کران گرٛزہٕ ہا گرٕ لولو
نتہِ خۄنہٕ ستۍ شۄرمُت اوس پنُن اول   سو وراثت وُچھنگ گومُت ہول
کتۍ گٲژ ییٚتہِ امہِ کے شرٕ لولو   دِل چھُم کران گرٛزہٕ ہا گرٕ لولو
کیٛنہہ نہٕ پرواے بیٚیہِ بلن دِلہٕ کی داغ   اکھ اٚکی سےٚ وُچھِتھ پھیرِ بیٚیہِ پرٛون راگ
ییٚلہِ سٔمِتھ اٚسۍ کرَو مشورٕ لولو   دِل چھُم کران گرٛزہٕ ہا گرٕ لولو
ژرُشہِ سۄمبرِتھ شیرٕ ہا بیٚیہِ پٔنٛزٕ پاٚر   مادرِ وطنس کرٕ ہا پرٛاٚنۍ پاٚٹھۍ ساٚر
نادان بہٕ کران چھورٕ چھورٕ لولو   دِل چھُم کران گرٛزہٕ ہا گرٕ لولو

# سنتوش شاہ نادانٛ



ناو: سنتوش شاہ

قلمی ناو: نادانٛ

زاہ دوہ تہٕ سنہٕ: 24 ر اکتوبر 1946ء

اصل سۆکوٗنت: انت ناگ، کشمیر۔

وأرِو: انت ناگ، کشمیر۔

حال: تالاب تِلو جۆم۔

تألیم: ایم۔اے، بی۔ایڈ

پیشہ: لیکچرر، محکمہٕ تألیم

مطبوٗعات: پوشہِ گوٗنڈ (شارِ سۆمبرن۔ 2005)

یہِ چھےٚ گیوٗن تہِ زانان۔ أمۍ ہندۍ واریاہ کیسٹ چھِ بازرس منٛز یِم سبٹھاہ مقبوٗل چھِ گأمتۍ۔

پتاہ: محلہِ گُجراں، گلی نمبر 1، کیمپ روڑ، تالاب تِلو، جۆم۔

ستچہِ لنجے پیٹھ تسُنٛد چھُ ٹھہراو
پرٛژِھتھ ژٕ کأنٛسے تمِس شرن گژھ

گورس پرٛژِھتھے سرس ژٕ روزکھ
سوکھ دوکھ مُشرِتھ عرضی سوزکھ
وأنٛجہِ منٛز ناو تسُنٛد کھتُن چھُے
بنٛتھ ژٕ نادان تمِس شرن گژھ



# لیلا

اگر ژٕ لوٗگُمت دکن ژٕوواپاٗری
ژٕ ماجہِ پُشراو تمٕس شرن گرٛژھ

سہٕسر رٕوٕپی سو ماجٕ آسوٕنی
بگٕھتمن چھِ رپچھِ وٕنی پاٗپین گالوٕنی
ییٕس کھٕسِتھ یوسہِ نژان چھِ آکاش
تمٕس ژٕ پتہٕ لار تمِس شرن گرٛژھ

شرن گرٛژھُن چھے زِندے مرُن چھے
وٕنن تہٕ کوہن پانئے ترُن چھے
کومے ژٕے نارے مہُل رژُن چھے
کری سو شیٖہجار تمِس گرٛژھ

گٕوان گٕوان گرٛژھ ہوان تُسٕند ناو
مہٕ کھوژ اؤبرس کری ژٕے کیٛا واو

# ہا اِنسانو

شۆبہِ دار زایوکھ ٹاٹھِ اِنسانو داغدار کوٗرتھن دامانو
ماٹلۍ سُنٛد اوسُکھ لولہِ پروانو داغدار کوٗرتھن دامانو

عقلہِ رٔنٛز اوسُکھ نۆرِ نۆرانو شکلہِ رٔنٛز وڑایوکھ دُر دانو
کژیہِ رٔنٛز وڑاکھو مۆلہِ حیوانو داغدار کوٗرتھن دامانو

لولُک گاش اوسے پھاٗلاوُن اَمِچ مشعل پھِرِناوٕنۍ
دِیہِ ہٕنٛز شرٛاکے پُشرُتھ پانو داغدار کوٗرتھن دامانو

بھاین ہٕنٛتِبن لول باٗگراوُن چھاوُن اوسے ماے محبت
افسوٗس حسدُک رۆٹُتھ دامانو داغدار کوٗرتھن دامانو

زگہِ ہُنٛد دوٗکھ دوود اوسے زانُن مانُن اوسے باٗے بنٛدُت
تلوار ظُلمچ تجُتھ اتھ زانو داغدار کوٗرتھن دامانو

# دوارکا ناتھ بےبسؔ سوپوری



ناو: پنڈت دوارکا ناتھ

قلمی ناو: بےبسؔ سوپوری

زاسنہٕ: 1928ء

سورگہٕ واس سنہٕ: 2005ء

اصلی سۆکوٗنت: بٹہٕ پوٚرہ، سوپوٗر، کشمیر۔

تالیٖم: بی۔اے، بی۔پی۔ایڈ

پیشہٕ: فِزیکل ڈائریکٹر محکمہ تالیٖم، رِٹایرمنٛٹ 1979ء

مطبوعات: ا۔شِوٕ مہمنا پار ستوترم (1996)

ہندی تہٕ کأشُر منظوٗم ترجمہٕ

۲۔ وٕلُر گرٕ زان (بھکتی شأیری 2006)

یِہُنٛد واراہ کلامہٕ چھُ وُنہِ چھاپ سَپدنےٚ۔ یِہُنٛد مشہوٗر بھجن ''بھوسرٕ کُس ترٕ'' چھُ وجیشور پنچانٛگس منٛز پرٛتھ ؤرِ یہِ چھپان۔

پتاہ: 813/B، مِگ فلیٹس، ایسٹ آف لونی، شاہدرہ، دہلی۔



# ؚگرجا کول

اصل ناو تہٕ قلمی ناو: ؚگرجا کول

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 20/اگست 1951ء

زہنہٕ جاے: انت ناگ، کشیٖر۔

واٚرِو: وٕیٚجہ بیٖور، انت ناگ۔

تاٚلیٖم: ایم۔اے، بی ایڈ۔

پیشہٕ: ماسٹر محکمہٕ تاٚلیٖم۔

مطبوٗعات: (۱) گۆرٕ دِکھشا (بکھتی شاعر سۆمبرن)

(۲) تُلسی تپسیا (بکھتی شاعر سۆمبرن)

پتاہ: 2/A، ترٛکوٗٹا نگر، ایکس ٹینشن، جۆم۔

شۆبہٕ وُن لۆبہٕ وُن ٹوٹھ لولہٕ چمن　　رنگہٕ رنگہٕ پوشو اوس شولان
لۆرٕ پار کۆرتھس پانہٕ اِنسانو　　داغدار کۆرتھن دامانو

کشپ مرِچے اتھ پوشہِ وارے　　ریٚشی یو تہٕ صوٗفیو سگ بۆرہَس
شورٕ ستی بنووتھس قبرِستانو　　داغدار کۆرتھن دامانو

کتہِ کتہِ زالیوکھ اَسے اِنسانو　　ماجہِ للہٕ نوٗکھ کھونہِ کھونہِ ژے
احسان فراموش وژاکھ نادانو　　داغدار کۆرتھن دامانو

لول چھُم وطنُک منہِ ہول گومُت　　بَر تتہِ بنٛد گرٕہم پننہٕ نوٕ
ظالِم بے رحم تتہِ ڈیڈی وانو　　داغدار کۆرتھن دامانو

ژھینہٕ اَسی گاٹمتی بیٚہٕ اَسہِ رلہٕ نُے　　بنہٕ نُے اکھ اَکی سُنٛد ژُکٕ دار
بے بٔس پژھ چھم آشا وانو　　داغدار کۆرتھن دامانو

# تیج کرٛشن بٹ ساگر



ناو: تیج کرٛشن بٹ

قلمی ناو: ساگر

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 9/جون 1956ءٕ

اصلی سۆکۆنت: راوچھ، رفیع آباد، سوپور، کشمیر۔

حال: پُرکھو مائیگرنٹ کمپ، فیز III، دومانہٕ جۆم

تاٗلیم: بی۔اے

پیشہ: سرکاٗری مُلاٗزِم۔

مطبوعات: یِہُنٛد کلام چھُ وُنہٕ کِتاٗبی صورتس منٛز چھاپ سَپد نے مگر کیٚنٛژن رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھُکھ کلام چھپان روزان۔

پتاہ: فیز III، پُرکھو مائیگرنٹ کیمپ، دومانہٕ، جۆم۔

# غاٗرس سپر موٗ وَن

پوٗش چھکھ پوٗش موٗ بن غاٗرس سپر موٗ وَن
کوسنگہٕ نِش روز لوٗب متہٕ تُلتہٕ گوبہٕ کھوتہٕ گوٗب
لُکہٕ نیاین موٗ سن غاٗرس سپر موٗ وَن
کرٛوٗڈچ کانگرٕ مہٕ چھ تگہِ یئے دیہٕ ناو زپھ
رام رام وانٛجہِ کھن غاٗرس سپر موٗ وَن
سرپھ پرٛکرتھ ژٕے ترٛاو امرِتھ داماہ ژٕ چاو
دِل پھُٹمُت چھُ درپن غاٗرس سپر موٗ وَن
ساد سنتٕ ژھارُکھ پھٕٹہٕ مٕتۍ بوٗڈھ کھارُکھ
سارنس تھاو تہٕ ژٕکن غاٗرس سپر موٗ وَن
گوٗر پرٛتھوی تہٕ آکاش گوٗرِ سِرئیہٕ تہٕ پرٛکاش
بھَے کاسان زپون غاٗرس سپر موٗ وَن
واسنایہٕ کوٗت گولُکھ کامنایہٕ وتہٕ ڈولُکھ
کوکرمی کھو مہٕ ژٕکھن غاٗرس سپر موٗ وَن
گرِجا بوزان ساز کاٗنٛسہِ نو ونان چھےٚ راز
گوٗرِ دپوٗس چھِ ارپن غاٗرس سپر موٗ وَن

ووٗنٔ چھَے ژےٓ میٔاٗنٔ دژے ژَٹھ تَم پَرِٔ یَم چھِ حائِل
روٗٹمُت مےٚ چون دامن موٗنہِ پھٔلی تھوے ژےٓ جُرٕ جُرٕ

چاٗنی چھےٓ ستھ مےٓ دردِل دولت یِہاٗے چھےٓ میٔاٗنی
دَیِہ میٔانہِ گرٛھتہٕ بوٗزِتھ اَشہِ چھِم مےٚ ٹاٗرٕ بُرٕ بُرٕ

سنتاپہٕ تاپہٕ ترٛٹرَے وَس دٕز مےٓ وُچھتہٕ أندری
روٗدُس دَزان ہےٚ أندری کوتاہ ہۄکےٚ ہےٚ زٕرٕ زٕرٕ

تمنا چھُ ساگرٓس یِی وُچھ ہےَ ژےٓ روے تابان
چھَم کٔیاہ خبر بےٓ خبرس گُرٕ ما گرٛھان چھِ گُرٕ گُرٕ



## وِلہٕ ژار

چِنتن کرَے بہٕ چاۍنی کھبنہٕ یہٕ ناو سٔری سٔری
شیرن پٔتُن بہٕ تقدیر چاۍنی شوٗلوٕک پٔری پٔری

ووٚتھ لولہٕ ساگرس دِتھ چونٔے سنبر مبے زوٗنُم
زوٗنُم مبے حال سوزُے لولُک فسانہٕ پٔری پٔری

مییٚ تہٕ تُل قلم تہٕ لیٚوکھُم ہِجرُک فسانہٕ چونٔے
مییٚ تہٕ خوٗنہٕ دِل رَلووُم اَش دارِ میل گٔری گٔری

کلہِ چانہِ ولتہٕ نووٚس بَر تل بہٕ ژیےٚ وُچھکھنا
ژُلمت مبے شورِ غوغا ہٕلی گٔلی اَچھرؤں پٔری پٔری

زانان چھُکھ ژٕ پانے کیٛاہ حالِ دِل چھُ میٛونٔے
اُفتادِ چھُس بہٕ پیٛومُت وقتن اوٗنُس بہٕ ۂری ۂری

# اَز

از چھُ توٗبرُک بیٚیہِ تہِ کیٛاہتانٛ
از چھُ اوٗبرُک روخ بدل
وٕرِ تیٚہرن شوقہٕ بُلبُل
از چھُ ونہٕ وان نوٚو غزل

از رٔنگا رنٛگ چھِٹہِ پوٗشرُ
کوٗسمن زردی ہران
اکھ مُشھیُل ننہٕ وور شُر
پیٚیہِ کھاہ بیرن پٹھ نژان

از کوٗہن روپہٕ شیٖن پیٛوٗمُت
آرٕول بیٚیہِ از اسان
بونہِ ؤتھرن ریٚہہ رٔنگا تیُٹھ
دؤنٛی جۆگس زن دزان

از صحرٕس ناگ وُزنےٚ
سیٚکہِ پھولن پمپوشہِ ڈل

# رشنیک کھیر محسوٗس



ناو: رشنیک کھیر

قلمی ناو: محسوٗس

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 13/ستمبر 1972ء

اصلی سۆکوٗنت: قُطب الدین شاہ پورہ، عالی کدل، باغات کٔنی پورہ، بڈگام۔

تالیٖم: ایم۔بی۔اے

پیشہ: مارکیٹنگ منیجر۔

مطبوعات: یِم چھِ شاعری کران تہٕ یِہُند کلامہٕ چھُ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان۔ وُنہِ چھکھ نہٕ کانٛہہ شارٕ سومبرن چھپاوِمٕژ۔

# موہن لال رازدان



ناو: موہن لال رازدان

قلمی ناو: موہنؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 10/جولائی 1929ء

اصلی سوٗکوٗنت: ئو سرٕک، حبہٕ کدل، سرینگر۔

حال: تالاب تِلو، جوٗم۔

تالیم: میٹرک۔

پیشہ: مُلازمت پولیس محکمہ (رِٹایرڈ)۔

مطبوعات: اُرژر (کاشِر بکھتی شاعری)

یِہندی بھجن بیٚترِ چھہِ رِسالن منٛز چھپان۔

پتاہ: 53/B، تیرتھ نگر، تالاب تِلو، جوٗم۔

مٲلِہ بۆمبٕرنہِ زال ژٕڈٕ تھٕے
سونٛتہٕ وۄہُہ ٹُلہِ یٔمبرزلن

از چھُ ہونٛزا میٲنہِ دارے
لانہِ کتھٕ انہِ گٹہِ ونان
ژاۓری تھٕے سون، موکھتہٕ فٔلی بیٚیہٕ
موکھتہٕ مالا چھُم جران

از کولن دوٚد ووٚنی جاۓری
آبشارن خاب بیۆن
از چھِ پژٕزلان سنگ ساۓری
شفقتُک محراب نۆن

از وندس شیٚہجار پھیری
سرٕو سَے دِن تارکن
یار میلن زۄنہٕ گاشن
بونہِ ژھاین شانٛد پٮ۪ن



نالٕی مال کھالٕی کنہٕ وألی رنٛگہٕ رنٛگہٕ جامہٕ زرکأری
دامنَس بہٕ چێشمہٕ جرسَے وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

موہنٛ چھُ لایان ناد رٕٹتھ ہٕژدِ مَنٛز چأنٛی پاد
تھوٗس کن زارٕ سَے وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

☆☆☆

# وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

پیوٗمُت چھس بے کسَے
وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

سمسار چھُ ناپایدار
بب مأج بأے بنٛد ہتہٕ یار
یَم ہتہِ سأری دزاے نسَے
وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

زولمُت کام کرٛوٗدن
نال وٗلُم لوٗب موٗہن
امہِ رسہٕ وبسریوٗسَے
وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

مِہہ سنٛبد چھہِ زورا وار
دوران تیز رفتار
رِکتھ ترٛ سٔدرسَے
وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

دِتم امرتھ مبے چوٗنُے
ترٛاو سمسار بیوٗنُے
اوٗم شبدٕ دیٛان دارسَے
وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

بحیثیت ڈرامہ نٔوِیس چھِ سُدیشی صأبن واریاہ ڈرامہ لیکھیٖمتؠ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ سُدیشی صأبن واریاہن ڈراماہَن تہٕ سیریلن مَنٛز مختلف کِردارتہٕ ادا کٔریٖمتؠ۔

پتاہ: وِویک وِہار، دُرگا نگر۔ جۆم

## ژٕ کرِ وٕنیٛوہ

ژٕ کرِ وٕنیٛوہ کِس دولابس مَنٛز

ہٮ۪نہٕ آمُت

کتہِ موکلن پاے

نبرٕ گاشرِ مُنار ژھوٚکیمتؠ

أنٛدرٕ نارٕ منقل وُہان

مگر توتہِ أنٛد رِمہِ ڈلہٕ نیرِتھ نیبرٕ مِس ڈلس سأل کران

یہٕ کیُتھ نیاے؟

من پزٕ رس وُرُن کران

بود ژٕوٚ رِتھاوان

اہنٛکار ناشس آلو دِوان

# پی۔ ایل۔ سُدیشی



ناو: پیارے لال

قلمی ناو: سُدیشی

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 17 رمئی 1946ء

اصلی سوٗکوٗنت: گوجہ محلّہ، انت ناگ، کشمیر۔

حال: دُرگانگر۔ جوٚم

تاٗلیم: ایم۔ اے، بی۔ ایڈ، ڈِپلوما پنجابی، پوسٹ گریجویٹ ڈِپلوما اِن جرنل ازم

پیشہٕ: وٚستاد محکمہ تاٗلیم (رِٹایرڈ)۔ مُصوَر، ایکٹر، نیوز کاسٹر۔

سُدیشی صاٚبن چھےٚ واریاہ ڈاکومینٹری لیچھ ہٕژ۔ یِمہٕ دوٗ دراشن جوٚمہِ تہٕ کٲشِر پیٹھہٕ ٹیلی کاسٹ کرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔

بحیثیت مُصور چھےٚ سُدیشی سٕنزن پینٹنگن ہٕنز جوٚمہِ تہٕ سرینگر نُماٗیِش کرنہٕ آمٕژ تہٕ کیٚنٛہہ چھےٚ ایل۔ کے اکادمی ممبیہ تہٕ۔

## لیلا

ناشوان پۆش ما کاںٛسہِ سمسار
بُونئ ژٔے ماتا جے جے کار
لیلا چھےٚ چاںٛنی اپرم پار
بُونئ ژٔے ماتا جے جے کار

کرُوکس فٔریاد کُس چھُ بوزان
ژٔے سِوا چھُنہٕ کاںٛہہ ڈکھِ روزان
شاپھ آیہِ وۄتلتھ گۆب گو بار
بُونئ ژٔے ماتا جے جے کار

غاٗفِل پان چھکھ وُزِ ناوان
مہٕ مایایہِ نِش موکلاوان
گژھان دۄر کام کرۄد بیٚیہِ اند کار
بُونئ ژٔے ماتا جے جے کار

چھِی بٔکھتۍ پۆزان باونایہِ سان
کاستکھ سنکٹ زٕنٛگس سان
از چھےٚ مآج اُٹھم رِژ چھےٚ وار
بُونئ ژٔے ماتا جے جے کار

منٛگ فاصلہٕ کنہٕ پٔٹھ رٕکھ
پرم آنٛنٛدک پزٕ ژنٛڈ
بوٚد مایا زالس مَنٛز منٛگ نبر نےٚ
اہنٛکار پوٚز کٕھٔہرنہٕ کھاران
نتےٚ منٛس چھِس پزٕ کاشِکی جامہٕ
خام چھُس ژیٖنہِ بل
تمی بوٚد باُنٛدی ولنہٕ بنٛد
امی چھُس کرٕ یہنٛیارس تہٕ سبزارٕ ے باسان
تھٔوِن منٛس دھرم رازٕ
بوٚد دوٚت
اتی نبُس پوٚز تہٕ اپزٕ
زِ جان گونٛیٖرے انٛد راژُن
نہَ زِ أنٛدرٕ نبر نیرُن



امراوٕتی شوٚب ئتی سرِہے
دِگمبر ہے چھےٚ سانہِ گرِ پوٚز

دۄیِنس تہٕ کھیٚنس تسنٛز چھےٚ آشا
باشا فِکرِ گس ترِ تس رُس
ڈنٛڈوت پرٛنام زارِ پارِ کرِہے
ترٛیٚتھرِ دأریس چھےٚ سانہِ گرِ پوٚز

آڑارِ وۄژار نِشہِ روٗدُس غافِل
مأفِل مےٚ أسم مہُہ تہٕ انٛدکار
یُپ گوم سٕری پیٛٹھی مایاہِ گرِہے
مہیشرِ ہے چھےٚ سانہِ گرِ پوٚز

ونہِ کیٛاہ سُدیتی چھُے سبٹھاہ غأر زان
دوٚپ ، دۄپ آلوان نِشٹھایہِ سان
ارگ پوش ببل ہتھ پوٚزا کرِہے
پرمیشرِ ہے چھےٚ سانہِ گرِ پوٚز

☆☆☆

سُد یتھی پژاران ڈیڈٕ چانہٕ تل
وردلنہٕ چانے بنہٕ نرمل
المہٕ چانہٕ شۆبان کیٚاہ چھُ اۆمکار
بُوِنےٚ ژےٚ ماتا جے جے کار



## لیٚلا

لولہٕ پمپوش پھۆلی منہٕ کِس سرٕ ہے
ہری ہرٕ ہے چھےٚ سانہٕ گرِ پۆز
ہر ہر بم بم منتھر پرٕ ہے
شِو شنٛکرٕ ہے چھےٚ سانہٕ گرِ پۆز

واسُک چھُس ہٹے گنٛگا چھُس جٹے
مٹے ٹس چھی ترٛشوے لۆک
شواے نماہ اۆم بوسرِ ترٕ ہے
نیلہٕ کنٹھٕ ہے چھےٚ سانہٕ گرِ پۆز

کھوٕری ووما چھُس پۆرن شکھتی
بکھتی نِشٹھایہٕ سانٛمیس آدٕ ن

## اتھن پھکھ یکُر مأرِتھ

کاٹلی یُس تھاوِ پگہٕ ہُک سۆرِتھ
تس روزِ برِتھ ہردُ تےَ سونٛتھ
گٹہِ منٛز پرٛاگاش یُس ہیٚکہِ سۆمبرتھ
تس کتہِ گرٛشہِ ژھاینٛ برٛونٛت
ژھٹہِ رؤدس یُس ہیٚکہِ تارٕ ترِٕتھ
سُے گرٛشہِ وُچھِتھ سٔدرس وونٛت
یُس رٕیٚہہ، واوس روزِ دٔرِتھ
تس کیٛاہ کرِ ملہٕ گُلہِ موت
ہۆکھس أدرِس لیٛکھِتھ پرِٕتھ
سُے ہیٚکہِ دِتھ آبس ژھبن
گیٛانس صُبح شام مالہٕ گٔرِتھ
سُے گورس وُچھِ کھن کھن
یُس ہیٚکہِ زہر الماس نیٚنٛگلأوِتھ
سُے ہیٚکہِ پأوِتھ راکھبس پانٛژھ
یُس ہیٚکہِ دٔلِس تل نار شیٚہلأوِتھ

# ڈاکٹر روشن صراف روشہٕ روشہٕ



ناو: ڈاکٹر روشن صراف

قلمی ناو: روشہٕ روشہٕ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 26/اپریل 1947ء

اصلی سۆکۄنت: سۆریہٕ وِہار،

اپاٹمنٹس تڑکۄٹا نگر جموں۔

تالیم: ایم۔بی۔بی۔ایس

پیشہ: سرکاری ڈاکٹر (رِٹایرڈ)

مطبوعات: (ا) گوٗرِ پۄزا (بکھتی شاعری)

(۲) لولہٕ اۄش (شاعری)

یِم چھِ موسیقی تہٕ زانان تہٕ گیوٗن تہٕ۔

# راجندر آغوشؔ



ناو: راجندر تِکو

قلمی ناو: آغوشؔ

ولدِیت: شری من موہن ناتھ تِکو

زاسنہٕ: مگھر پورنما 1961ء 31 دسمبر

اصلی سۆکوٗنت: آرِ گام، بانڈی پور۔

حال: بٹل بالیاں، مئگرنٹس کیمپ

Qrt.No. 418، اُدھمپور۔

تالیٖم: 10+2

پیشہٕ: ڈِپلوما وِیوِنگ اینڈ ڈیزائنگ۔

پتاہ: بٹل بالیاں، مئگرنٹس کیمپ،

Qrt.No. 418، اُدھمپور۔

## غزل

بہٕ چھُس قطرٕ دٔریاو میٖانہِ ستی

سۆ دُرک سنبرِ ونہِ آو میٖانہِ ستی

لتس کیٛاہ کھسہِ زٕگنٛج ہاژھ

مبے تہٕ میٛون گٲری گٲری زٕپٔنتھ تہٕ ہاوٕرِتھ

پٲرِتھ کتھ روزِ رونہِ زآٔنیٛان

اتھن پھکھ یکُر مأرِتھ

وٗہرِتھ کتھ کٔیت دستر خان

سأرٕے وأنٛس گٔرِتھ تہٕ ژٔرِتھ

توتہِ پیٛوس ۂرِتھ زَزُر پن

نشور پانس چؤنہِ جٔرِتھ

توتہِ رؤز چھٔرٕ ے چھٔرٕ تن

شِوٕے بٔنیٛوس شِو وہٕنٛآرِتھ

تأرِتھ ہرٕنہِ برٔس رَز

شمشانہٕ بلہٕ کھورٕ شورٕ سأوِتھ

زآلِتھ تھوٗم روشہِ روشہِ کرٕژٕ



# کنٛول پیٛشن



ناو: کنٛول پیٛشن

قلمی ناو: کنٛول پیٛشن

زاسنہٕ: 1/اپریل 1974ء

ولدیت: سورگیہ شری جانکی ناتھ پیٛشن

اصلی سۆکوٗنت: واگورہ (چاڈورہ) ضلع بڈگام۔

حال: کواٹر نمبر 275، مُٹھی کیمپ فیز ا،

جموں ڈاکخانہٕ، روٗپ نگر۔

تألیم: ا۔ بی۔ایس۔سی کشمیر یونیورسٹی۔

۲۔ بی۔اے پراچین کلا کیندرا، چنڈی گڑھ۔

۳۔ گریجویٹ شِپ انسٹوٹیوٗٹ آف فائر انجنیرس، نئی دہلی۔

پیشہ: سرکأری مُلأزِم۔

شأیری علاوٕ ڈراماہَن تہٕ سیریلن منٛز ایکٹِنگ تہٕ بِسیار سٹیج تہٕ تُمدنی پروگرامن منٛز شرکتھ کٔرمٕژ۔ مأنٛزِ راتھ تہٕ خواب فِلمن منٛز تہٕ چھن کأم کٔرمٕژ۔

پتاہ: مُٹھی کیمپ فیز ا، ڈاکخانہٕ روٗپ نگر، جموٗم۔

عٔشقہٕ باغس گُل پھولان رنٛگدار
پڑتھ بہارس چھُ چاو میٲنہِ ستی

کٔری چاکھ جامہٕ گُلو فِضا مُشکیاو
دیوانہٕ بُلبُل باغس ژاو میٲنہِ ستی

بیاباں واوٕ تے وٲناکھ انہِ گٹہِ
تابہٕ وُن شمع نۆن دڑاو میٲنہِ ستی

بٔستھ جِگرس اندر چھُم رٔٹتھ جاے
سُہ پانٕے نار تےٚ واو میٲنہِ ستی

مہٕ راور ظوٗن دوہَس راتس پٹُن
سٲری سہٕ بازرس چھُ باو میٲنہِ ستی

کرٛوٚٹھ وتھرُن چھُ لولہٕ نار آغوش
ریٚہہ نہٕ دٕہہ مگر تاو میٲنہِ ستی



یِی تن کانٛہہ تہٕ طوٗفان          أسی چھِنہٕ ووٚنی کھوژان
أسی بنیہِ نارٕ دژاو سون          پیٚیہٕ کرٕنی مایگرٛیشن

پۆز وُنن چھےٚ دُشوار          توتہٕ تھاو یاد یَم شار
لیکھِتھ تھاوی پیٚشنٛن          پیٚیہٕ کرٕنی مایگرٛیشن



## طنزِیہ کلام

وارِ بوز یارِ تھاو کن پییٚہِ کرٕنی مایگرٛیشن
بےٚ قصوٗر سَپدی بے وطن پییٚہِ کرٕنی مایگرٛیشن

کم کم سِتم ژالان بُڈ، بُجہِ، شُری تہٕ جوان
اأگِھ سیٚکہِ شاٹھن پییٚہِ کرٕنی مایگرٛیشن

کم کم لیٖڈر آے کاأنٛسہِ کۆر نہٕ سوٗنٛے پاے
پرٛتھ کاأنٛسہِ ٹُل ٹینٛشن پییٚہِ کرٕنی مایگرٛیشن

اکہِ انٛدٕ جایہِ تاوَن بییٚہِ انٛدٕ آبہٕ کامن
پیٚٹھہٕ ٹُل توس گرمن پییٚہِ کرٕنی مایگرٛیشن

کیٚمپن منٛز آے ہنٛنہٕ بے کارَن گأیہِ بَنہٕ
سہَل کۆر پنٕنی ہمتن پییٚہِ کرٕنی مایگرٛیشن

# یہِ سۆنبرن

⊙......سمپرٛتی تحریکہِ ہنٛدۍ یم دٔہ وٕری چھِ کأشرِ جلاوطنی ہنٛدِس ادبس منٛز سبٹھاہ اہم......ژھینٛتھ پھُٹِتھ دوہ دِش زِندگی ہنٛدٕ بن آوٕلنٛبن منٛز گیر آسنہٕ باوجوٗ درٕوٗدۍ أدیٖب ادبس پوٚچھر دِوان......ادب رٕوٗد تخلیق گژھان۔ بِسیار ادب۔ یوٚت زِ صاحبِ نظر ووٗن زِ جلاوطن کأشرٕ أدیبو کوٚر وادی منٛز أدیٖبن ہنٛزِ نسبتہٕ ژٗور ادب تخلیق۔ امہِ کتھِ ہنٛز تازٕ ترٖین باوتھ کٔر محمد یوسف ٹینگ تہٕ فاروق نازکی صأبن جوٚمہِ ادبی محفلن منٛز......

(صدر سمپرٛتی)

⊙......ژھنہٕ گومُت تناظُر ذٔہنی طور دُبارٕ زِندٕ کرُن چھُ بے شک اکھ عام اِنسأنی عمل تہٕ بحیثیت اکھ عام اِنسان چھُ سون یہِ زیرِ بحث شأعرتہِ امہِ عملہِ منٛزٕ گٔذران۔ وٕنۍ گوٚ صِرف گٔذرنس چھنہٕ کانٛہہ اِنفرأدی (تہٕ اِوٕکنۍ شعری) وُقتھ آسان یوٚتانۍ نہٕ یہِ زیرِ اِظہار یِیہِ...... سأنٛس شأعرٕ ہنٛزِ ذٔہنی کٕفیتُک اکھ اند چھُ تۄر تخس اند رٹتھ مُقامس پٮ۪ٹھ یِیتہِ تس پننہِ أندۍ پٔکھیُک رِشتہٕ ٹاکارٕ بوزنہٕ یِوان چھُ۔ یہِ رِشتہٕ چھُنہٕ مُستحکم رٕوٗدمُت اِوٕکنۍ چھُ تس امہِ کہِ اباوتُک احساس گنان......

(ایڈیٹر)

Printed at Jk offset Printers
Jama MasjidDelhi, Ph. 23241368
email. jk_offset@rediffmai.com